©ناشر: سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

چھاپ خانہٕ: میکاف پرنٹرس نئی دہلی

کمپیوٹر کمپوزنگ: جمیلؔ انصاری

مول: فی شمارٕ: داہ روپیہِ

سالانہٕ: پنژاہ روپیہِ

سرورق میسکاٹ کمپیوٹرس سرینگر

شیرازس منز چھپن وٲلس موادس منز گنہِ تہِ ظٲہر کرنہٕ آمِژ رایہِ ستیٚ اِدارُک متفق آسُن چھُنہٕ ضروٗری۔

چِٹھۍ بیترِ سوزنک پتاہ:

ظفرؔ مظفر

ایڈیٹر "شیرازٕ" کٲشُر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز،

لال منڈی سرینگر

# ترتیب

ابسے



ییٚمہِ شُمارُک شأعر



نعت



نظمہٕ

# گوڈ کتھ

کاشرِ شعرِ ادبُک تواریخ چھُ تام پرٛون چھُ، تیوٗتے چھُ باگہِ بوٚرُت تہٕ رنگا رنگ تہِ۔ لل دید چھےٚ سانہِ شعری آسمانچ پرٛزلوٕنی گاشہِ مُنار، یێمہِ حضرتِ شیخ العالمؒ پننہِ بَبہِ دود چاوٕتھ، تِہنزٕن رگن اندر پننہِ فکری آگہی تہٕ تخلیقی صلاحیتن ہُند شیرٕ تہِ واتنوو۔ یتھٕ پاٹھی گریمو دوشوے عظیم گونماتو کاشرِ شاعری ہنز وتھ روشن، یَتھ پتہٕ پکتھ پتہٕ کتی شاعرتہٕ گونمات پن پننہِ آیہ تہٕ اندازٕ شعرونان تہٕ پنُن ناو روشن کران گئے۔ یێتہِ لل دیدِ واکھن ہندِس صوٗرتس منز پننی فکری تجربات بروٚنہہ کُن ترٛاوی، تتہِ دِژ حضرتِ شیخ العالمؒ ہن پننین خیالن تہٕ تجربن شُرکین ہنز صوٗرت۔ یم شُرکی یا گُلہم پاٹھی کلامِ شیخ العالمؒ کتھٕ کنی گرٛتھ پرٛن......؟۔ اَتھ سلسلس منز چھُ پروفیسر حامدی کاشمیری صابن اکھ اہم مقالہ یتھ شمارس اندر شامل، یُس طالبِ علمن تہٕ تحقیق کرن والین ہنز رہبری کرنس منز اتھٕ روٗٹ گرِتھ ہیکہِ۔

یَتھ شمارس منز چھِ بێیہِ تہِ کینژون اہم موضوٗعن پیٹھ مضموٗنو علاوٕ نثری کیو منظوم ترجمہٕ تہِ شامل۔ وومید چھےٚ زِ محترم پرٛن والین کھسہِ یہِ رنگا برنگی ٹارٕ۔

ساہتیہ اکادمی طرفہٕ آو یُہس کاشرِ زبانٕی ہِنٛدِس سرکردٕ لِکھاری، ادیب تہٕ شاعر غلام نبی آتش صابس تِہنٛزِ تحقیقی تہٕ تنقیدی سۄمبرنہٕ "بازیافت" باپتھ ۲۰۰۸ءیک انعام دِنٛک اعلان کرنہٕ۔ اِدارٕ چھ تِمن سو دِلہٕ مُبارک کران۔

کلچرل اکیڈیمی ہِندِ طرفہٕ آو ۲۰۰۷-۲۰۰۸ء باپتھ بہترین کتابن انعامہٕ دِنہٕ یِکس سلسلس منٛز ژۄری مہٕ اکتوبر ۲۰۰۸ء شیرِ کشمیر انٹرنیشنل کنوکیشن سینٹرس منٛز اکہِ پُروقار تقریبہِ ہُنٛد سنٛز کرنہٕ، یتھ اندر مختلف زبانن منٛز لیکھنہٕ آمژن بہترین کتابن ریاست ِکس گورنر جناب این این ووہرا صٲبن اتھہٕ انعامہٕ عطا کرنہٕ آے۔ چنانچہٕ اَتھ سلسلس منٛز آو شریمتی بملا رینہ جی تِہنٛزِ کتابہِ "لل میانہِ نظرِ" باپتھ کاشرِس منٛز لیکھنہٕ آمژِ بہترین کتابہِ ہُنٛد انعامہٕ دِنہٕ۔ اِدارٕ چھُ شریمتی بملا رینہ جی امہِ باپتھ وِژھ وٲنجہِ مُبارک کران۔

اَخرس پیٹھ چھے محترم پرٛن والین گذارش زِ تِم کرن پننو خیالو ستی اسہِ زانیاب، یتھ "شیراز" دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ بہتر پٲٹھی ترتیب دِنس اندر رسائی رہبری سپدِ۔

ظفر مظفر

ایڈیٹر

پروفیسر حامدیؔ کاشمیری ☆

# شیخ العالمؒ سُنٛد کلام کِتھٕ کٔنۍ گٔژھِ پرُن

یہِ کتھ چھےٚ وُنہٕ تحقیق طلب زِ آیا شیخ العالم سٕندی شُرکی آسیا تہنٛزِ زِنٛدِ منٛزٕ نیرنہٕ وِزی ضبطِ تحریرس منٛز اننہٕ یِوان کِنہٕ تِم آسی تٔہنٛدی مُرید یا احباب بیترِ تہنٛزِ زِنٛدٕ بٔہ زِتھ یاداشتس منٛز ژھران تہٕ زبأنی زبأنی شہروگام واتناوان تہٕ وق گُزرنس سٕتی زبأنی روایژٕ موجوٗب آسی تِم یِنہٕ وأرِس زمانس کُن سفر کران۔ چونکہِ شیخ العالم سٕندِ زمانہٕ پتہٕ چھُنہٕ زین العابدین بڈشاہ ہِنس زمانس یعنے پٔنٛدٲہمِہ صدی تام کٲشرِ ہنٛز توأریخ لکھنُک (یتھ منٛز ادبی توأریخ تہِ شأمل چھےٚ) کانٛہہ پَے پتاہ میلان۔ لہٰذا اچھ شیخہٕ شُرکین پٔنٛدٲہمِہ صدی تام واتنٔس تہٕ واتہٕ ناوِرس زبأنی رواتھے اتھ روٗٹ کران روٗزمٕژ تہٕ امِہ پتہٕ آے یم شُرکی کاغذس پیٹھ لکھنہٕ تہٕ نوٗرنا موتہٕ توأریخو ذریعہِ لوٗکن تام واتان واتان وأتی اسِہ تام۔ امِہ کتھِ ہنٛز باوتھ کرنُک مُدعا چھُنہٕ یہِ زِ شیخہٕ شُرکین ہنٛزِ زبأنی روایژٕ یِہِ دَل دِنہٕ بلکہِ چُھ یہِ وُنن مقصوٗد زِ شیخہٕ شُرکین چھےٚ گوڈٕ پیٹھےٚ لکھنہٕ بجایہِ زبأنی ورتاوٕچ (شیخ العالم آسی نہٕ پانہٕ لکھِ پٕرزانان) روایت روٗزمٕژ تہٕ وُنہِ چھِ یہِ روایت، بامے صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندی شوقین آسی تن یا ژارِکی ریٚشی یا نعت تہٕ منقبت خوان یا تحت اللفظ

---

☆ میرک آباد شالیمار، سرینگر

پرن وأل ،شوقہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان ورتاوان۔امیک اکھ رُت نتیجہ چُھ یہِ دِزٕ امُت زِ
تِہُنٛد کلام چُھ عامن کیٚو خاصن تام واتنس تہٕ غار معمۆلی مقبولیت حأصل کرنس منٛز
کامیاب رُود مُت۔امہِ ستی چُھ یہِ کلام دوہ دِشچو، کتھو، کہاوژو تہٕ اقوالو یا خطابیہ
شأعری یا خطابتکی پأٹھی زبأنی ترسیلچہِ عملہِ ہُند باس دِوان رُود مُت تہٕ امیک تخلیقی
ادبر تہٕ گوبر، پیچیدگی تہٕ نپہ ناوَے،یوسہٕ تحریرٕکس صوٗرتس منٛز وارٕ پأٹھی ئنٕ چھےٚ
نیران تہٕ پنٕن وجوٗدی Ontological آسُن مأنہِ راوان، چھےٚ ہنا ژھاپتس
گأمژ۔میأنی یہِ کتھ گِوھنہٕ یتھ کتھِ کُن ہنہٕ ستیٚ زِ شیچہِ شُرکی یا بییٚن شأعرن ہُند
کلام گِوھنہٕ زبأنی ورتاوس یُن یا یہِ چھُنہٕ زبأنی ورتاوس آمُت یا امہِ ستی چُھ اَتھ
خدانہ خواستہٕ کانٛہہ ددارٕ واتان یا ووتمُت چھُس۔ پزر چُھ یہِ زِ شأعری چھےٚ زبأنی
ورتاوس لرِلوٚر رُوزموتہٕ شیخ العالم سُنٛد کلام تہِ چُھ زبأنی ورتاوس یِوان تہٕ خوٚش
الحأنی سان پیش کرنہٕ یِوان تہٕ اَتھ چھُنہٕ کینٛہہ تہِ چھونان بلکہِ چھُس پننہِ اثر
انگیزی منٛز ہُر بر گوٚھان رُود مُت۔مگر یہِ گتھ ہکونہٕ مُشرأوِتھ زِ امیُک تحریری صوٗرژ
ہنٛز بُنیأدی لفظی توعیت یۆ دوَے زبأنی پھرنہٕ نِشہِ بدوٗن گوِھنہٕ،امایوٚز پرنٹ
میڈیا یا ژنگی چُھ یہِ اکھ ٹھوس تہٕ پوشہِ وٗن بصری وجوٗد پزٕ اُوِتھ نوٚن نیران، زبأنی
ورتاوس تام محدوٗد کرنہٕ ستی چُھ یہِ اکھ نہ درنگ تہٕ نہ روزنگ احساس پأدٕ کران۔
ژارٕکی ریٚشی چھِ مُنٛدنین آنگنس منٛز أژِتھ شُرکی باوان تہٕ اکھ مخصوٗص فضا پأدٕ
کران۔مگر تِہنٛدِ نیرنہٕ پتے چُھ یہِ فضا دُنیأوی چُرِی گیٚشس منٛز راوان۔اَتھ
برعکس چھےٚ تحریری صوٗرت یمن اکھ پوشہِ وٗن تہٕ باس دِنک وجوٗد بخشان تہٕ بقول

بارتھ ''یہِ چھُ کلام یُس کاغزس پیٹھ خاموش آسنہٕ باوجوٗد زوٗزبتہٕ چھُ تھوان تہٕ یتھے پرن وول یہِ پران چھُ، یہِ چھُ کتھ ہوان کرُن تہٕ پژ بتھ ساعتہٕ پرنچہِ عملہِ دوران پننہِ زِندٕ آسنک شبوٗت دِوان''۔ بارتھ چھُ مزید ونان زِ کلام چھُ تحریری صوٗرژ منز Monumentality ہُند درجہِ لبان، یُس نہٕ تتھ تکلّم چہِ زبانٕی Spoken languageپیٹھے انحصار کرِتھ ہیکہِ اٲستھ تہٕ یُس نہٕ شیچہٕ شُرکمن وٕرِیہِ وادن روٗ دمُت چھُ۔ ووٗنی ییلہِ تہنٛدِ کلامک متن مدوّن چھُ سپدان تہٕ تحریری صوٗرتس منز بڑوٗنٹھ کُن یوان، تہنٛدِ کلامٕچ لسانٕی تہٕ ہیٔتی صوٗرت چھےٚ پوٗرٕ طاقتہٕ سان پننہٕ اہمیت مانہِ راوان۔ امہِ ستی چھےٚ امِچ لِسانٕی خود مکتفی تہٕ تصوٗراتی لحاظہٕ ادارتی شانInstitutional Grandeurتُنٛرنیران۔

یہِ چھُ پوٚز زِ زبانٕی یا ترسیلی روایژ چھُ کلامِ شیخ چہِ مقبولیژ منز ہُر بر کوٚرمُت۔ یہِ چھُ شہر وگام لوٗکن تام ووتمُت، زبانٕی زبانٕی لوٗکن تام واتنہٕ تہٕ تہنٛدِس یاداشتس منز جاے رٹنہٕ کِنی چھُنہٕ یہِ پرنٛچ کانٛہہ ضابطہٕ بندیMethodologyیا پرٕنک کلچر قایم کرِتھ ہیوٚ کمُت۔ نتیجہِ چھُ یہِ دژ امُت زِ امہِ کہِ مولہٕ وِچھ کانٛہہ راے تژاے چھُنہٕ بڑوٗنٛہہ کُن آمژ، یعنے قدر شناسی ہنٛدی تتھی پیمانہٕ چھُنہٕ وجوٗدس منز آمتی یِم یمن ہنٛزٕ تخلیقی پیچیدگی یا سِنٛزٕ کی راز دریافت کرٕہَن۔ یِمو چھےٚ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ''از دل خیزد و بر دل ریزدٕ کی'' اصوٗل پانہٕ ناوِی مِتی، یِم اصوٗل چھِ مختصراً دون کتھن بڑوٗنٛہہ کُن انان روٗ دی مِتی۔

ا۔ شعر چھُ شاعر سنٛزٕ شخصیژک یعنے تمی سنٛد بن خیالن، عقیدن یا نفسیاتک

اظہار۔

۲۔ شعر چھُ کانہہ سونچمت موضوع یا مواد مثلاً سماجی کھسہٕ وَس یا اخلاقیات پیش کران۔

شیخہٕ شُرٕ کین متعلق رُؤ دی گُلہم پأٹھی تحسین شِناسی ہندی یِمے اصوٗل ورتاونہٕ یوان تہٕ یِمہٕ وِے ستی آیہٕ شیخ العالمہٕ سنٛز شخصیت تہٕ تِہنٛدی اخلاقی تہٕ مذہبی خیالات مشخص کرنہٕ تہٕ تِہنٛدی شُرٕ کی آے نَنہِ وانہٕ تِہنٛدِ بن خیالن ہنٛدی اظہار قرار دِنہٕ، شیخ العالمہؒ سنٛد بن شُرٕ کین سام ہینگ یہٕ طریقہٕ رُؤ د عام۔ اَتھ رُؤ دخو دِ شیخ العالمہٕ سنٛز زندگی، تعلیمات، مذہبی خیالات تہٕ ریٛشت تہِ ڈٕکھس تہٕ ستی رُؤ دُس شُرٕ کین ہُنٛد انہار، آہنگ، موضوع تہٕ اسلوب تہِ گوڈ بران۔ شیخ العالمؒ اُسی کشیرِ ہنٛدِس توأرٟخس منٛز مختلف تہذیبی تہٕ توأریخی قوٗژن ہنٛدِس ٹکراوس تہٕ اَکس غأر معمولی توأریخی دورس منٛز اکھ مذہبی تہٕ اصلأحی مِشن ہیتھ آمتی تہٕ تم اُسی سیٛدِ سیوٗ د کأشرٕ بن مخأطب تہٕ پانہٕ پنٛنہِ کلامچ ترسیلی اہمیت قأیم کران تہٕ تِہنٛد واریاہ کلام چھُ ترسیلی تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔ امیک نتیجہِ دژ اویہٕ زِ تِہنٛز واعظانہٕ تہٕ مصلحانہٕ حیثیت آیہٕ بارسس تہٕ تِہنٛدی شأعرانہٕ خیٛنیس رُؤ د پتھ کُن۔

یہِ تنقیدی طریقہٕ یُس کأشرِس اوسنہٕ بلکہِ عالمی ادبس منٛز رأیج چھُ رُؤدمُت، چھُ ادبکی تہٕ غأر ادبکی حدوٗد بیٛون بیٛون کرنس منٛز تھوس انان رُؤدمُت۔ یعنے شأعری چھےٚ شأعرِ سنٛزِ شخصیتک تہٕ کُنہِ ...... موضوعک اظہار قرار دِنہٕ ستی پنُن قایم بالذات وجوٗد اَکتھ کُن ترٛاوِتھ کُنہِ مقصد کہِ اظہارٕچ ذریعہٕ

بنان روٗزٕہٕ۔ یہِ عمل چھےٚ مُروجہِ تنقیدی سۆتھرِس پیٹھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شعر چہِ تشریحہِ خاطرٕ وَتھ بناوان روٗزٕہٕ تہٕ شارِحینَو چھُ اَمیُک فأیدٕ تُلتھ تنقید محض تشریح بنأوہٕ۔ تشریحہِ موجوٗب چھُ شعر کُنہِ اکہِ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معنیِہ کہِ واتہٕ ناوِرُک ذریعہٕ بنان تہٕ امہِ سِتۍ چھےٚ شاعرٕ سٕنز پٔنٕنۍ شناخت نٕہناونہٕ یِوان، شاعری چھےٚ بیٚیَن لفظی اظہارن مثلن نثرٕ کی پأٹھۍ لفظوٕ ستی پٔنُن وجوٗد لبان، اما پوٚز نثرٕس مقابلہٕ چھےٚ یہِ زبأنی ہُند اکھ الگ تہٕ نٔرل تخلیقی ورتاو وجوٗدس انان۔ لہٰذا چھےٚ تنقیدٕچ کأم یہِ کھرٕ کرُن سپدان زِ تخلیق کتھٕ کٕنۍ چھےٚ لِسأنی تہٕ ہیٔتی اصول عملاوان تہٕ پٔنُن وبکھُت زِندٕ تہٕ ازأنی وجوٗد پرٛاوان، تنقید کہِ امہِ طریقہٕ سِتۍ چھےٚ شعر پرٕنکۍ تہٕ پرکھاوٕنکۍ طریقہٕ پرٛأنی تہٕ بےٚ توٗژھ آسنک باس دِوان۔ گوڈٕنی چھُ یہِ نظریہ پرٛون باسانٕ زِ شاعری چھےٚ شاعرٕ سٕنزِ شخصیژ ہُند سیٚدِ سیٚوٗد اظہار۔ شاعرٕ سٕنز شخصیت ہیکہِ تمۍ سٕند بن نثری تحریرن یا خطن منٛزٕ نٔی پأٹھۍ باوَتھ لبتھ نہ کہِ تمۍ سٕنزِ شاعری منٛز۔ شاعری برعکس چھُ نثرٕس یا خطن منٛز متکلم پانہٕ مصنف تہٕ مُخأطب چھُ سُہ نفر یُس حقیقی پأٹھۍ موجوٗد آسہِ تہٕ یہِ کینٛژھا مصنف وَنُن آسہِ یژھان سُہ وَنہِ تہٕ تہٕ واتناوِ تہِ۔ یہِ عمل چھَنہٕ شاعری پیٹھ منطبق گژھان، شاعری منٛز چھُنہٕ شاعر موجوٗد روزان بلکہِ چھُ تمِس بجایہِ اکھ کردار (Persona) ووتلان، یُس فرضی چھُ آسان تہٕ یُس لفظہٕ پتہٕ لفظہٕ پٔنٕنۍ خولہٕ خطأنٕۍ چھُ کڈان۔ غالبؔ سٕنزِ شاعری منٛز یُس کردار دژ اینٛٹھۍ چھُ گژھان سُہ چھُ اصلی غالبس نِشہِ مختلف۔ تِتھےٚ کٕنۍ یُس حرکی تہٕ انقلأبی کردار اقبالؔ نہِ شاعری منٛز ووتلان چھُ سُہ چھُنہٕ اصلی اقبالؔس ستۍ واٹھ

کھوان۔ غالبَن سنزِ شاعری ہُند یوٚ ہے فرضی کردار چھُ اَکِس فرضی دُنیاہس منز خطاب کران تہٕ مُخاطب تہِ چھُنہٕ حقیقی فرد بلکہِ فرضی کردار، یُس اَمی فرضی دُنیاہُک چھُ آسان۔ کردار تہٕ واقعہُک عمل تہٕ ردِعمل چھُ اکھ ڈرامائی صوٗرتِ حال پٲدٕ کران۔ فرضی متکلم یُس فرضی دُنیاہُک روزن وول چھُ، ہیکہِ نہٕ حقیقی دُنیاہکس انسانس خطاب کٔرِتھ، یہِ چھُنہٕ منطقی لحاظہٕ ممکن، یِنہٕ تِہِ نس چھُ سوال پٲدٕ گوٚھان زِ اگر شاعرانہٕ کردار پَرَن وٲلِس، یُس حقیقی انسان چھُ، چھُنہٕ مُخاطب آسان تیٚلہِ کوسہٕ حیثیت چھےٚ متنہٕ کہِ حوالہٕ پرن وٲلِس روزان۔ امہِ سوالُک جواب دیُن چھُنہٕ سہل ۔ وُنی کین چھِ وارِیاہ ساختیاتی نقاد یمن منز گرلز، ایز رفائٹر، ہالینڈ تہٕ سٹنلے فِش وغارٕ شامِل چھِ اَتھ سوالس دَل دِوان تہٕ پننہِ ادراکہٕ تہٕ بترِ موجوٗب اَتھ جواب دِنٕچ کوٚشش کران تہٕ تم چھےٚ Reader response theory تہٕ Phenomenology ہِندی نظرِیہ پیش کران۔

یہِ سوچُن تہِ چھُنہٕ صحی زِ لفظہٕ ترتیبہٕ ستی یہِ کینژھا وتلان چھُ سُہ چھُ سُہ کانٛہہ مجرد خیال آسان یُس شاعرٕ سِندِس ذِہنس منز آسان چھُ۔ اَتھ برعکس چھُ یہِ اکھ آزاد، خودمُختار تہٕ لنگ لنٛجہ کڈن وول تجرُبہ، یَتھ مُتعلق جوناتھن کلر چھُ ونان زِ "امکی فرضی تہٕ بیٚتی اوصاف چھِ وو پہ رائزی، قوّت، انضباط تہٕ پایداٚری ٹنٛگ کڈان، یِم عمومی تقریرس نِشہِ بدوٚن چھِ آسان"۔ یہِ چھُ گویا اکہِ نوِ تجرُبہٕ منزٕ گذرنُک عمل۔ امہِ تجرُبٕچ خصوٗصیت چھےٚ یہِ زِ یہِ چھُ شاعرس نِشہِ الگ آسنہٕ تہٕ حقیقی زندگی نِشہِ بدوٚن آسنہٕ یعنے مکمل فرضیتہٕ باوجوٗد پَرَن وٲلِس نال ولان تہٕ

پننہِ آیہِ زندگی ہُنٛد شعوٗر عطا کران۔ یہِ چھ پرَن وأٲلِس شعوٗرچہِ تبدیلی ہُنٛد بأعث بنان تہٕ بقولِ وِلیم رے'' اَمیُک معروٗض چھ پرَن وأٲلِس حقیقی بوزنہٕ یِوان تہٕ ستی ٹھوس حقیقؤ نِشہِ لاتعلق تہِ آسان'' Blanchot چھ ونان:

'' یہِ چھ اسہِ پانس کُن کُشش کران...... دنیا مُشراوان، تَتھ جایہِ واتناوان یِیتہِ نہٕ دنیا آسان چھ۔ یہِ چھ پانس ستی نوان، پنُن پان نہٕ نوٗن کڈان، توتہِ پننہِ تمہِ موجوٗدگی ہُنٛد اثبات کران یوسہِ Temporal present تہٕ Special presence نِشہِ لاتعلق چھےٚ''۔

یہِ چھ علامتی وجوٗد پڑاوان تہٕ پننہِ وجوٗدُک اثبات کران، امیُک مطلب چھ یہِ زِ شعرُک متن چھ بُنیأدی اہمیت تھاوان۔ یہِ متن چھ شاعرس نِشہِ تھنہٕ پننہٕ پتہٕ پنٕنی ذاتھ تہٕ زُوز بتہٕ پڑاوان۔

امہِ نقطۂ نظرِ یہِ کَنِی ہیکہِ یہِ سوال پأدٕ گژھتھ زِ شأعری (خواہ قدیم آسہِ یا جدید) ہُنٛد وجوٗد تسلیم کرِتھ کیاہ چھ امہِ کہِ پرَنُک تہٕ پزٕ ناوُنُک طریقہٕ؟ یوٗ تام امہِ کہِ پرٕنُک سوال چھ اَتھ منٛز چھےٚ تبدیلی اِنٛج ضروٗرت ناگزیر۔

متن چھ اکھ لِسأنی وجوٗد تہٕ امہِ کِس تجرُبس ستی ووتلنہٕ تہٕ بوڈنہٕ خأطرٕ چھ پرَنُک طریقہٕ صحی تناظرس منٛز اَنُن مَسلہٕ بنتھ یِوان۔ Reader response theory موجوٗب چھےٚ پرن وأٲلی ہنٛز نظر جمالیأتی تہٕ ثقافتی احساس تہٕ لِسأنی شعوٗر شرطِ اوّلُک درجہٕ تھاوان یُس متنس منٛز ووتلن وأٲلِس تجرُبس ستی تحلیل چھ گژھان۔ اما پوٗز قأرِیس چھ متنہٕ کہِ لِسأنی سِٹرکچرُک شعوٗر لازماً پأدٕ کرُن۔

متنُک لِسانی شعور گوو متنکے لِسانی شعور، یُس تجربہِ چُھ بنان نہ کہِ پننہِ عقیدٕ، رائے تہٕ ائے یا نظریہ زورٕ اَتھ پُشراوِنی، متن یہِ چُھ تہٕ یہِ وُنہِ تی وُچھن تہٕ تی بوزُن۔ بقولِ بروکس ''نظم چھےٚ تی ونان یہِ نظم چھےٚ ونان''۔ متنُک کانٛہہ حصہٕ یا کانٛہہ لفظ پسِ پُشت ترٛاوِتھ اَتھ منٛز پننہِ خیال وِیُپراوِنی چھُ امہِ کِس لِسانی نظامس تہہ وبالا کرنٕچ عمل۔ تِتھےٚ کٔنہِ متنکہِ لفظ اَکِتھ کُن ترٛاوِتھ تہٕ متن طے کرِ خیالُک یا نظریُک بیان گنٛزراوِتھ اَمِچ تشریح کرٕنی چھُ امیک اصلی وجوٗد نظرانداز کرنس برابر۔ کلامِ شیخہ چہِ تشریحات چھےٚ عام پأٹھی عالمانہٕ سوٚتھرِس پیٹھ کرنہٕ یوان تہٕ امیک معنہِ مطلب وبوٗھناوان۔ معنہِ مطلب وبوٗھناوُنک طریقہٕ چُھ شارحین مرغوبِ خاطر روٗدمُت۔ تشریح کاری چھےٚ ادبہٕ علاوٕ مذہبیات، سماجیات، قونون تہٕ سماجی علومن منٛز تہٕ مقبوٗل روٗزمٕت۔ چنانٛچہِ ادبس منٛز چھےٚ ہومر ہندٮ۪ن رزمیَن تہٕ مذہبس منٛز چھےٚ حدیثن ہنٛز تشریح امِچ مثال۔ موجوٗدٕ دورس منٛز چھےٚ تشریح Hermeneutic ناوٕ ادب شنٲسی ہُند اکھ طریقہٕ کار مانٛنہٕ یوان۔ یَتھ جرمنی ہندٮ۪ شلاماخرتہٕ گدامرن ضابطہٕ بندی کٔر۔ کلامِ شیخ العالمس متعلق چھےٚ یہِ کٲم غلام نبی گوہرن تہٕ اسداللہ آفاقی ین اند واتناوِمٕژ۔

شُرکین متعلق چُھ یہِ خیال مُروج روٗدمُت زِ شُرکی چھِ تکلم یا تخاطُبچ صوٗرت تہٕ یِم چھِ تِم معنہِ پیش کران یِم شاعرٕ سٕندِس ذِہنس منٛز موجوٗد چھِ آسٕمتی۔ اَتھ تنقیدی طریقس چھےٚ بہرحال سوٚے اہمیت یوسہٕ تشریحی کامہِ چھےٚ۔ شیخ العالمہٕ سنٛز بسیار پاسل شخصیت، تہُند مذہبی شعوٗر، کٲشریُت، سماجی تہٕ سیٲسی

آگاہی ہُنٛد اخلاقی نظریہ تہٕ وحدانیتُک تصوّر ووبُھناوُنٕچ کام چھےٚ یقیناً قابلِ قدر تہٕ تہُنٛد کلام چھ امیک متحمل تہٕ تہٕ Common senseرٕنٛگۍ تہٕ چُھ یہ صحی۔ مگر کتھ چھےٚ واتان ییٚہ توٚتہٕ زِ تہُنٛد کلام چھا یمن نظریاتن ہنٛز راست باوتھ کران؟ اگر امیک جواب اثباتس منٛز چھ تیٚلہِ چُھ شُرٕ کمن ہنٛدِس تخلیقی وجوٗدس پیٹھ سوالیہ نشان لگان، مگر پزر چھ یہ زِ تم چھِ (تمو منٛزٕ وارِیاہ) تخلیق کس اسمانس پیٹھ جاے رٹِتھ تہٕ کاغذس پیٹھ جسمٲنی رٕنٛگۍ پرن والۍ ہنٛدِ خاطرٕ اکھ بوٚڑ چلینج بنان۔

اَتھ چلینجس مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ چُھ شُرٕ کمن ہُنٛد انفرادی تہٕ آزاد وجوٗد تسلیم گرِتھ، امہِ کمن تجربن ہنٛدِ روٗح رکانٕچ، ووٚتلنٕچ، پھٲلنٕچ تہٕ واش کڈنٕچہِ عملہِ گوڑ انوارٕ دِنۍ تہٕ یہ مانُن زِ تجربس تہٕ شاعرِ سنٛز اصلی زندگی منٛز ہشر ژھانڈُن چھنہٕ شاعرانہٕ اصوٗلو تہٕ منطقہٕ موجوٗب صحی۔ ووں گوٚو کینٛہہ استثنٲیی مثالہٕ (مثلن خود شیخ العالمہٕ سنٛز) ہیکن اَسِتھ۔ تہُنٛد واریاہ کلام چُھ سیٛدِ سیٛو دِ تہُنٛد بن خیالاتن سۍتۍ ہشر تھاوان۔ اماپوٚز یژھو مثالو سۍتۍ ہیکہِ نہٕ اصوٗلن تبدیلی یِتھ۔ اقبالنۍ یا حسرت موہانی سنٛز شاعری چھےٚ نہٕ تہنٛزٕ زندگی سۍتۍ کانٛہہ واٹھ تھوان۔

لہٰذا چُھ یہ مانُن زِ یہ چھےٚ لفظن ہنٛز کارگزٲری یوسہٕ تجربس بدِ پھےٚ کڈان تہٕ پھانٛپھلاوان۔ شعرس منٛز لفظن ہُنٛد ورتاو چھنہٕ لغوی یا دوہ دِشچہِ زبٲنۍ ہنٛد بن معنیَن پابند روزان۔ شعرس منٛز ورتاوس بتھِ چُھ لفظن ہُنٛد ڈیکہٕ لون بدلان، تم چھِ استعارٲتی تہٕ علامتی ورتاوٕ سۍتۍ زبٲنۍ ہنٛدِ واتہٕ ناوِرٕ نِشہِ پتھ ہوان تہٕ اکھ جدلیٲتی عمل ورتاوِتھ انسلاکٲتی وسجارس پیٹھ حاوی گژھان تہٕ نوۍ تہٕ ازٲنۍ

جہات پڑ بڑلاوان۔ استعارو، تشبیہو تہٕ علامتوٚ ڈٖسی چھ تھٔنہٕ پیٚنہٕ ووٚل تجرُبہٕ طرفا تن ژُن واش کڈان۔ اَتھ عملہٕ منٛز چھ اکھ سیٚو دساد لفظ تہٕ پننِس سیاقس منٛز معجزٕ کأری کران، یہِ چھُ کلیدی لفظ بنان۔ غالبہٕ سٕندِس ''بات پرواں زباں کٹتی ہے'' مِصرعس منٛز لفظِ ''واں'' یا شیخ العالمؒ سٕندِس شُرکس منٛز ''اتہِ کھورٕ ڈُکھ رادا دِتھ'' شُرکس منٛز لفظِ ''اتہِ'' چھےٚ اَچھ مثال۔

شأعرانہٕ تجرُبہٕ چھُ ہیتّی اصوٗلو تہٕ رِوایژ و موجوٗب کُلیتگ رُجحان بارسس انان۔ یہِ چھُ شعر تخلیق کرنک عمل یُس فنکارانہٕ پَیوستگی تہٕ نظم و ضبطس ستی ممکن چھُ سپدان۔ شعرس منٛز کُلیتکہِ تصوّرٕ چ پاسدأری ہُند مطلب چھُنہٕ یہِ ژُنہِ حد بندی منٛز بند کرُن۔ بجن نظمن ہنٛز ذکر تژ آوی تو، لو کچہِ نظمہٕ، شُرکی، واکھ، قطعہٕ یا غزلہٕ ہٕندی بیٚون بیٚون شعرتہِ چھِ کُلیتکہِ تصورٕ چ رأچھ کران، تِتھے کٔنٛژ یتھٕ کٔنٛژ کینٛواسس پیٹھ مصوّرس ہنٛز اکھ بج رِکھ یا موسیقار سُند اکھ سُر یا نیٚون واجنہٕ ہنٛز اکھ گژ اے چھےٚ وسیع تجرُبس وحاطہٕ کران۔

شیخہٕ شُرکی پرَن وِزِ چھُنہٕ یمو منٛز معنہِ مطلب کڈنس پتہٕ روزُن، اسہِ چھُ یمن منٛز لفظہٕ ڈٖسی ووتلنہٕ والین دقیع تہٕ گاشری تجرُبن ستی لُسُن تہٕ بسُن تہٕ یمن منٛز پنُن پان راوٕرُن تہٕ لبُن۔ یوٚ دوٚے أسی فقط معنہِ مطلبس لأرکی روزَو تیلہِ چھِ أسی یمنٛز تخلیقی نوعیت تہٕ وُقعت پَتھ کُن تژ اوان۔ شیخ العالمؒ چھِ بڈٕ عألمِ دٖین، ریٚشی، مُبلّغ، دأنشور تہٕ مُفکّر۔ مگر ستی چھِ تِم بڈٕی تخلیق کار تہِ۔ تِمو چھےٚ تٔنہِ وانہٕ پننین شُرکین کُن متوجہِ سپدن چہِ خأہشہِ ہُند اظہار کوٚرمُت تہٕ شأعری منٛز چھُ تِہُند

مقام تھوٚ دتہٕ محفوظ۔ پانہٕ چھکھ وۄنمُت ''یمن پدن مےٚ وبۄار گوٚ ژُھے''۔ تہُنٛد یہِ وُنُن تہِ چھُ ژ کہِ تہُنٛد کلام پرنُک طریقہٕ بدِ کڈنُک مسلہٕ۔ لہٰذا چھُ اسہِ یہِ وُچھُن زِ تہُنٛدِ کلامُک لسانی عمل کیاہ چھُ۔ بقولِ بارتھؔ ''شعر چھُ تہَن سطحن تہٕ نظامن ہُنٛد اکھ تعمیر، یمیُک جسم پتولاکن کانٛہہ وونہٕ، گوٚجی، رازتہٕ غارتخفیف پذیر اصوٗل چھنہٕ تھوان سِوائے پنَنین غلافن ہنٛز لامتناہیت''۔ گوٚ وسُہ چھِ معنہٕ مطلبس مُسترد کران تہٕ اَتھ بجایہِ امہِ کِس شعریاتس اہمیت دِوان، تاہم ساختیأتی تنقید چھےٚ یَتھ کتھِ انکأری زِ شعریات چھےٚ آخرکار معنیاتس کُن نِوان۔ یعنے یہِ ونان زِ شاعری چھےٚ کُنہِ نتہٕ کُنہِ معنیس کُن پیش قدمی کران یا امہِ کین حالاتن (Conditions) کُن اشارٕ کران۔ چنانچہِ مَعنیس التواہس منٛز تھاوِنچ کتھ کرنہٕ باوجوٗد چھُ سُہ بقولِ کُلر تشریحی عملہِ کُن نِوان۔ ساختیأتی تنقید کِس اَتھ طریقس ستی چھےٚ اختلافچ گُنجأیش، سُہ چھُ بڈِ ہٹہِ تشریح مُسترد کٔرِتھ شعرٕچ لسأنی ساخت بارسس انان تہٕ پوٚتس بییہِ تشریح کتھ کران۔ میٲون خیال چھُ تنقیدٕچ اصلی کأم چھےٚ پرنُک خاص طریقہٕ ورتأوِتھ شعرُک ملفوف تجرُبہٕ پرٛزناوُن تہٕ اُمیُک پرَن والین پیٹھ انکشاف کرُن۔ اکتشأفی کأم اند واتناونہٕ برٛونٛہہ تشریحی کأم بدست نِنہٕ گوٚو گرِس برٛونٛہہ ٹانگہٕ گنٛڈنس برابر، یعنے شعرٕکی تخلیقی تقاضہٕ پرٛزناونہٕ نِشہِ انکار کرُن۔

الغرض تنقیدُک اکتشأفی عمل چھُ بنیأدی طور شعر پرنُک طریقہٕ یُس سوٚن، تہہ دار تہٕ سنہٕ وُن تہٕ ژکہِ تجرُبہٕ سرٕ کرنُک طریقہٕ چُھ۔ یہِ کتھ مأنِتھ چھُ شعرس نکھہٕ یُن زِ یہِ چھُ لفظن ہُنٛد مجموعہٕ تہٕ اَتھ منٛز چھِ لفظ خودمختأری سان عمل

کرِتھ أندری أندری پننہٕ معنیأتی امکانات ووتلاوان تہٕ پزٕ بتھ لفظکۍ صوتی، حسیأتی تہٕ تلأزمی خصأیص پزٕ زِناوٕنی، أمیک ہیٔتی نظام، وزن، قافیہٕ تہٕ آہنگ بیترِ محسوٗس کرٕنی تہٕ تجرُبہٕ بدِ کڈنس منز تہنٛد رول سر کرُن ۔ یہِ چھنہٕ لُغتہٕ ڈٕسی لفظن ہنٛدی معنہِ ژارٕنی یاو بڑھناوٕنی، یہِ چھُ شعرِ کس فِضہس منز اژُن ییٚتہِ اکھ فرضی کردار بطورِ متکلم چھُ ووتلان تہٕ فرضی نفرس یا لوٗکن سٕتی کلام کران تہٕ اَتھ منز چھُ کردار تہٕ واٲہنک Interaction بامل یِوان تہٕ اکھ ڈرامأیی صورتِ حال وو پدان ۔ یوسہٕ پرَن وألِس تجسُس تہٕ حأرتھ پأدٕ کران چھےٚ تہٕ سُہ چھُ پانہٕ اکھ Receiptive کردار بٔنتھ داستانوی مُہمہِ منز ہینہٕ یِوان تہٕ تتھٕ کٔنی جمالیأتی تہٕ فِکری طور مُتأثر گژھان یتھٕ کٔنی اصلی زندگی منز ممکن چھنہٕ۔

شیخہٕ شُرکی مولہٕ ناونہٕ خأطرٕ چھےٚ أتھی تنقیدی طریقس کأم ہیٚنی۔ یہِ چھےٚ شُرکین ہنٛز بازآفرینی تہٕ قدرسنجی ہنٛزِ عملہِ دس تُلُن ۔ امہِ طریقہٕ شُرکین ہنٛز قرأت ہیکہِ نہٕ صرف شیخ العالمہٕ سُنٛد تھزر تہٕ بجرکھرٕ کرِتھ بلکہِ زندگی، سماج، انسان، کاینات، موت تہٕ خالقِ کاینٲتس متعلق تہنٛدِ شعوٗرچ اکھ نٔوتہٕ وسیع آگٲہی عام کرِتھ ۔ مِثالہِ خأطرٕ وُچھو یہِ شُرک:

دمی ڈیُٹھُم شبنم پوان     دمی ڈیُٹھُم پوان سوٗر
دمی ڈیُٹھُم گٹہٕ پچھ ہوان     دمی ڈیُٹھُم پھولہٕ وُن نوٗر

کتھ کتھٕ کٔنی ییہِ پرنہٕ:

شُرکیک گوڑنِکی لفظ "دمی ڈیُٹھُم" پرِتھے یُس متکلم بزٕ وٕنہہ کُن چھُ یِوان

سُہ چُھ پَنٕنہِ مُشاہدٕ کرٕنچہِ عملہِ منٛز باوتھ کران تہٕ لفظ ''ڈیوٚڈھُم'' مُتوأتر وٕرتاوٕنہٕ ستی چُھ سُہ پَنٕنہِ مُشاہدٕ کرٕنہٕ کہِ بدلوٗنہِ تناظرُک باس دِوان۔ سُہ چُھ صاحبِ نظر تہٕ عأرف باسان تہٕ کشفہٕ منٛزٕ گُزراں گزراں چُھ انکشاف کران زِ تمس چھِ أچھن تل ژِہن منٛز زمان ومکانٕکی مُظاہرٕ بدلان۔ دمی چھُ سُہ وُچھان شبنم پېوان تہٕ دمی چھُ موسم بدلتھ ہِشنہٕ گرٕد پېوان یا سوٗر پېوان۔ دمی چُھ سُہ گٹہٕ پچھس منٛز ولنہٕ یِوان تہٕ دمی چُھ تس پھولہٕ وُن نوٗر درٕ ینٛژھی گژھان۔ سُہ چُھ پنٕن روحأنی تجرُبہٕ پننین مُریدن یا عقیدت منٛدن ونان تہٕ تمہٕ ہِنٛدِ لۄچک اوبر تہٕ گوبر حأرأنی تہٕ طمأنیت چھےٚ ووتلن وأٔلس تحیرأتی تجرُبس دربر بخشان تہٕ پربٕژھن والین منٛز فرضی موجوٗدگی چھےٚ شبقہٕ گژھان۔ یوٚ دوَے یہِ خودکلأمی چھےٚ تیٚلہِ چُھ مُتکلم پانس ستی یہِ تجربہٕ Share کران تہٕ راوان۔ یہِ روٗحأنی تجرُبہٕ چھ زمان ومکانٕکس روأیتی تصوّرس مُسترد کران تہٕ امیک تخلیقی شعوٗر بڑٕ وٕنہہ گُن انان۔ روأیتی وقتُک تصوّر چھ ژِیہہ پتہٕ ژِیہہ وق گُزرُنک تہٕ اکہِ پتہٕ اکہِ واقعاتن ہُنٛد تسلسُل وار اظہار۔ اَتھ برعکس چُھ وقتُک تخلیقی شعوٗر وجوٗدٕکس سنٛزرس منٛز وجوٗدکہِ توسطٕے مختلف زمأنی واقعہن پانہٕ وأنی رلاوان تہٕ مربوط کران۔ یہِ چُھ غأر مُسلسل آسان تہٕ أکی سے ژِہس منٛز وقتُک ابدی مظہر بنان۔ شیخ العالمہٕ ہِنٛدِس یتھ شُرٕکس منٛز چُھ وقتُک تخلیقی شعوٗر بدٕ کڈنہٕ خأطرٕ لفظِ ''دمی'' تہٕ امہِ کس ووج دِنس پیٹھ توجہ کرُن ضروٗری۔ ہرگاہ ژٕونٛی مصرعن منٛز لفظِ ''دمی'' بیٚون بیٚون زانٕنہٕ ین، تیٚلہِ چُھ وقتُک سلسلہٕ وار (Serial) تصور بڑٕ وٕنہہ گُن یِوان یُس عام تہٕ دینوی تصوّر

چھ، یتھ شاعری منز کانہہ جاے چھینہٕ۔ شیخ العالمؒ چھِ صاحبِ بصیرت تہٕ تموٚ چھ علامہ اقبالؔ سٕندی پأٹھی وقتہٕ کہِ خألص بہاوٕک (دورانک) تصوّر پیش کوٚرمُت۔ یمہِ موجوٗب ژونوٗنی مصرعن ہٕندی مختلف واقعہٕ چھِ أکی ہے دمس منز ظہوٗر لبان تہٕ تمن چھُنہٕ کانہہ زمأنی یا مکأنی بعُد روزان۔ یہِ چھُ روٗحأنی تجربہٕ تہٕ یہِ چھُ تموٚ پننہِ وجوٗدچہِ آگأہی ستی پرٛوومُت تہٕ اتھ Realisation تہٕ صوٗرت گری چھےٚ تموٚ شاعرانہٕ عملہِ ستی بدس أنی ہیوٚ۔ چنانچہِ لفظِ ''دمی'' چھُ شُرٛکس منز أکی ہے دمس پیٹھ دلالت کران۔ روٗدوجوٗدچہِ آگأہی ہُند سوال، سُہ تہِ چھُ لفظن ہٕندِ تخلیقی ورتاوٕ ستی شبقہٕ گوٚہان تہٕ لفظِ ''ڈیوٚٹھم'' چھُ واحدِ متکلمہ سٕندِ وجوٗدی شعوٗرکہِ تجربُک باوتھ کران۔ لہٰذا چھُ یہِ وَنُن صحی زِ شاعری منز چھےٚنہٕ صرف خأرجی حقیقتکی موجوٗدات تہٕ مُظاہرٕ ے یأتی صوٗرت بدلاوان بلکہِ زمان ومکانکی تصوّرات تہٕ چھِ بدلان۔ یہِ صوٗرت چھےٚ یتھ شُرٛکس منز تہِ ووتلان تہٕ اَتھ شاعرانہٕ استناد عطا کران۔ یتےٚ یوت نہٕ بلکہِ ''شبنم''، ''سوٗر''، ''گٹہٕ پچھ''، تہٕ ''پھولہٕ وُن نوٗر'' چھِ پننہِ انسلاکاتو تہٕ مُتضاد جوربو Binary opposites کِنی وسیع تہٕ پیچیدٕ تخیّلی منظرس وُتشِ دِوان۔ ''شبنم'' چھُ سوٚنتک تہٕ ''سوٗر'' چھُ وندُک تصوّر ووتلاوان۔ مگر یم چھِنہٕ محض موسمن ہٕندی اتہٕ گتھ بنان بلکہِ چھِ زندگی تہٕ فطرتکی سٕنی ووٚگنی تہٕ تضادُک شعوٗر تہِ بنان۔ یمن ہٕنز علامتی اہمیت چھےٚ نٔنی۔ یم چھِ زندگی ہٕندِ سأدرٕ وار بر، جوأنی، زرخیزی، تخلیقیتکی تہٕ حُسن وجمالکی تہٕ ستی امہِ کہٕ زوالکی تہٕ وأرأنی ہٕندی رمز بنان۔ تتھے کِنی چھِ باقی متضاد استعارٕ یعنے ''گٹہٕ پچھ'' تہٕ

''نۆرٕ'' علامتی امکانات ووتلاوان۔ یہِ علامتی انہار پژٲوِتھ کتہٕ ہیکہِ یہِ شُرٕک گنہِ معنیَس پابندروٗ زِتھ تہٕ یہِ کتھ بیٚیہ گنہِ شبقہٕ موضوٗعُک اظہار قرار دِنہٕ۔

متضاد علامتی استعارن پیٹھ مُشتمل یہِ شُرٕک چھُنہٕ بظاہر ارتباطُک تاثُر پادٕ کران۔ اما پۆز زوارٕ ہیٚیہ وُچھو یہِ چھُنہٕ صرف مربوٗط بلکہِ چھُ مسلسل تہِ۔ أمیُک ربط چھُ امہِ کس عضوی تکمیلِیتَس، یُس گژھ وتام لفظوٕ ستی درٕ ینٛٹھی گژھان چھُ، گن ظون پھیران، سوٗنتہٕ ساأدرٕ وار پیٹھ شینہٕ کہِ انجماد یا سوٗرٕ ی فِضہِہ پیٹھ گٹہٕ راأژ منز صبح کہِ پھولہٕ وُنہِ نۆرٕک اظہار چھُ اَتھ داأئرٕوی (Cyclic) صوٗرت عطا کران۔ یۆ تام امہِ کہِ تسلسلُک تعلُق چھُ، سُہ چھُ بدلنہٕ والبوٕ زِہبوٕ تہٕ خاص گرِتھ آخری مصرعہٕ پیٹھ خاموشی ستی قأیم گژھان۔ مُتکلم سٕنٛزٕ نیٚو مُتضاد ژِہبن ہنٛزٕ شبیہہ کأری تہٕ بین السطور ژھوپہ تہٕ وقفہٕ تہٕ خاص گرِتھ آخری مصرعہٕ پیٹھ زیٹھ ژھوپہ چھے شُرٕ کیُک تسلسُل برقرار تھاوان۔ امیُک ثبوٗت چھِ تم کینٛہہ شُرٕ کی مثلن ''دمی ڈینٛٹھم ندشولہٕ وِنی'' تہِ فراہم کران۔ یم اَمی اندازٕ کی چھِ تہٕ امہِ کُے تسلسُل باسان چھِ۔ یہِ سورُے چھُ بہر حال پرٕ نِکس طریقس پیٹھ ڈٕ رِتھ۔ '' آیاے یۆت تہٕ گژھو کۆتو'' کہِ شُرٕ کیُک آخری مصرعہٕ ''پکان پکان گیہِ'' ہیکہِ پنٛنِس سیاقس منٛز قرأتہٕ موجوٗب معنہِ بدلأوِتھ۔ یَتھ حدس تام زِ امہِ منٛزٕ ہیکن مُتضاد معنوی امکانات تہِ نیٚرِتھ۔ یہِ ہیکہِ پکن والین ہنٛدِ پکنہٕ ستی تھکنُک تہٕ محروٗمی ہُنٛد تجرُبہٕ تہِ آستھ تہٕ یقینُک تہٕ جوتشُک تجرُبہٕ تہِ۔ یہِ ہیکہِ بقولِ غالبؔ ''ہر قدم دوری منزل'' تہٕ ''ہے کہاں تمنا کا دوسرا قدم'' ہُک مَتنا کس تجرُبہٕ تہِ بنٛتھ۔ یہِ سورُے چھُ امہِ

بِکس قرأتکس طریقس ستۍ منسوب۔

قرأتک طریقہٕ چھُ ژٕکہِ تجزیأتی طریقہٕ۔ اما پوٚز یہِ چھُنہٕ تجزِیک تیُتھ کانٛہہ وِیوٚٹھ پوٚٹھ طریقہٕ ییٚمہِ ستۍ متنہٕ منٛز جُزوی یا کلی طور کانٛہہ معنہِ مطلب کڈنہٕ یِیہِ۔ یہِ چھُ تجزِیک اکھ اکتشأفی طریقہٕ ییٚمہِ موجوٗب متن یِیہِ تتھٕ کٕنۍ پرٕنہٕ زِپرَن وأٲلۍ سُند توجہ گژِھ لفظن پٮ۪ٹھ مرکوٗز سپدُن تہٕ لفظہٕ پتہٕ لفظ واتناوِ تمِس واش کڈوِنس اندروٗنۍ تجرُبس تام۔ یہِ چھُ سُہ تجرُبہٕ یُس لفظو منٛز ووتلِتھ لفظن ماورا گژھان چھُ۔ یہِ چھُ پرٕنک سُہ طریقہٕ یُس پرَن وأٲلِس پزِ پأٹھۍ متنہٕ کِس تخلیقی تجرُبس منٛز شأمل چھُ کران تہٕ سُہ چھُ پانہٕ تخلیقی تجرُبہٕ بنان تہٕ تمۍ آگأہی پأدٕ کران۔



رفیق رازؔ

# ساختیات تہٕ امِچ فکری اساس

گُنوہمہِ صدی ہٕندِ بن اٰخری پٕنژہن ؤرِین تہٕ وُہمہِ صدی ہٕندِ بن گوڈنِکین پٕنژہن ؤرِین دوران گٔے انسانی فکر مختلف خانن منٛز تقسیم۔ انسان سٕنزِ ذہنی زندگی منٛز گو فکری لحاظہٕ اکھ انتشار پاْدٕ۔ مختلف علوم آیہِ بارسس یِم نہ صرف الگ الگ مفروضن پیٹھ قایم اٰسی بلکہِ اٰسی اکھاکِس مقابلہٕ متضاد تہٕ۔ اکہِ تہتھِ علمچ اٰس ضرورت یُس یمن مختلف تہٕ متضاد انسانی فلسفن منٛز اکھ ربط ہیٚو پاْدٕ کرِ ہے۔ یہ کاْم کُر سوسیوغ (Saussure) سندیو تموٗ نظریاتو یِم ساختیات کہ ناوٕ مشہور گٔے۔ یہِ کتھ چھےٚ ژٕتبس تھوٚنٕ لایق زِ ساختیات چھنہ کانٛہہ آیڈیولوجی یتھ کٕنۍ مثالے مارکسیت چھےٚ۔ ساختیات چھُ محض اکھ فلسفیانہٕ اصول یا اکھ طریقے کار۔ ساختیاتچ فکری نہج چھےٚ تمام انسانی عٔلمن اکِس نظامس تحت اٰنتھ یمن منٛز اکھ ربط وضبط پاْدٕ کرُن یژھان۔

ساختیاتکۍ بنیاْدی اصول چھِ تمہِ لسأنی فلسفہٕ منٛز اخذ کرنہٕ آمتۍ یمیٚک پیش کار (Ferdinand De Saussure) چھُ۔ سوسیوٗغ اوس اکھ سویس ماہر لسانیات یُس 1857 عیسوی ییس منٛز زاو تہٕ 1913 عیسوی ییس منٛز موٗد۔ زندگی

---

☆ ڈائریکٹر ریڈیو کشمیر، سرینگر

ہِند بن اٚخری وٲرِین منٛز دِتی تمہِ جینیوا یونیورسٹی سویزرلینڈس منٛز کیٚنہہ لیکچر۔ اٚمی سٕندِ بوشاگرد و گرٲی یِم لیکچر نوٹ تہٕ اٚمی سٕندِ مرنہٕ پتہٕ کٔرِکھ 1916 ہَس منٛز چھاپ۔

سوسیوغ ہٕنز فرانسیسی کتابہِ ہُند انگریزی ترجمہٕ سپُد 1959 عیسوی یَس منٛز چھاپ۔ یِہٕ دوَے سوسیوغ سٕندی خیالات بڑ ونٛٹھے یورپس منٛز عام اٚسی گٔمتی تہٕ کٔرِتھ پیٚو و1959 پتہٕ سوسیوغ سٕند بن انقلٲبی خیالن ہُند لسانیاتی فِکرِ پٮ۪ٹھ یورپہٕ نبر زبردست اثر۔ یِمو ے انقلاب آفرین خیالن پٮ۪ٹھ گٔے ساختیات تہٕ پس ساختیاتچ عمارت کھڑا۔ سوسیوغ سٕندِس زمانس تام اوس یِہ تصوّر عام زِ دنیا چھُ آزاد وجوٗد تھاوَن والین چیزن (things) پٮ۪ٹھ مشتمل تہٕ یِمن چیزن ہٕنز معروضی تعریف تہٕ درجہ بندی چھےٚ ممکن۔ امہِ تصوّرکس اثرس تحت اوس زبانہِ متعلق یِہ نظریہ تہِ عام زِ زبان چھےٚ لفظن ہنٛز سوٗمبرن تہٕ لفظچھِ الگ الگ معنے تھاوان تہٕ یِہنٛز آزادانہٕ تعریف تہِ چھےٚ ممکن۔ سوسیوغ سُنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ کارنامہٕ چھُ یِہ زِ تمۍ کوٚر زبٲنۍ متعلق ہتہٕ بدبن وٲرِین ہُند یِہ تصور پاش پاش زِ زبان کیاہ چھےٚ قایم بالذّات (Substantive) ۔ امہِ بجایہِ کوٚر سوسیوغن زبانہِ ہُند نسبتی (Relational) تصوّر پیش۔ اٚمی تصوّرن بدلاو زبانہِ متعلق سوچ نیٚجی۔ سوسیوغ سُنٛد انقلابی موقف چھُ زِ زبان چھنہٕ چیزن ناو دِنہٕ وول کانٛہہ نظام (Nomenclature)۔ بلکہِ زبان چھےٚ دراصل افتراقاتن ہُند اکھ نظام یتھ منٛز کانٛہہ تہِ چیز مثبت چھنہٕ۔ سوسیوغ سٕندِس زمانس تام اٚسی دنیا ہکین چیزن زبٲنۍ مقابلہٕ عام عقلہِ لحاظہٕ اوّلیت حاصل۔ یعنے گوڈٕ چھِ چیز تہٕ اَدٕ چھِ یہندی ناو

(لفظ)۔ سوسیوٗغن خیال چھُ زِ زبانہِ چھےٚ منطقی لحاظہٕ چیزن مقابلہٕ اوّلیت حاصل۔ زبانہِ ہنٛز کام چھَنہ چیزن ناو دیٚن بلکہِ چیزن ہنٛد بِن تصوٗرن منٛز افتراقکی رشتہٕ بدِ کڈِتھ یِہنٛز پچھان قایم کرٕنی۔ یعنے زبان یِمن چیزن ہُنٛد ذِکر چھےٚ کران تِم چھِنہٕ اصل چیز Real Objects یِم زبانہِ نِبر پٔتن کانٛہہ وجوٗد چھِنہٕ تھاوان بلکہِ تِمن چیزن ہُنٛد تصوّر یُس زبانہِ اندر گوڈٕ ے موجوٗد چھُ۔ Language Signifies reality by bestowing a particular linguistically structured form of conceptual organisation upon it. ساختیات چھُ دعویٰ کران زِ یِہ دُنیا چھَنہٕ تِمن چیزن ہُنٛد اکھ مجموعہ یِہنٛز زانکٲری تہٕ درجہِ بندی کینٛہہ وقطعی اصوٗلو کنٛی ممکن چھےٚ۔ گو دُنیا کِین چیزن ہنٛدی ناو یعنے لفظ (یِہندِ برکتہ أسی چیز ذٲنِتھ تہٕ پرٛزنٲوِتھ ہیکان چھِ) چھِنہٕ کانٛہہ قطعی (Absolute) حیثیت تھاوان۔ امیُک مطلب گوٚونہٕ زِ خٲرجی دُنیاہس (چیزن) چھُنہٕ کانٛہہ ٹھوس وجوٗدٕ ے۔ بلکہِ یِمن چیزن ہُنٛد وجوٗد چھُ تیٚتے یوٗتاہ أسی تِہنٛد تصوّر ہیکو کٔرِتھ یا پرٛزنٲوِتھ ہیکو کھ۔ امہِ پچھانٛک دارٕ مدار چھُ واریاہن عواملن پٮ۪ٹھ۔ یعنے حقیقتٕچ کلی تہٕ مکمل معروضیت چھےٚ ناممکن۔ دوٗ یِمن لفظن منٛز ہیکو وٕنِتھ زِ أسی چھِ حقیقتُک اِدراک تِتھی حدس تام ہیکان کٔرِتھ یِتھ حدس تام أسی حقیقتٕچ پچھان زبانہِ ہنٛدِ وسیلہٕ خلق چھِ ہیکان کٔرِتھ۔

سوسیوٗغن کوٚر یِہ ثٲبت زِ زبانہِ ہُنٛد مطالعہٕ گژھہ نہٕ محض توٲریخی Diachronic اعتبارٕ کرنہٕ یُن (یِمیُک تِمی ہنٛدِ وقتہٕ رِواج اوس) بلکہِ گژھہ تِمن

رِشتن ہٕندِ ذریعہِ کرنہٕ یُن یِہندِ ذٔسی زبانہِ ہٕندی مختلف جُز پانوٲنی ربط چھِ تھوان تہٕ عمل آرا چھِ سپدان۔ یعنے زبانہِ ہُند مطالعہ گژھہ مربوٗط تہٕ وحدٲنی نظام کِس صورتس منز کرنہٕ یُن۔

سوسیوغ سُند خیال چھُ زِ زبانہِ ہُند وحدٲنی نظام چھُ وٕتیکس کُنہِ تہِ موڑس پیٹھ مکمل تہٕ خود کفیل آسان۔ اوَے چھُ زبانہِ ہُند مطالعہ حاضر وٕتیکس سطحس پیٹھ ممکن۔ سوسیوغ سُند وُنُن چھُ زِ کُنہِ تہِ حاضر وقتس منز زبانہِ ہُند مطالعے (Sychronic) چھُ سائینسی مطالعہٕ۔ مارکسی مفکر فیڈرِک جیمسن سُند وُنُن چھُ زِ سوسیوغ سُند کمال چھُ یِہ زِ تِمو وۄن زِ زبانہِ ہُند کلہُم نظام چھُ پرٛ بتھ وِزِ مکمل آسان بامے اکھ ژیہہ برٛونٹھ اٰسی تن اتھ منز کانٛہہ تبدیلی تہِ آمٕژ۔ گوزبان چھےٚ (توارٟیخی ارتقا ہٕک طرف ترٲوِتھ) پرٛ بتھ وِزِ پَنُن کلہُم تہٕ وحدٲنی تہٕ مکمل نظام تھاوان تہٕ اوَے چھےٚ پرٛ بتھ وِزِ بولنہٕ تہٕ سمجھنہٕ یوان۔ بیِیہِ چھُنہٕ ضروری زِ زبان بولن وٲلی تہٕ سمجھن وٲلی کیٛاہ آسن زبانہِ ہٕندِ تارٟیخکہ تہٕ زبانہِ منز آمژن توارٟیخی تبدیلین متعلق واقف تہِ۔

زبانہِ ہٕنز کارکردگی سمجھنہٕ باپتھ چُھ سوسیوغ زبانہِ ہُند تصوٗر دۄیو طریقو کران۔ أکِس چھُ سُہ langue تہٕ بیٚیس Parole وَنان۔ یِمن دۄن تصوٗرن یُس جدلیاتی رشتہٕ سوسیوغ چھُ قائم کران تتھ چھےٚ بنیٲدی اہمیت۔ سوسیوغ چھُ langue زبانہِ ہٕندِس تتھ کلہُم تہٕ جامع نظامس وَنان یُس پرٛ بتھ وقتہٕ مکمل چھُ آسان۔ امیک تصوٗر چھُ سماجس منز یِہ ذٔہنی زِتہِ شرۄعِتھ آسان۔ سماجس منز سارٟی

زبان بولن وأ لی تہٕ بُجھن وأ لی چھِ شعوٗ ری یا غأر شعوٗ ری طور امی نِشہِ استفادٕ کران۔ امہِ ورأ ے ہیکہِ نہٕ کانٛہہ نفرتہٕ زبان بوٗلتھ یا ورتأوِتھ۔ زبأنی ہٕنٛدِس امہِ کُلہُم، جامع تہٕ مکمل نظامہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز یُس انفرأدی تکلم یا بول چال وقوٗع پذیر سپدان چھُ تتھ چھُ سوسیوغ parole ونان۔ گوزبانہِ ہٕنٛدِس جامع تجریدی نظامس چھُ سوسیوغ langue ونان تہٕ اَمۍ محدوٗد انفرأدی شکل چھےٚ (Parole) یوس کانٛسہِ بولن وأ لی ہٕندِس تکلمس (Speech) منٛز ظاہر چھےٚ سپدان۔ Langue ہس تہٕ Parole ہس درمیان یوسہٕ فرق سوسیوغن بڈِ کڈ امکۍ نتیجہِ اُسی دوٗر رَس۔ سوسیوغ ہٕندِ لسأنی فلسفُک کلیدی نوکتہٕ تہِ چھُ یۍ ہے۔ سوسیوغ چھُ شطرنجٕ مثال دِتھ یِمن دون ہنٛز فرق سمجھاوان۔ شطرنج کانٛہہ تہِ چال پکنہٕ وزِ چھنہٕ شطرنج کھیلہِ ہنٛدی تمام اصوٗل بروے کار اننہٕ یوان مگر شطرنج کانٛہہ تہِ اکھ چال چھےٚ شطرنج کھیلہِ ہٕند بوٚ کلی اصوٗلو منٛزٕ ے اخذ یوان کرنہٕ۔ یعنے کھیلہِ ہٕنٛدی تمام اصول چھِ پٕٹھن اکھ مکمل تجریدی نظام تھاوان یِیلہِ زن کانٛہہ تہِ اکھ چال امی تجریدی نظامہٕ کہِ حسابے پکنہٕ چھےٚ یوان۔ گوشطرنج کھیلہِ ہُنٛد کُلہُم تجریدی نظام چھُ langue تہٕ شطرنج کانٛہہ اکھ چال چھےٚ Parole۔ اکھ چھُ تجرید تہٕ بیا کھ واقعہٕ۔

گوزبان چھےٚ اکھ سُہ مجرد نظام یُس نہٕ کُلہُم حیثیتس منٛز نظری چھُ گوھان البتہٕ انفرأدی بول چالس منٛز چھُ جزوی طور ظأہر سپدان۔ زبأنی متعلق سوسیوغ ہٕنٛدی أمی نوکتن کھوٗلی جدید لسانیاتکۍ واریاہ درواز۔ نوام چومسکی (Noam Chomsky) چھُ ونان زِ زبانہِ ہُنٛد یہٕ کُلہُم تجریدی نظام یِیمہِ کِنۍ انفرأدی بول

چال ممکن چھ سپدان گژھ دریافت یِن کرنہٕ تہٕ امکو اصوٗل تہٕ گژھن ضابطہ بند کرنہٕ یِنہٕ۔ سُہ چھُ ونان زِلسانی اہلیت(Competence) چھےٚ اکھ مکمل تہٕ مربوٗط نظام تھاوان تہٕ یہِ نظام گژھ بدِ ین کڈنہٕ یُس تمام انفرادی لسانی کارکردگیPerformance ہُند ماخذ تہٕ سرچشمہٕ چھُ۔ انفرادی بول چال چھُ اڑٕ لیٚوک،اڑٕ گوٚرمڈٕ گوٚر،غلط سلط مگر باگہِ بوٚرُت (Heteorogeneous) آسان ییٚلہِ زن زبانٕی ہُند جامع، تجریدی نظام مکمل تہٕ مربوٗط (Homogeneous) چھُ آسان۔ گو زبانٕی ہُند جامع تجریدی نظام چھُ اکھ (ساخت)Structure تھاوان۔ امہِ قسمہٕ چہِ لسانی فکرِ ترٛ وو انسانی سوچس پٮ۪ٹھ زبردست اثر۔ زبانہِ متعلق یُس Word Centred Thinking یعنے (لفظ مرکز سوچُک) رِوایتی تصوّر اوس سُہ گوٚو پاش پاش۔ سوسیوغن دیُت زبانہِ ہُند نوٚو نسبتی Relationalتہٕ ساختیاتیStructural تصور۔ زبانٕی منز چھنہٕ کُنہِ اکس جزس کانٹہہ اہمیت۔ اہمیت چھےٚ صرف تتھ رِشتس تہٕ تعلقس یُس زبانٕی ہِندِس کُنہِ اکس جزس باقٕے جزن سٟتی آسان چھُ۔ اَمی تصوٗرن بدلوو زبانٕی متعلق سوچنُک زاویہ تہٕ طریقہٕ تہٕ۔

زبانہِ منز چھِ واریاہ جزآسان۔ کُنہِ جزس چھنہٕ بذات خود کانٹہہ اہمیت یا کانٹہہ جز چھنہٕ پنٕن معنے پانہٕ پاٗدٕ ہبکان کٔرِتھ۔ ییمن مختلف جزن یوسہٕ فرق پانہٕ وٲنی آسان چھےٚ تہٕ یُس اختلاف تہٕ تضاد ییمن منز آسان چھُ تمی سٟتی چھِ ییم جز بامعنے بنان۔

مثالے أ کس زبانہِ منز چھےٚ لوکچہِ بجہِ مختلف آوازٕ آسان۔ یمن آوازن چھنہٕ بذاتِ خود کانٛہہ معنے البتہٕ یم مختلف آوازٕ چھےٚ تمہِ اختلافہٕ تہٕ افتراقہٕ کہِ رِشتہٕ ستیٚ بامعنے بنان یُس یمن منز لبنہٕ چھُ یوان۔ زبانہِ منز یم آوازٕ (اصوات) آسان چھےٚ تم چھنہٕ قایم بالذّات کینٛہہ۔ یمن آوازن چھُ پانہٕ وأنی اکھ رِشتہٕ آسان یہِ رِشتہٕ چھُ باہمی افتراقس تہٕ اختلافس پٮ۪ٹھ قأیم۔ آوازن ہنٛدِ باہمی افتراقُک یوٚہے رِشتہٕ چھُ تضاداتن ہُنٛد اکھ نظام قأیم کران۔

مثالے کأشرس منز (سام) تہٕ (شام) لفظن منز چھےٚ صرف ابتدأیی آوازن منز اکھ فرق تہٕ امی فرقہِ تہٕ افتراقہٕ ستیٚ گئے دوشوٕنی لفظن ہنٛدی معنے الگ الگ۔ پس ثابت گوٚو زِ ساختیأتی لحاظہٕ چھِ معنے تتھ فرقہِ تہٕ افتراقس منز یُس دون آوازن درمیان آسان چھےٚ۔ گوٚو کاشرس منز چھُ مثلاً (س) سینٛگ تہٕ (ش) شینٛگ یوٚہے تضاد (Opposition) یمن آوازن منفرد (Significant) بناوان ییٚمہِ کنیٚ یم معنے پأدٕ چھِ ہیکان گٔرتھ۔ (ستھ، شتھ) (سور، شور) بیترِ۔ البتہٕ کینٛہہ تضاد چھِ زبأنی منز تِتھی تہِ یم نہٕ منفرد (Significant) چھِ آسان، مثلاً لکھ تہٕ لیکھ بیترِ تہٕ یمن تضادن چھےٚ زبان نظر انداز کران۔ اصواتن تہٕ آوازن ہنٛزٕ سو فرق ییٚمہِ ستیٚ نہٕ معنٮ۪س منز فرق چھےٚ پأدٕ سپدان چھنہٕ منفرد (Significant)۔ دراصل چھِ زبانہِ اندر اکھ ساخت پٮ۪ہم کأم کران یوس زبانہِ ہنٛد بن مختلف تہٕ بسیار جھوٚل جُزن منز اکھ وحدت چھےٚ پأدٕ کران۔ زبانہِ منز چھےٚ آوازن منز دوٚیہِ قٕسمٕچ فرق آسان۔ اکھ سو فرق یوس معنٮ۪س منز فرق چھِ پأدٕ کران تہٕ

سوفرق چھِ زبانہِ ہٕنٛدِس ساختس منٛز دأخل آسان۔ بٔیا کھ سوفرق یوس نہٕ معنیَس منٛز کانٛہہ فرق پأدٕ چھےٚ کران تہٕ سوفرق چھَنہٕ زبانہِ ہٕنٛدِس ساختس منٛز دأخل آسان۔ زبانہِ ہٕنٛدِس اتھ طریقس چھےٚ زٕ خصوٗصیژ۔ اکھ یہِ کہِ زبان چھےٚ خودمختار (Arbitrary) تہٕ بٔیا کھ یہِ زِیہِ چھےٚ منظّم (Systematic)۔ خودمختار امہِ لحاظٕ زِیہِ چھےٚ خودکفیل تہٕ پٔنٕن جواز پانٕے فراہم کران۔ تہِ زن گوٚو کانٛہہ ہرگاہ سوال تُلہِ زِ (سام تہٕ شام) لفظن ہٕنٛز فرق کتھٕ کٔنٛز چھےٚ بامعنے تہٕ (لیکھ تہٕ لیکھ) لفظن ہٕنٛز فرق کیٛازِ چھَنہٕ بامعنے؟ زبانہِ نٔیبرُیم کانٛہہ تہِ خأرجی طاقت ہیٚکہِ نہٕ مداخلت کٔرِتھ تہٕ پٔنٕن فأصلہٕ دِتھ۔ تِکیٛازِ زبانہِ ہٕنٛدِس ساختس اندر اندر یہِ کینٛژھا سپدان چھُ تہِ چھُ اَمکوٕ پننوٕ قأعدو تہٕ ضأبطو حسابَے سپدان۔ زبان چھےٚ منظّم Systamatic اِوٕ موکھٕ تِکیٛازِ یمن اصوٗلن تہٕ رِشتن ہٕنٛدِس نظامس پٮ۪ٹھ یہِ قأیم چھےٚ تِم چھِ محکم تہٕ پایدار۔ کینہہ تہِ گوٗھِتن (سنٛیچ تہٕ شنٛیچ) فرق کرِ ہمیشہ معنیَس منٛز تہِ فرق پأدٕ۔ زبانہِ نٔیبرُیم کانٛہہ تہِ خأرجی طاقت ہیٚکہِ نہٕ یہِ بدلأوِتھ۔ یعنے زبانہِ ہٕنٛدِس پرٛ بتھ جُزس چھےٚ زبانہِ ہٕنٛدِ ساختہٕ حسابَے پٔنٕنۍ حیثیت یہِ ڈٔلِۍ زِتہِ طےَ تہٕ مقرر۔

زبان چھےٚ ساختہٕ چہِ بُنیأدٕ پٮ۪ٹھ ڈٔرِتھ اوَے ہیٚکوٗ ٔنتھ زِ زبانہِ ہُنٛد نظام چھُ ساختیأتی (Structural)۔ یہِ ساختیأتی نظام چھُ پرٛ بتھ وِزِ یک زمأنی آسان۔ زبان بولنہٕ وِزی چھُ امہِ کہِ منظّم آسنٕک احساس گوٚھان۔ زبانہِ ہٕنٛدۍ صوتی اصوٗلےٕ چھِ زبانہِ ہٕنٛدۍ بنیأدی ساختیأتی اصوٗل تہِ۔ تتھٕ کٔنٛز گوڈَے وَننہٕ آو زِ اٮ۪مہِ بنیاد چھےٚ تَتھ افتراقس پٮ۪ٹھ یُس اسہِ لفظن ہٕنٛزن جوربن منٛز نظرِ چھُ گوٚھان یا

یُس لفظن منز آوازن ہنٛدِس دُرویہٕ تضادس(Binary Opposition)منز نظرِ چھُ گژھان۔ یہِ فرق چھےٚ دُنیاہچن تمام زبانن منز اندری کأم کران۔

رومن جیکبسن(Roman Jakobson)چھُ ثابت کران زِ جوریدار تضادٕ ستی فرق قایم کرنٕی چھُ بچہٕ ہنٛدِ ذہنٕک گوڈنیک منطقی قدم۔ انسأنی ذہنٕچ خاص خصوٗصیت چھےٚ یہِ زِ یہِ چھُ ہبکان جورٕ دار فرق تہٕ امتیاز قایم کٔرتھ۔ انسأنی ذہنٕچ یہےٚ خصوٗصیت چھےٚ ساخت پأدٕ کران تہٕ اتھ ساختس چھُس تگان کأم تہٕ ہیٚنٛی۔

یُتےٚ یوت نہٕ سوسیوغ چھُ ونان زِ زبان چھنہٕ صرف لفظن ہنٛدِ وسیلے یوت کأم کران بلکہِ چھےٚ نشاناتن ہنٛدِ اکہِ وسیع نظامہٕ کہِ حسابہٕ تہِ کأم کران۔ نشاناتن ہُنٛد یہِ نظام(System of Signs)چھُ تجریدی تہٕ لفظ چھُ امہِ نظامُک محض اکھ سُہ اند یُس نظرِ چھُ گژھان۔ نشانس(Sign)چھِ زٕ روخ اکھ اَمیج (صوتی امیج) تہٕ دوٚیُم امیک (تصور)۔ یُس رِشتہٕ تہٕ تعلق یِمن دون درمیان چھُ تمہِ کہِ برکتے ہکون اَسی نشان بٕجتھ۔ نشان کِین یِمن دون روخن چھُ سوسیوغ Signifier تہٕ Signified ونان۔ یعنے نشانُک اکھ روخ چھُ (معنے ہاوَن وول) تہٕ دوٚیُم روخ خود (معنے) یا معنےٚ یُک تصور۔

مثلاً لفظ (ہوٗن) چھُ ترٛبن آوازن (ہ+و+ن) پیٹھ مشتمل۔ یہِ چھُ نشانُک اکھ روخ یعنے صوتی اِمیج۔ بالفاظِ دیگر یہِ چھُ Signifier۔ یا معنےٚ کُس تصوٗرس کُن محض اکھ اشارٕ۔ یعنے تِمس ہوٗنِس کُن یُس سڑکن پیٹھ ٹھورارَے کران چھُ۔ سڑکن پیٹھ نژن وول ہوٗن چھُ Signified۔ اکھ کتھ چھےٚ یاد تھوٗنٕی

لایق زِ تژ بن آوازن (ہ+و+ن) پیٹھ مشتمل لفظ ہوٚنس چھنہٕ سٕرکن پیٹھ نژن
وأِلس حقیقی ہوٚنس ءتی کانٛہہ فطری رشتہٕ البتہ اکھ ساختیأتی رشتہٕ چھُس ضروٗر۔
یوٚہے ساختیأتی تعلق تہٕ رشتہٕ چھُ (لسأنی نشانٕچ) تشکیل کران۔ سوسیوغ چھُ ونان
زِ زبان چھےٚ دراصل تِمن نشاناتن ہُند اکھ نظام یِم تصوّارت چھِ ظأہر کران۔
سوسیوغ چھُ مزید ونان زِ نشانکین دون روٚخن (یعنے Signifier تہٕ
Signified) درمیان یُس ناقابلِ تقسیم رِشتہٕ اسہِ لبنہٕ چھُ یوان تمہٕ ءتی ہیکہِ اسہِ
مغالطہٕ گٔژھتھ زِ زبان کیاہ چھےٚ شفاف Transparent تہٕ لفظن تہٕ چیزن چھُ
پانوأنی کانٛہہ فطری رِشتہٕ۔ سہٕ چھُ ونان چونکہ زبان چھےٚ سانہِ عادتُک حصہٕ اوٚے
ہیکہِ مغالطہٕ گٔژھتھ زِ لفظن تہٕ چیزن چھُ فوری واٹھ۔ زبانہِ ہنٛز اصل نوعیت چھےٚ
اتھ برعکس۔ زبان نہٕ چھےٚ شفاف تہٕ نہٕ چھُ لفظن تہٕ چیزن سیٚدِ سیوٚد کانٛہہ فوری
رشتہٕ۔ سوسیوغ چھُ ونان زِ نشاناتن ہنٛدِ نظأمُک یعنے Signifier (معنے ہاوَن
وول) تہٕ Signified (معنے) کِنِ رشتن ہُند مطالعہٕ ہیکہِ انسان ہنٛد بن سمأجی
تہٕ ثقافتی نظامن مکملٕ پأٹھی سمجھنس منٛز واریاہ مدد گٔرتھ۔ نشاناتن ہنٛد بن نظامن
ہنٛدِس مطالعس تھوٚو تمو (Semiology) ناو تہٕ ووٚنُن زِ اکھ دوہہٕ ییہِ یہِ عِلم ضروٗر
بارسس۔ تمی ہنٛز یہِ پیشن گویی دژایہِ پُز۔ لیوی سٹراس (Levi Strauss) تہٕ
رولاں بارتھ (Roland Barthes) چھِ ونان زِ انسأنی ترسیلس منٛز چھےٚ زبانہِ
مرکزی حیثیت حأصل تہٕ انسأنی زندگی منٛز معنے کِس نظامس پیٹھ چھنہٕ کانٛہہ تہِ
بحث زبانہِ ورأے ممکن۔

زبانہِ متعلق چھےٚ بیاکھ کتھ زیادٕ غور طلب۔ زبان بولن وأ لِس چھِ زبان بولنہٕ وِزِ زبأنی ہندی اُنتھِ روٗسی (infinite) الفاظ تہٕ اِمکأنی کلمات ذِہنس منٛز آسان یمن پٔتھ تٔس عبوٗر تہِ چھُ آسان مگر تعجب چھُ زِ تٔسند روز مرٕ بول چال تہٕ گفتگو چھُ لفظن ہندِس محدوٗد تعدادس پٔتھ مبنی آسان۔ بولن وول چھُ ہیکان محدوٗد لفظو تہٕ لفظن ہندٕ بو رِشتو سٟتی لامحدوٗد جملہٕ خلق کٔرِتھ۔ سوسیوٗغ چھُ ونان تِکیازِ زبانہٕ ہندی پٟنٛز اصوٗلے چھِ زبانہِ ساخت عطا کران۔ توٚے چھِ اَکی پٔز بتھ شکل تہٕ پٔز بتھ صوٗرتِ حال امہِ کی مدتہٕ خلق ہیکان کٔرِتھ۔ شأعری چھےٚ اَمِچ بہترین مثال۔

زبان چھےٚ رِشتن پٔٹھ مبنی تہٕ یمن رِشتن تہِ چھِ زٕ پہلوٗ یا زٕ جہات یِم زیرِ نظر تھاوٕنی ضروٗری چھِ۔ سوسیوٗغ چھُ دوٚیو اصطلاحو سٟتی کتھِ گٔنٛڈ کڈان۔

اَکس چھُ سُہ اُفقی رشتہ (Syntagmatic) ونان تہٕ دوٚیمس عموٗدی رِشتہٕ (Paradigmatic)۔ جُملس منٛز چھِ لفظ وارِ وارِ تہٕ ترتیبہٕ (Sequential) سان یِوان۔ گوڈٕنیہٕ وأ لی لفظ چھِ پتہٕ یِنہٕ والین لفظن سٟتی میلتھ اکھ اُفقی رشتہٕ قأیم کران۔ یِتھٕ کٔنی یوس نحوی ترتیب جُملس منٛز بنان چھےٚ سو چھےٚ معنے پأدٕ کران۔ جُملن منٛز چھِ لفظ اکھ اَکس پتہٕ ترتیبہِ سان یِوان یٗو تام نہٕ آخری لفظ یوان چھُ توٚتام چھُ معنے نامکمل روزان۔ یہِ گےٚ لفظن ہنٛز نحوی جہت یا اُفقی جہت۔

زبانہِ منٛز چھُ لفظن تِمن لفظن سٟتی تہِ رشتہٕ آسان یِم نہٕ جُملس منٛز موٗلی یوٗنی چھِ۔ واریاہ لفظ چھِ پانوٗنی مترادف یا متضاد آسان یِم زبانہِ منٛز صرفی تہٕ

نحوی حیثیت تھاوان چھِ۔ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ یمہِ لفظٕنہٕ جُملس منٛز ورتاونٕ آیہِ تمو
ستۍ تہِ چھُ معنے پأدٕ گژھان۔ مثلاً (شفیع گوٚ وکولہِ) جُملس منٛز چھُ لفظِ (کولہِ)
اِموکھ معنے دِوان تِکیازِ یہِ چھُنہٕ (دِلہ) یا (زولہِ)۔ ییتھٕ کٔنۍ جُملس منٛز لفظن ہنٛزِ
نحوی ترتیبہِ ستۍ معنے پأدٕ گژھان چھُ تتھےٚ کٔنۍ چھُ لفظن ہنٛزِ غأر حأضری تہٕ ورتاوس
منٛز نہٕ ینہٕ ستۍ تہِ معنے پأدٕ گژھان۔ أتھۍ چھُ سوسیوغ لفظن ہُنٛد عمودی رِشتہٕ
ونان۔ موخصر پأٹھۍ ونو زِ زبان چھےٚ اکھ نظام تہٕ پزٕ بتھ لفظس چھُ معنے پننس
ماحولس منٛزٕ ے طے سپدان۔

سوسیوغ چھُ ونان زِ انسأنی ساخت چھےٚ خود کفیل تہٕ خود مختار آسان۔ یہِ
چھےٚ پننہِ باپتھ پننٛز قأعدٕ تہٕ قونوٗن پانٕے طے کران۔ امیک سوٗرے زور چھُ پننس
اندرُونس کُن آسان۔ یہِ چھُنہٕ کُنہِ خأرجی حُکمُک تعمیل کران۔ زبانہِ منٛز چھُنہٕ
نشانات (Signes) قأیم بالذات بلکہِ تمہِ تہِ چھِ رِشتن ہنٛزِ بنیأدٕ پٮ۪ٹھ کأم کران۔
یم رِشتہٕ چھِ تضادن پٮ۪ٹھ قأیم۔ سوسیوغ سُند وُنُن چھُ (In language there
are only differences without postive terms.) یعنے زبانہِ منٛز
چھُ اثباتہٕ ورأے صرف افتراق۔ (فرٕقے فرق) بیہِ وُنُن There is
nothing positive in language, language operates
through negativity. زبانہِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ چیز مثبت۔ اگر تہٕ آسہِ ہے
تیلہِ گوٚژھ لفظ (کھنٛڈ) وٕنتھ اُس مٔدرُن یا (تیوٚنگل) وٕنتھ اُس دزُن۔ یہِ چھُ
سوسیوغ سُند سُہ اہم نوکتہٕ ییمۍ بڑٕ وُنہہ کُن پکتھ (پس ساختیات) فلسفس زنم

دیُت۔ یُتےٚ یوت نہٕ ،دریدا ٚسندِس ردِ تشکیل فلسفچ بنیاد تہٕ چھےٚ اُتھی نوکتس پیٹھ۔

سوسیوغ سُند وُنُن چھُ زِ زبان چھےٚ اکھ (فارم) ہیّت۔ یہٕ چھنہٕ جوہر یا مادٕ (Substance)۔ زبانٕے چھےٚ دُنیا یعنے خاَرجی حقیقتس تہٕ انسانس درمیان رأبطُچ کاَم کران۔ دوٚیمین لفظن منٛز زبانٕے چھےٚ سو ذریعہِ یمہِ کِنی انسانس خاَرجی حقیقتُک شعوٗر چھُ حاَصل سپدان۔ گوڈٕ چھےٚ زبان تہٕ اد دُنیا تہٕ دُنیاہکی تمام چیز۔ زبانہِ ورأے دُنیا ہُک شعوٗر تہٕ اِدراک پرٛاوُن چھُ ناممکن۔ لسأنی نظام بارسس یِنہٕ برٛونٛہہ کانٛہہ خیال چھنہٕ کُنہ تہِ زبانہِ منٛز موجوٗد۔ گویا تمام حقیقتن ہُند زنم چھُ زبانہِ ٚستی سپدان۔

موخصر وُنو زِ ساختیات چھُ ونان زِ زبان چھنہٕ چیزن ہُند ناو یعنے یہٕ چھنہٕ تتھ رِشتس پیٹھ منی یتھ منٛز ''لفظ=چیز'' چھُ بلکہِ چیزن ہِندی ناو، معنے یا پچھان چھےٚ تمہِ ساختہٕ کہِ ذریعہِ پأدٕ گژھان یوس بوزنہٕ چھنہٕ یِوان۔ یعنے یوس تجریدی چھےٚ۔ کأینات چھےٚ رِشتن ہِندِس نظامس پیٹھ دٔرِتھ۔ رِشتن ہِندِ نظامہٕ ورأے چھنہٕ کُنہِ چیزُک وجوٗد۔ حقیقت یا کأینات کِتھٕ کُنی چھِ سانہِ شعوٗرُک تہٕ ادراکُک حصہٕ بنان؟ معنے خیزی کمن بنیادن پیٹھ چھےٚ قأیم یا معنے خیزی ہُند عمل کِتھٕ کُنی چھُ سپدان تہٕ جاَری روزان۔ ساختیات چھےٚ یمن سوالن ہُند تشفی بخش جواب دِوان۔ زبانہِ ہنٛز ساخت وُنو زبانہٕ ہِندین مختلف عناَصرن درمیان رِشتن ہِندِس تتھ نظامس یمہِ کہِ برکتہٕ زبان بولنہٕ تہٕ سمجھنہٕ چھےٚ یِوان۔ بقولِ سوسیوغ لسانیات چھےٚ علمِ نشانیاتُک (Semiology) محض اکھ حصہٕ۔ سوسیوغ چھُ ونان

زِنشاناتن ہِنٛدِ نظامہٕ ٚکنی چھےٚ کاینا تس منٛز معنے خیزی ممکن تِکیازِ اتھ نظامس منٛز چھُ پرٛ بتھ چیز باہمی رِشتن منٛز گنٛڈِتھ۔ یِم رِشتہٕ چھِ دُطرفانہٕ نوعیتکی۔ یِم چھِ ارتباطکی تہٕ حائل تہٕ تضادن پیٹھ تہٕ مبنی۔

نشانیاتک مطالعہٕ ٹھیک پأٹھی کرنہٕ باپتھ تہٕ امکی خولہٕ خط پرٛزناونہٕ باپتھ چھُ ثقافتس کُن رجوٗع کرُن ضروٗری۔ ثقافت ٚکس پرٛ بتھ مظہرس پتہٕ کنہِ چھُ تجریدی رِشتن ہُنٛد اکھ نظام کارفرما ییمہِ کہِ برکتہٕ معنے خیزی ہُنٛد عمل جأری چھُ روزان۔ زبان چھےٚ ثقافتُک مرکزی مظہر۔ امہِ علاوٕ لُکہٕ کتھ، لُکہٕ بأتھ، اساطیر، دیومالا، رسم ورواج، کھاندر کھوٗندر، رہن سہن، کھیوٚن چیوٚن، لُسُن بسُن، ووتھُن بہُن، مالٕہ ووٚرسی، بڈٕ دوہ، گنٛڈُن درٛ وکُن تہٕ پلو پوشاکھ بیتر چھِ واریاہ مظہر ییمو ٚکنی ثقافت پنٛن پان ظأہر چھےٚ کران۔ یِمن سارِنٕے مظہرن پتہٕ کنہِ چھُ رِشتن ہُنٛد اکھ نظام ییمہِ کہِ عملہٕ ستی معنیٚچ ترسیل چھےٚ ممکن سپدان۔

ثقافت کِین مختلف مظہرن ہِنٛدِ بن عنأصرن منٛز یُس رِشتن ہُنٛد نظام موجوٗد چھُ آسان سُہ چھُنہٕ ٹھوس یتھ أچھو وُچھنہٕ ییہِ بلکہِ تمیٚچ نوعیت چھےٚ تجریدی۔ اتھ نظامس منٛز چھ ارتباط تہٕ تضاد بیک وقت عمل آراتہٕ امی عملہِ ٚکنی چھُ معنے تہٕ قأیم ہبکان سپدتھ۔ اکہِ طرفہٕ ارتباطُک تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ تضادُک حأئل اتھ نظامس چھِ ساخت Structure ونان۔ Structure تہٕ texture اصطلاحن ہِنٛدِ ذریعہِ یُس تصور امریکی نٔوی تنقیدن پیش کوٚر، یہِ چھُ تمہِ نِشہِ بیوٚن تہٕ بدٕون۔ ادبی تنقیدس منٛز یتھ أسی "ہیٔت" یا "کرٛنز" ونان چھِ اتھ ساختس چھُنہٕ

تھۍ ستۍ تہٕ کانٛہہ واٹھ۔

ساختیأتی سوچ چھُ پتھ کالِکین واریاہن نظرِین تہٕ اعتقادن زکھ واتناوان۔ ہتہٕ بدبوٗ رِیو پیٹھٕ اوس یوان وَننہٕ زِ ادب چھُ مصنف سٕندِ ذِہنُک کارنامہٕ یا ادب چھُ ذاتُک اظہار یا مصنف سُند وجوٗد تہٕ شعوٗر چھُ متن خلق کران۔ یتہِ اوس یوان وَننہٕ زِ ادب چھُ حقیقتچ ترجمأنی کران۔ ساختیات چھُنہٕ یمن کتھن امہِ آیہ تسلیم کران۔ ساختیاتُک دعویٰ چھُ زِ حقیقت چھےٚ نہٕ ژے پیٚواہ یہِ لسأنی نظامہٕ ستۍ خلق یِیہِ کرنہٕ۔ رولاں بارتھ چھُ ونان زِ مصنف چھُ گوڈَے موجوٗد لسأنی تہٕ ادبی خزانن ذأتی دِوان، امہِ منٛزٕ کینٛہہ اخذ کران تہٕ رِوایتس پأروی کران یا اتھ نٔو شکل دوان۔ مصنف چھُنہٕ پٔنن کینٛہہ نوٚو ونان یا پننہِ ذاتُک محض اظہار کران۔ بلکہِ چھُ گوڈَے موجوٗد رِوایت کٲین سرچشمن ہرترٕتلان تمہِ ثقافتہٕ نِشہِ استفادٕ کران یوس گوڈَے زبانہِ منٛز کھٔنتھ (Inscribe) تہٕ شرٛوٗپتھ چھےٚ آسان۔ رِوایتی انسأنی فکر یوس خألص انسأنی ذِہنس شعوٗرس تہٕ عقلہِ پیٹھ اُس قأیم ،گیہِ پاش پاش۔ گوڈٕ اوس انسان ونان (بہٕ چھُس تِکیاز بہٕ چھُس سوٗنچان)۔ وجوٗدی فلسفی یَو کوٚر اتھ مفروٗضس تلُک پیٹھ تہٕ وٗنکھ (بہٕ چھُس تَوے چھُس سوٗنچان)۔ ساختیأتی مفکرَو ڈٲج یمن مفروٗضن نس۔ تمو وٗن (یتھین بہٕ سونچان چھُس تتھن چھُسے نہٕ بہٕ، یتھین بہٕ چھُس تتھن چھُنہٕ میٚون سوچ فقط میٚونُے یوت سوچ بلکہِ تو اُرتھٕگ تہٕ تہذیبُک بنوومُت سوچ تہِ)۔ پزٕر چھُنہٕ سہٕ یُس صرف عقلہِ کنی نظرِ گژھان چھُ بلکہِ یُس بأطنی اُچھوٗ چھُنہٕ یِیہِ۔ زبانہِ

ہنٛدی مۄل چھِ تہذیبس منٛز پیوٚست۔ ادب چھُ تہذیٖبک روے۔ ہرگاہ ادب تہذیٖبک روے چھُ تیلہِ ہکون نہٕ أسی تنقیدَکس حدس تام توٲریخ تہٕ تہذیب نظر انداز کٔرتھ۔ گومتنس Text ستی ستی چھےٚ تہذیبی تہٕ توٲریخی تناظرس تہِ اہمیت دِنی۔ ساختیٲتی فکرِ ہنٛدِ برکتہٕ چھےٚ یہِ حقیقت ووٗنی تسلیم آمٕژ کرنہٕ زِ ادبی معاملن منٛز چھےٚ توٲریخی تہذیبی مۄلن زبردست اہمیت۔ اوٚے چھُس یہٕ صوٗفی شاعری تہٕ اتھ ستی وابستہ توٲریخی تہٕ تہذیبی حوالن سنان۔ یہٕ چھُس پننین تہذیبی مۄلن تام واتُن یژھان۔ اگر شفیع شوٗقنٕ پاٚٹھی مےٚ اتھ پیٹھ کانٛہہ نیٹواِزمُک Nativismطعنہٕ دِیہ تہٕ دِیہِ تن۔ شفیع شوٗقس گژھِ خبر آسنٕ زِ أسی چھِ توٲریخی تہٕ تہذیبی ساختس (یعنے زبان) منٛز اسیر، گیر تہٕ گرفتار۔ امہِ نبر ہکو نہٕ أسی نیرِ تھے۔ اسہِ چھُ أتھی اندررٕ زِتھ پننٕ کارکردگی ہاونی۔

ساخیات چھےٚ تمن سارِنے نظرِیاتن تہٕ اعتقادن ردّ کران یم انسٲنی ذِہنس معنیُک سرچشمہٕ قرار چھِ دوان۔ ساختیات چھےٚ ونان زِ معنیُک سرچشمہٕ چھُ سُہ ثقافتی تہٕ لسٲنی نظام یُس پٔژ بتھ وِزِ حاضٕر چھُ آسان۔ ادبس منٛز چھِ تمام معنے (نٔوی کٔیو پٔرٲنی) امہِ نظامہٕ کِنی بارسس یوان۔ گوٚ وانسٲنی ذِہن چھُ فقط ردّو قبول کران۔ معنیُک پچھان کران تہٕ گوڈے موجوٗد پٔرٲنس تہٕ رِوایتی معنے لیس نٔو شکل دِوان یہِ چھُنہٕ معنے ازخود پاد کران۔

أسی أسی سارٕی ونان زِ شاعر تہٕ ادیب چھُ خالق، تخلیق کار۔ اتھ کتھِ روٗد نہٕ ووٗنی کانٛہہ بور۔ ادبس منٛز چھُ پٔژ بتھ چیز کتہِ تام پیٹھٕ یِوان۔ تخلیقس منٛز یا فن

پارس منز چھنہٕ کہیں نو و یا گوڈنچہ لٹہٕ خلق آسان گومُت۔ شاعرس تہٕ ادیبس نیٚچارس چھنہٕ خبر تہٕ آسان زِ کمو تہذیبی سرچشمو منز چھِ تمی ہٕندی خیالات اخذ آسان گمتی۔ Intertextuality چھِ أتھی وَنان۔ یہ پزٕ انبو وؤن تی چھِ أسی تہٕ وَنان۔ یاتی وَنٕنس پٕتھ چھِ أسی تہٕ مجبور۔ ووں گوٚو Context چھُ بدلان۔ تناظر چھُ بدلان۔ اوَے چھُ اتھ منز نوبر باسان تہٕ پزٕ انہِ کھوتہٕ مختلف باسان۔ یی سو چھِ کرالن وؤن أکِس تناظرس منز تی وؤن اَحد زرگرن تہٕ بیٚیِس تناظرس منز۔ قأری چھُ دوشوٕنی نِش لطف اندوز سپدان۔ تِکیا زِ یم ترٛیشوَے یعنے سو چھِ کرال، اَحد زرگر تہٕ قأری چھِ ثقافتہٕ کِس رِشتس منز بند تہٕ مُھوٗر۔ اوَے چھس یہٕ وَنان پننین تہذیبی تہٕ رِوایتی خزانن کُن گرِ ورجوٗع۔ لعل جوہر میلن اتی۔ نتہٕ گوٚ هو پننہِ ہنہِ نِش تہِ۔ أزیُک تہذیبی تہٕ عصری منظر نامہٕ چھُ لسأنی تہٕ تہذیبی نظامہٕ کِس پوٚت منظرس منز معنے دِوان۔

سوسیوٗغن وؤن زِ زبأنی منز چھنہٕ کہیں تہِ مثبت۔ زبان تہٕ لفظ چھِ فقط افتراق تہٕ تضاد کِنی معنے دِوان۔ بزٕ وٗنہہ کُن گر دریداہَن أتھی پٕتھ (نظریہ افتراق) تہٕ ردّ شکیلیچ عمارت کھڑا۔ سُہ چھُ وَنان۔ (مصنف یُتھ زبأنی منز لِکھان چھُ سُہ چھُ پنُن پان گوڈٕ تمہِ زبأنی ہٕندِس نظامس تہٕ تمہِ کِین قونوٗنن تہٕ اوصوٗلن حوالہٕ کران)۔ گوٚو لِکھن وِزِ چھُ سُہ تتھ نظامس تابیاہ آسان تہٕ زبأنی ہُند نظام چھنہٕ تس تابیاہ آسان۔

☆☆☆

## راجوری منٛز منعقد کرنہٕ آمژٕ دوٚن دوٚہن ہنٛزِ کأشرِ کانفرنسہِ ہنٛدی کینٛہہ منظر




ایوانِ صدارت



کانفرنسہِ ہنٛدِس موقعس پیٹھ تُلنہٕ آمٕژ اکھ یادگار فوٹو




جناب گورنر این این وہرا صأبنہٕ اتھہٕ بملا رینہٕ جی تہنٛزِ کتابہِ ''لل میٲنہِ نظرِ'' باپتھ ۲۰۰۸ ءیک
کأشرِس منٛز لکھنہٕ آمٕژ بہترین کتابہِ ہُنٛد انعام حأصل کران




ایوانِ صدارت ...... ریاستی سالانہٕ آرٹ نُمأیش تہٕ تقریب تقسیمِ انعامات

# نعتیہ مُشاعرہ




محفلِ نعت......ایوانِ صدارت



محفلِ نعت......صفِ حاضرین

# نعتیہ مُشاعِر










نعتیہ مشاعرس منز شاعر حضرات پنُن کلام پیش کران

غلام نبی ناظرؔ☆

# خلیل جبران......اکھ تصویری خاکہٕ

## ''پنٕنی دگ وٕو٘م صبرٕ کس زمینس تہٕ خوٗشی ہُنٛد پھل آم بدس''

جبران خلیل جبران چُھ وُہمہِ صدی ہنٛدِس أکِس بہلہِ پایہٕ ادیب، مُصوّر، شاعرتہٕ فلسفی تہٕ زبان دان ہنٛدِ حیثیتہٕ قبوٗلیت کِس اعلیٰ مقامس تام ژھٹھ کڈٕتھ ووتمُت۔ تِہنٛد بن تحریرن چُھ مُقدس کتابو یعنے توٗرات، انجیل بیترِ پتہٕ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ ترجمہٕ سپُدمُت تہٕ سورٕے عالَم چُھ تسُنٛد بلند و بالا ادبی قد تسلیم کران۔ کاشرِس منٛز اگرچہ تسُنٛد وار یاہ تخلیقی سرمایہِ ترجمہٕ چھنہٕ سپُدمُت تاہم چُھ تِہنٛد مولُل اثر وار یاہس حدس تام سانیو لِکھاریو تہٕ ادیبو بیترِ قبوٗل کوٗرمُت تہٕ تِہنٛز شاہکار تصنیف ''النّبی'' (The Prophet) چھےٚ سبٹھاہ محنتہٕ تہٕ عرق ریزی سان مرحوم عبدالسّتار رنجوٗر صأبن ترجمہٕ کٔرمٕژ۔ امہِ خأطرٕ چُھ رنجوٗر صأبن انگریزی تہٕ اردو علاوٕ عربی مُسودٕ تہِ بژ ونٛٹھ کنہِ روٗژمُت۔ یہ چھےٚ اکھ طویل نظم۔ امہِ علاوٕ چھِ مرحوم جی۔ ایم۔ آزادن کینٛہہ قول، اکھ ڈراماتہٕ ترٛےٚ مختصر تصنیفہٕ ترجمہٕ کٔرِتھ ''عأرِفانہٕ باوتھ'' ناوی پیش کرٕنۍ سبٹھاہ اہم کأم انجام دِژٕمٕژ۔ امہِ علاوٕ یمہٕ کتابہِ تِہنٛدِس ناوس ستۍ منسوب چھےٚ تِمن اندر چھےٚ کینٛہہ اہم کتابہٕ: اکھ

---

☆ یاری پورہ کولگام، کشمیر

چھےٚ ''المجنون''۔ یہِ چھےٚ ڈیلیلن تہٕ نظمن ہنٛز کتاب۔ دۆیِم چھےٚ ''الرّمل والزّبد''۔ یہِ چھےٚ ڈیٛڑ تمن ہنٛز کتاب تہٕ بیاکھ چھےٚ ''المسیح''۔

جبرانَن اُس ادب، مُصوّری تہٕ شاعری ہنٛد بوکارنامو کنٛز سارِہے عالمس منٛز شہرت پرٛاوِمٕژ تہٕ مشرق تہٕ مغرب چھِ بہلہِ پایہِ شخصیٚون پیٚو اَہنٛز فنکارانہٕ صلاحیتو کنٛز تسٕنٛز دانائی تہٕ بجر دہرس کھائلتھ۔ یِمہِ صدی ہنٛدین اعلیٰ پایہِ فنکارن تہٕ لِکھارین منٛز اۆ ہُند ناو پرتاوُن۔

جبران پیٚو ۶ ردسمبر ۱۸۸۳ء ہس منٛز لِبنان کس اَکس حسین تہٕ شۆبہِ دار گامس منٛز تھنہٕ یتھ ''بُشریٰ'' ناو اوس۔ اَمی سُند خاندان اوس سبٹھاہ عزتہٕ وول۔ دیان یمن اُس اکھ مورۆثی بیمارۍ یعنے ''سِلہٕ بیمارۍ'' ییمی تہنٛد مول، موج تہٕ بیٚنہِ بأے تام اڈژٕژی گرِتھ نمتی اُسی۔ تِکیازِ تۆتانی اوس نہٕ تتھ بیمارِ کانٛہہ پوٚختہٕ علاجا یا کارگر دوا کینٛہہ دژامُت تہٕ اَخرس نیوٚ جبران پانہٕ تہِ اَمی بیمارِ لوٚوِے تہٕ لوکٕٹے اتھٕ مُہتھ۔

ابتدائی تعلیم پرٕتُمی عربی یَس منٛز لِبنان ہے منٛز۔ تِمن دوٚہن اُس عثمانی خلافت پنٕنس گٹہٕ کارۍ دورِ کس اَتھس وأژمٕژ۔ جہالت، بے روزگارۍ، تبأہی تہٕ ظُلم اوس جابجا۔ عیسأے قوم اوس امہِ ظُلمُک زیادَے پہَن شکار وَننہٕ یِوان۔ دیان گنٛو ہمہِ صدی ہنٛدِس اَخرس کیٛت ژٕلی لبنانہِ منٛز ژھلو کھ ولایت تہٕ امریکہ۔ جبران سُند مول رُوٗد لبنان ہے منٛز تہٕ مأج گیٚس ژٕ گبر تہٕ ژٕ کورِ ہیٚتھ ۱۸۹۴ء ہس منٛز امریکہ تہٕ ساحلی شہر بوسٹن بنوٚون ٹھِکانہٕ۔ تِمہِ لأج تتہِ پانہٕ ہیٚو

کأم کرٕنی تہٕ زیٛٹھ نچو بطرَس بنوٗن بزاز تہٕ گوڈٕ گوڈٕ آیکھ کارس تہٕ گنڈارٕ پکناوُنس منٛز سبٹھاہ سختی تہٕ جبرانس کریٛوکھ تجارت کرنٕک اوپ ژوپ مگر تس ووتھ نہٕ تہِ ہٕتی تکیا زِتس اوس علمی تہٕ ادبی کامو دِل نیٛؤمُت ۔تسٕندِ وُنن اوس زِ ''مصوٗر ہٕنز اکھ اوٚ نٕگِچ چھےٚ ساسن باپار بن پیٹھی نیران''، ''شاعری چھےٚ کلٕچ زان'' تہٕ ''شاعری ہُنٛد لیکھتھ اکھ ورق چھ بڈٕ بن گڈ امن ہٕنٛدِ موللہِ مالہٕ کھوتہٕ زیادٕ موللٕ آسان''۔

جبرانن پوٚر بوسٹنٕچہِ انگریزی سکوٗلس منٛز تہٕ دوٚن ترٛبن ؤرِین منٛز بنیوو انگریزی زبأنی ہُنٛد تیٚتھ ووستاد زِ زبان دان تہٕ عألم گےٚ حأران۔ ۱۸۹۷ء یس منٛز گوٚو لبنان ''الحکمہ'' درسگاہس منٛز دأخل تہٕ اتہِ کوٚرُن تخلیقی مأدانس منٛز کمال حأصل تہٕ ییٚلہِ ۱۸۹۹ء ہس منٛز واپس آو تہٕ ووت فرانسہٕ کِس پیرِس شہرس منٛز تہٕ اتکۍ حُسنن تہٕ کھلہٕ ڈلہٕ ماحولن نیٛؤس دِل تہٕ روٗد وِزِ وِزِ پیرَس یتھ روزنٕک شوق کران تہٕ ۱۹۱۸ء یس منٛز کٔرتھی امریکہ ہس سلام تہٕ آو پیرِس تہٕ امہِ چہِ آرٹ تحریکہِ ستیٚ مُتأثر سپدِتھ تہٕ وِلیم بلیک سُنٛد تأثیر رٔٹتھ روٗد شأعری، نثر تہٕ مُصوٚری پیٹھ دسرَس لبان۔ تتہِ اوس تٔمن دوٚہن پڑ انبن انہارن روو پیوان تہٕ نٔوۍ تخلیقی رُجحان اَسۍ ذہنس منٛز یتھ فن پارن ہٕنٛز شکل پڑ اوان۔ وار یاہ چیزٕ ہیچھتھ سپُد سُہ فرانس چہِ حکوٗمتو ہٕنٛدِ طرفہٕ مُنعقد سپدن وألِس فنی مأئلس منٛز شریک تہٕ امیک عظیم مُجسمہٕ ساز ''روٗدان'' روٗد تتہِ أہنٛدِس أکِس تصویرس تھلہِ تھلہِ وُچھان حأران تہٕ کٔرِن تس تعریف۔ امہِ ستیٚ گوٚو جبران سبٹھاہ مُتأثر تہٕ روٗد سُہ ''روٗدان'' ہٕنٛز ثناخوأنی کران بڑونہہ پکان۔ تٔمس پیٚو ستی المانوی دأنشور نطشے سُنٛد تہِ اثر یُس

بِمار سرمایہِ دارانہٕ تہٕ مسیحی زوالس خلاف اوس اکھ طوٗفان ؤتھنوٗن وژامُت۔
اَتھ دورس منٛز آسی عام طور ساٗری بیدار دماغ دٲنشور یتھی نےٚ احساس لولہٕ متہٕ
لاے کران تہٕ جبرانہٕ سُنٛد پیغمبری گژھ بۄزاوس نطشےٚ سٕندی فلسفُک اثر۔

١٩١٠ء ہس منٛز آو سُہ بیٚیہٕ پھیرتھ بوسٹن تہٕ پتہٕ ووت ١٩١٤ء ہس منٛز
نیو یارک تہٕ تتہٕ رٕوٗد مختلف جریدن لکھان۔ تہنٛد بولیکھی تنوٗتُل اکھ نوٚو گژھ بۄزتیمی
عثماٗنی خلیفی ہُنٛد دور اند واتناونس منٛز اتھ رٕوٗٹ کوٚر۔ تسنٛزٕ کتابہٕ آیہٕ لبنانہٕ،
بیروٗت رکس چوکس پیٹھ زالنہٕ۔ نیو یارکہٕ لوٚب تمیٚ عروٗج۔

جبران اوس اکھ جدید مفکّر تہٕ امہِ دوٗرک علمبردار ادیب، شاعر تہٕ نثر نگار
آسنہٕ علاوٕ اَکس کامیاب مُصوٗرسٕندِ حیثیتہٕ مشہوٗر تہٕ احترامس لایق بنیوٗمُت۔
تہنٛزن کتابن اوس جا بجا ترجمہٕ سپدان۔ ١٠ر اپریل ١٩٣١ء یس منٛز گوٚو سُہ ارتاٗجی
ؤری کھوتہٕ کمیے وٲنسہِ منٛز یتیمہِ عالمہٕ۔ تسنٛد میٚتہ موٚر آو بوسٹن اَنتھ مسیحی رسمہٕ
مطاٗبق اماناً دفن کرنہ تہٕ پتہٕ گرٚیتس پٔنٛنی مالنی نالہٕ متھ تہٕ ٢١ر اگست ١٩٣١ء ہس منٛز آو
تسنٛد جنازٕ قبرِ منٛز کڈتھ بیروت واتناونہٕ تہٕ سمندر رکس بٹھس پیٹھ کوٚر راتہِ کھوٗلوٗکو،
بڈٛو بڈٛو ادیبو، صحافیو، دٲنشورو، تہٕ لیڈرو تعظیمہٕ سان تتھ استقبال۔ سرکاری بینڈ
باجہِ اوس لبنانُک قومی ترانہٕ گیوان۔ تسنٛد موٚراوس قومی پرچم ؤلتھ تھاونہٕ آمُت تہٕ
فوجی آسی ہتھیار دُبہٕ پھری پھری اَمی سُنٛد ادب ظاہر کران۔ زنانو، مردو کوٚر اَتھ
پوشہِ ورشُن تہٕ پتہٕ کوٚر رُکھ کنہٕ ژٹھ بناوی متس اَکس مقبرس منٛز دفن۔ تتھ گامس
منٛز آو اکھ میوٗزیم بناونہٕ یتھ منٛز تمی سٕندی پلو دلو، مُسودٕ تہٕ کتابہٕ بیترٕ ژھرِتھ تھاونہٕ

آیہِ تہٕ سُہ رٕوٗد ہمیشہِ خاطرٕ اَکس باعزت فوجی ہیروسُند روتبہٕ پرٛاَوِتھ شُہرت پرٛاوان۔

یہِ مقالہٕ واتناون بہٕ تِہنٛدِ "پیامبر" نظمہِ ہنٛدِس اَکس بنٛدس پیٹھ اند۔ یَتھ منٛز تِسنٛدِ رخصت سپدنکۍ اَخری ژِہو زنتہٕ نظماونہٕ چھِ آمتۍ۔

"تہٕ لُکو ہیٛوت وُدُن
زنتہٕ ژٕھٹ سارِنے ہنٛدبو
دِلو تھدِ تھدِ پِکوٹہٕ باکھ
یوسہٕ بگُل چہٕ آوازِ ہنٛدی پأٹھۍ
سمندرس پیٹھ پھہلے یہِ......"



نشاؔط انصاری

# رُباعی تہٕ کاشرِس منٛز امِچ رِوایت

(مرحوم نشاؔط انصاری سُند یہِ مضموٗن چھُ تِمو وفات سپدنہٕ برٛونٛہہ کیٚہہ کال لیوٗکھمُت۔ اَمِچ اہمیت تہٕ افادیت نظرِ تل تھاوِتھ چھِ اَسی یہِ مضموٗن شاملِ اشاعت کران......(ادارٕ)

شاعرانہٕ اصطلاحس اندر چھُ رُباعی تَمہِ شعرِ صِنفُک ناو یِمہِ کِنہِ ژون مِصرعن منٛز اکھ پوٗرٕ خیال یا مضمون پیش یِیہِ کرنہٕ۔ اَمہِ شعرٕ ذٲژہُند یُس وزنہٕ نظام چھُ، تمہِ مطابق چھُ رُباعی ہٕندِس گوڈِنکِس، دوٚیِمس تہٕ ژورِمس مصرعس اندر قافیہِ ورتاو لازمی امر۔ رباعی ہنٛزِ فنّی خوبصورتی، زورِ بیان تہٕ مضمون کہِ تکمیلُک دارومدار چھُ امہِ کِس ژوٗرِمس مصرعس پیٹھ آسان۔ قدیم دورٕکین کیٚنٛژن ووستادن ہُند چھُ وَنُن زِ اگر رُباعی ہٕندِس ترٛیِمس مصرعس اندر تہِ قافیہِ ورتاو سپدِ، کانٛہہ شعری عٲب چھُنہٕ، اما اتھ طریقِ کارس ہیوٚک نہٕ پتہٕ قبولِ عام حاصِل سپدِتھ۔ رُباعی ہند بن موضوعاتن اندر چھُنہٕ کانٛہہ تہِ تخصیص تہٕ اَمہِ صِنفِ

ادب کہِ ذریعہِ چھےٚ سارِنے قسمن ہِنٛدی خیالات پیش کرنٕچ آزاد دی۔

گوڈٕ کالہِ چھِ عروضی کتابن اندر چھِ ربا عی خاطرٕ کینٛہہ ناو تھاونہٕ آمٕتی، یمن منٛز دوبیتی تہٕ ترانہ اہم ناو چھِ۔ کینٛہہ ووستاد چھُ اتھ چہار مصرا عی، چہار بیتی، جُفتی تہٕ خصّی ناو تہِ تھوومُت۔ گوڈٕ دورس منٛز آسی رُبا عی ہِنٛدی ژوشوٚے مصرعہ پانہٕ وأنی مُقفیٰ آسان کینٛہہ کالہ پتہٕ آو تریمہِ مصرعُک قافیہ حذف کرنہٕ تہٕ پتہٕ تھوٚ وو ووستادو امہِ طرزِ چھِن رُباعین ربا عی خصّی ناو۔ اگر رُبا عی ہِنٛدی ژوشوٚے مِصرعہ قافیہِ دار آسَن، تتھ آو ربا عی غاٗر خصّی ناو تھاونہٕ۔ اما فارسی تہٕ اردو زبانٕی ہنٛزن رباعیَن اندر رسپدٕ پوٚتس رُبا عی خصّی ہُنٛدٕ ے طریقہٕ مقبول۔ امہِ صِنفہِ ہُکس ابتدأئی دورس اندر چھُ ایرانس منٛز رُبا عی غاٗر خصّی ہُنٛدٕ ے طریقہٕ مُروج اوسمُت۔ عنصرؔی تہٕ فرخؔی ہنٛزن رُباعیَن اندر چھِ امہِ قسمکی نموٗنہٕ میلان۔ کینٛہہ ربا عی گو ووستادو چھُ خصّی طریقس مِصرع تہٕ غاٗر خصّی طرزس غاٗر مصرع ناو تھوومُت۔

توأریخی کتابن ہنٛدِ مطالعہٕ تلہٕ چھُ نِنان زِ ربا عی ہُنٛد ابتدأئی ناو چھُ ترانہ اوسمُت۔ قدؔر بلگرامی چھُ میزان الافکار تہٕ خزانۂ عامرہ کِہ حوالو مطابق ترانہ لفظُک ماخذ ''ترٛ'' قرار دِوان۔ بحر الفصاحت کتابہِ ہُنٛد مصنف چھُ شمس الدین محمد بن قیس رازی سُنٛد حوالہِ دِتھ باوتھ کران ''رُباعی شعرٕ ذأژ چھِ یمہِ کتھِ کنہِ ترانہٕ وَنان زِ موسیقی ہٕنٛد بوٚ ماہر وچھِ امہِ ہُکس وزنس پیٹھ مأری مُنٛدی تہٕ منہٕ مأنی راگ ایجاد کٔری متی۔ عربی زبانٕی اندر چھِ تھِمن شعرن قولؔ ونان''۔

موجودٕ دورٕ چھِن ربا عی ییٚن ہِنٛدِ وجودس منٛز ینہٕ بروٚنٛہہ اوس قدیم ایرانس

اندراکھ تیُتھ وزن رأتیج اوسمت یمیُک مصرٕعہ دُ رُکنی اوس یعنے ژورٕرُکنی مصرٕعہ اوس قدیم وزنہٕ کنِن مصرعن برابر۔ یتھٕ پأٹھی اُسی تمہِ وقتہٕ موجودٕ ژورٕرُکنی مصرعن ہنٛدی زٕ مصرٕعہ پورٕ ژورمصرٕعہ شماریوان کرنہٕ۔ اَمے قدیم وزنہٕ کہِ رعایتہٕ چھُ ربأعی ہُنٛد ناو چہار بیتی تھاونہٕ آمُت۔ اتھ متعلق چھُ حافظ محمود شیرآنی ونان:

''قدیم زمانس منٛز اُس ایرانس اندراکہِ خاص قسمٕچ نظم مُروج۔ یتھ چہار بیتی اُسی ونان تمِیُک وزن چھُنہٕ عربی شأعری ہنٛد بو وزنو نشہِ مستخرج بلکہِ چھِ تمہٕ چھِرا ایرأنی تہٕ مقأمی معلوٗم سپدان۔ قدیم زمانکی ووستاد اُسی یمن ہزج بحرِ اندر شُمار کران تہٕ گرٛزٕ منٛز اُسی تمہٕ ژور مصرٕعہ آسان تہٕ ژوشوٗنی مصرعن اندر اوس قأفیہ اُنٛن لأزمی بنان، اما پتہ پکھچہِ کیٚو ووستادو کوٚر اتھ اندر ترمیم تہٕ امیُک مُربع وزن دِتھکھ مُثمن قرار، نتیجہِ دژاو یہِ زِ یمن ژون بأتن ہُنٛد تعداد آو دوٚن شعرن اندر محدوٗد تھاونہٕ'' حافظ محمود شیرانی سُنٛد یہِ بیان چھُ نصیر الدین طوسی ہنٛزِ معیار الاشعار کتابہِ نشہِ ماخوذ، امہِ کتھِ ہُنٛد تصدیق چھُ ایران چو جدید عروضی کتابو ستی تہٕ سپدان۔ اتھ متعلق چھُ ڈاکٹر پرویز ناتُل لکھان: ''اما از قرائن بسیار میتوان حکم کرد کہ ایں بنارا شخص معینی نگذاشتہ بلکہ ایں نوع شعر از مدت ہا در ایران شائع ورائج بود''۔

قدیم چہار بیتی یا چہار مِصرأعی رُبأعی ہُنٛد یُس ذِکر یمہِ بروٚنٛہہ کرنہٕ آو تمِکی زٕ مصرٕعہ آے دورِ متاخرین کنِن ووستادن ہنٛزِ کوشِشو ستی اکے بأتھ شُمار کرنہٕ۔ امہِ طریقہٕ آو چہار بیتی دوبیتی بناونہٕ۔ ترانہٕ چھُ چہار بیتی یا دوبیتی یک عربی ناو۔ فارسی تہٕ اردو زبأنی ہنٛدی عألم چھِ اتھ متعلق مختلف قسمہٕ توجیہہ کران۔

بحر الفصاحت ٚکس مصنِف سُند گُف چھُ ''مولانا حُسین کاشفی واعظ چھُ'' بدیع الافکار فی صنائع الاشعار'' کتابہِ اندر لکھان زِ ربأعی چھِ اتھ یمہِ کتھِ کٔنی ونان زِ یہِ شعرِ ذات چھےٚ بحرِ ہزج نشہِ مخصُوص تہٕ یہِ بحر چھےٚ عربی شعرن منٛز ژون جُزن پٹھ انداواتان''۔مگر حافظ محمود شیرانی چھُ اتھ کتھِ ستی اختلاف کرِتھ ونان زِ بحرِ ہزج چھےٚ عربی زبأنی اندر مربع الارکان۔أتھی بُنیاد پٹھ اتھ شعرِ ذأژ ربأعی وُنُن چھُنہٕ صحیح تِکیازِ عربی زبأنی منٛز چھُنہٕ یہےٚ اکھ بحر مربع بلکہِ چھےٚ امہِ چہٕ اکثر بحرِ مربع امہِ نوکتہٕ کٔنی چھُنہٕ ہزج بحرِ کانٛہہ خاص خصُوصیت روزان۔امہِ علاوٕ چھِ یہِ خاص کتھ قأبلِ غور زِ رُبأعی ہُنٛد آغاز چھُ فارسی زبأنی پیٹھے سپدمُت نہ زِ عربی زبأنی پٹھٕ۔ڈاکٹر مشعل سُند وُنُن چھُ ''ہزج بحرِ ہُنٛدی اوزان چھِ مفاعیلن، مفاعیلن، مفاعیلن، دوٕیہِ لٹہِ اتھ ژٔٹہٕ واٹھ کرِتھ ہیٚنٛز ربأعی باپتھ ژوٚوٕہ وزن مقرر۔اگر کانٛہہ رُبأعی یمو ژوٚوٕ ہووزنو نمبر آسہِ تتھ چھُنہٕ ووستادرُبأعی ونان۔ہزج مسدس تہٕ ہزج مثمن یعنے مکمل بحر ہزجکی ارکان ژٔٹتھ یا یمن منٛز کمی پیٚشی کرِتھ چھِ ربأعی ہُنٛدی اوزان حاصِل سپدان۔بعضے چھُ پزٕ بتھ کُنہِ رُکنس ژٔٹہٕ واٹھ کرُن پوان تہٕ بعضے أکِس دوٕن یا سارِنٕے رُکنَن۔ژٔٹہٕ واٹھ کرنٕچ مِثال چھےٚ مفعول، مفاعلن، مفاعیلن، فعل۔کانٛہہ رُکن مکمل روزنٕچ چھےٚ مفعول، مفاعیلن، مفاعیلن، فع۔ یم اوزان مقرر کرنٕکی چھِ ترٛےٚ خاص اصوٗل گوڈنیُک یہِ زِ دسلاتیک رُکن گژھِ بہر حال اخرم یا اخرب آسُن یعنے مفعولن تہٕ مفعول۔توٚے چھُ ربأعی ہُنٛد بوژوٚوٕ ہو وزنو منٛزٕ بہن گوڈنیُک رُکن اخرم تہٕ بہَن اخرب آسان، دوٚیُم اصول یہِ زِ سبب پتہٕ

سبَب تہٕ وتَد پتہٕ وتَد رُکن، پتہٕ کینٛہہ زِ سبَبس پتہٕ تھاوٕ وتَد تہٕ وتدس سبب بُتھہِ۔ تژ نیم اصول یہ زِ ژور محرّک حرف گژھن نہٕ گُننے تہٕ یکوٹہٕ ییٚنۍ۔ بحرِ ہزج ہٕند بن وزنن پیٹھ چھُ تسکینِ اوسطُک عمل سپدان۔ یم ژٕ وزن چھِ مفعول، مفاعیل، مفاعیل، فعل تہٕ مفعول، فاعلن، مفاعیل، فعل۔ یمن دون وزنن چھِ بییہ دٕہ وزن حاصِل سپدان تہٕ کُل چھِ بنان بٲہ، یمن ابتدآئی اوزان ونو۔ پتہٕ چھِ یمہٕ نِے یم بٲہ وزن بییہ بناونہٕ یوان:

| | |
|---|---|
| مفعول ، مفاعیل ، مفاعیل ، فعل | مفعول ، فاعلن ، مفاعیل ، فعل |
| مفعول ، مفاعیلن ، مفعول ، فعل | فعول ، مفاعیل ، مفاعیلن ، فع |
| مفعول ، مفاعیلن ، مفعولُن ، فع | مفعول ، مفاعلن ، مفاعیلن ، فع |
| مفعولن ، مفعول ، مفاعیل ، فع | مفعولن ، مفعولن ، مفعول ، فعل |
| مفعولن ، مفعول ، مفاعیلن ، فعل | مفعولن ، مفعولن ، مفعولن ، فع |
| مفعولن ، فاعلُن ، مفاعیل ، فعل | مفعولُن ، فاعلُن ، مفاعیلن ، فع |

مصنّف بحر الفصاحت چھُ لیکھان زِ ربأعی ہٕند بن ژٕوٲہَن وزنن ہنٛدِ باہمی اشتراکہٕ ستۍ ہیکن بے شُمار شکلہٕ بُنتھ تہٕ الہٕ پلہٕ چھےٚ دوٚیہِ شیتھ ساس نوشتھ تہٕ ژٕویہِ تأجی (82944) شکلہٕ بنان۔ یمن وزنن ہٕنٛدِس ترتیبس منٛز کانٛہہ فرق روزٕنی چھےٚ ضروری۔ اَوے چھُ وزنن ہُنٛد بے شُمار آسنہٕ کنۍ ربأعی تخلیق کرنس منٛز بڈبن بڈبن ربأعی گو وستادن دوکھٕ لوٚگمت۔ حالانکہِ ربأعی تخلیق کرنس منٛز اوس ازتامتھ یہِ تصوٗر زِ لاحول ولاقوۃ اِلّا باللہ کِس وزنس پیٹھ اگر رُبأعی تخلیق سپدِ سے

چھُ امہِ صِنفہٕ خاطرٕ معتبر تہٕ مخصوٗص وزن گنڈنہٕ آمُت ، یِتھٕ پاٹھؠ زِندٕ سرمد، امجد حیدرآبادی سٕنز یہِ اردو رُباعی چھےٚ۔

انسان سمجھتا ہے کہ میں بھی کچھ ہوں
نادان سمجھتا ہے کہ میں بھی کچھ ہوں
لَا حَـــولَ وَلَا قــوـــۃَ اِلّا بِـــالــلّٰـــہ
شیطان سمجھتا ہے کہ میں بھی کچھ ہوں

یَتھ کتھِ اندر چھِ قدیم دورٕکؠ عالم تہٕ ووستاد مُتفق زِ رُباعی ہُنٛد فن چھُ عجمی یَن ہُنٛد ایجاد، تِکیازِ عربی زبانٕ اندر اوس نہٕ ابتدا ہس منٛز یہِ وزن موجوٗد ے۔ سیّد سلیمان ندوؠ یَن چھُ غلطی کٔرٕ رُباعی ہُنٛد تعلق ماموٗن رشید تہٕ معتصِم باللہ سٕندِس دروس سٟتؠ ہوومُت تہٕ یہِ شعرٕ ذاتھ چھِمن عربی صِنفِ سخن ثابت کرنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ ، اما حافظ محموٗد شیرانی چھُ سبٹھہٕ تحقیق کٔرِتھ ندوؠ سٕندِ نظرِیک تردید کران۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ رباعی ہُنٛد موجِد چھُ رودکؠ اوسمُت مگر تٔمؠ سٕنٛز کانٛہہ رباعی چھَنہٕ وُنیک تام دٔستیاب سپٕز مژ۔ البتہٕ چھُ مُصنِف لباب الالبابؔ عوٗفی ابوشکور بلخی متوفی ۳۳۳ ہجری سٕنٛز یہِ غارٕ خصّی رباعی قدیم ترٕین نموٗنہٕ تصوٗر یِوان کرنہٕ۔

اے گشتہٗ من از غم فراوان تو پست
شُد قامتِ من زِ دردِ ہجران تو شست
اے شُشتہ من از فریبِ دوستان تو دست
خود ہیچ کسے بسیریت و شان تُو ہست

یٚیمہٕ رباعی ہٕند بن ژوشوٕنی مصرعن اندر چھنہٕ اکۍ قافیہ بلکہٕ ڑ ڑ ، یعنے فراوان ، ہجران ، دوستان ، شان تہٕ پست ، دست ، ہست یوٚ ہے ژور قافیائی رباعی گۍ غار خصی ، یتھ ترٛ یٚیمس مصرعس منٛز تہٕ قافیہٕ ورتاوچھُ ۔

رباعی شعرٕ ذاژ ہنٛدِ امہٕ مشکل وزنہٕ نظامک یہٕ صورتِ حال زیرِ نظر تھاوِتھ چھےٚ یہٕ کتھ واضح سپدان زِ کأشرِ زبأنی اندر چھنہٕ یہٕ صنفِ سخن تتھ دورس منٛز یور ووتمت یمن دوہن فارسی زبأنی پٔتھٕ کأشرِ زبأنی ہنٛزٕ مروجہٕ شعرٕ ذاژ ماسوأے واکھ تہٕ شرٛک گشیرِ وأژمٕژ چھےٚ ۔ امکۍ اسباب کیاہ چھِ آسۍ مٕتۍ ، تتھ متعلق کینٛہہ شبہٕ پأٹھۍ وَنُن چھُ مشکل ۔ میأنۍ کنہِ چھُ امیُک خاص وجہ یہٕ زِ رباعی ہُنٛد عروض چھُ نظمہٕ چوٕ تمام شعرٕ ذاژ منٛز سبٕتھہے مشکل تہٕ اتھ صنفس پٔٹھ دس رس تھاوُن چھنہٕ گفہٕ ۔ رباعی ہٕند بن ژاوِ جارن تہٕ امہٕ چین بحرن ہٕنٛزن پابندی یَن ہٕندِس نتیجس منٛز چھُ یہٕ صِنفِ سخن سبٕتھاہ ژیری گشیرِ اندر مروج سپد مٕت ۔ دراصل چھےٚ یہٕ شعرٕ ذاتھ اردو زبأنی ہنٛزِ دیکھادیکھی ستی رواں صدی ہُنٛد ژورِم دٔہیُل اندواتہٕ نَس ستۍ ستۍ یٚیتہِ متعأرف سپزٕ مٕژ ۔ توٚ ے چھنہٕ کأشرِ زبأنی اندر للہ دیدٕ تہٕ شیخ العالم سٕندِ دورٕ پٔتھٕ مہجور نس وقتس تام رباعی لبکھنچ کانٛہہ تہٕ روایت آسمٕژ ۔ ووٕنی اگر دعویٰ کرَو زِ للہٕ تہٕ حضرت شیخ سٕندی واکھ تہٕ شرٛکی ہکن ورگہٕ پأٹھۍ رباعی ہنٛزٕ شعرٕ ذاتھ آستھ مگر رباعی چھےٚ ژٕ مصرعی نظم ، ییلہٕ زَن واکھ تہٕ شرٛکی اصنافِ سخن ہٕندی شعر گرٕژ منٛز ژورِ مِصرعہٕ یا دو یو شعرو علاوٕ تہٕ چھُ آسان ۔ لحاذا ہکو نہٕ ؤنِتھ زِ کأشرِس شعرٕ ادبس منٛز

کیٛاہ چھےٚ ربأعی تخلیق کرنٕچ روایت پتہٕ پتھٕ أسمژ۔ تہِ گرِتھ تہٕ یٚژ دوَے اتھ شعرٕ ذأژ پتھ سأنؠ کینٛہہ ہم کال شأعر طبع آزمأیی چھِ کران آمٕتؠ یا گرمژ چھکھ مگر امِیُک عرۄضی وزنہٕ نظام، زأوی جار، رموز بیترِ مدِ نظر تھأوِتھ ہکَن نہٕ تمہٕ ربأعی أسِتھ۔ وونؠ یہِ کینٛژھا ژمِصرعی شعرٕ سرمایہِ سانہِ کأشرِ زبأنؠ منٛز دٔسیاب چھُ سُہ ہیکہِ ٹُھن ہٕنٛدِس کھاتس منٛز شُمار سپدِتھ تِکیٛازِ ربأعی ہُنٛد صنف چھُ تمام شعرٕ ذأژن اندر بالاتفاق مشکل ترٕین صِنفِ سخن قرار دِنہٕ آمُت۔ اتھ متعلق چھُ اکھ اردو نقاد ڈاکٹر طلحہ رضوی برقؔ ونان زِ ربأعی ہٕنٛدی گوڈٕنٛکی زٕ مصرعہ چھِ بمثل کمانہِ ہٕنٛدی زٕ گوشہِ یا زٕ نرِ تہٕ ترٛیٚمس مصرعس چھےٚ کمأنؠ ہٕنٛد بن دون گوشن سٟتؠ پیوستہٕ کرنہٕ آمتِس تتھ تانٛتس سٟتؠ مشابہتھ دِنہٕ آمژ۔ یتھ پتھ اکھ کماندار تیرٕ تھأوِتھ پنہٕ نرِ زورُک کمال چھُ ہاوان تہٕ ژُورِم مصرعہ چھُ تمہِ تیرٕ کہِ پیٚتکی پأٹھی یُس کمانہِ منٛز ترٛاونہٕ پتہٕ پننِس مقررٕ نشانس پتھ لگاونہٕ چھُ یوان۔ ربأعی ہٕنٛز یہِ توجیہہ زاننہٕ پتہٕ گژھِ ربأعی تخلیق کرن وول بجا طور قادر الکلام آسُن۔ ربأعی اندر ریٚیمہِ قسمُک مضمون یا خیال بیان یِیہِ کرنہٕ بامے سُہ حُسن و عشق أسِن یا اخلاق، پند و نصائح أسِن یا عبرت، تصوّف أسِن یا وأری داتِ قلب، سُہ گژھِ سٟٹھاہٕ لطیف تہٕ بُلند معیارُک آسُن۔ لفظن ہُنٛد انتخاب تہٕ ترتیب گژھِ منأسِب آسٕنؠ۔ ربأعی ہُنٛد ژورِم مِصرعہ گژھِ مضمون یا خیالُک وِیٚژر آسُن۔ اردو زبأنؠ ہُنٛد محقِق حامد حسن قادری چھُ ونان زِ حُسن و خوبی ہُنٛد عنصر چھُ ژورمہِ مصرعُک جوہر یوان مانہٕ تہٕ اتھ

چھےٚ تشبیہ کاٚم تہٕ ہینہٕ یوان، مثلاً:

دنیا میں رسول اور بھی لاکھ سہی
زیبا ہے مگر حضورؐ کو تاج شہی
ہے خاتمۂ حسنِ عناصر اُن پر
ہیں مصرع آخر اس رباعی کے وہی

میر غلام رسول نازکی، یمو رباعی شعرٕ ذاتہٕ ہُند واریاہ تخلیق چھُ کوٚرمُت، تہٕ چھُ وَنمُت:

''رباعی صنفِ سخن میں سے مشکل ترین صنف ہے کیونکہ چار مصرعوں میں ایک پورے مضمون کو سمو دینا آسان کام نہیں ہوتا۔ اس کے اپنے انداز ہیں اور جب تک فن پر پورا عبور نہ ہو، رباعی دل پذیر نہیں بنتی''

یتے یوت نہٕ بلکہٕ چھُ نازکی صاٚب رباعی ہُند فن مُشکل آسنہٕ کہِ حوالہٕ أکِس رباعی منز ونان۔

بہٕ چھس زانان زٕ چھُکھ بے شک سخن فہم
کرکھ واہ واہ یتھے بوزکھ رُباعی
دِماغُک تیل چھس زالان بہٕ ہفتس
لیکھنہٕ لایق بنان اِد اکھ رباعی

ڈاکٹر مشعل چھُ پننِس أکِس مضمونس منز لکھان:

''کاشرِ زبانی منز چھےٚ واریاہ شعرٕ ذاتہٕ فارسی پیٹھٕ آمٕژ، یمن منز چھےٚ اکھ

ربأعی تہٕ، یہِ آیہِ نہٕ سأنٕس مزازس براہ تہٕ نہٕ آواتھ ییٚتیٛک آب وہوا راس۔ یمہٕ موضوع ربأعی ہنٛدِ باپتھ مناسب أسی، تمو خأطرٕ آسہٕ اَسہِ ییٚتہِ پنٕنہٕ شعرٕ ذأژ فلسفہٕ تہٕ فکرِ ہنٛدِ بیانہٕ باپتھ اخلاق تہٕ خدالیس کھوژنہٕ تہٕ تس عبادت کرنٕک ہدایت کرنہٕ باپتھ واکھ تہٕ شرٕکی، پٔنٕنی وأری داتھ تہٕ نوٗزُک جذبات باپتھ وژٕن۔ نتیجہِ دژاویہِ زِ اگر کأنٛسہِ شاعرن ربأعی لیکھنٕچ کوٗشِش تہِ کٔر، تس سپٕز نہٕ کامیأبی۔ یژ رگوٚ ویہِ زِیژھہٕ کوٗششہِ کرن وألی شاعر أسی جان پٕری متی۔ أسی ہیکوٚ نہٕ وٕنتھ زِ تمن کیاہ اوس نہٕ یہِ فن ویوٚد، یوٚژ قومی مزازس کیاہ کرٕہَن۔ یہِ شعرٕ ذاتھ أسکھ نہٕ ییٚتہِ کَس مزازس برٕ ہے یوان۔ مےٚ چھُ ییٚتہِ کٕنہ تمن شاعرن ہُنٛد کلامہٕ یوٚرمُت یمن وٕنیٛک تام ربأعی لیکھن وألی ونٕنہٕ چھُ یوان۔ یوٚ زیہِ چھُ حأرتھ زِ سُہ سوٗرُے کلام ییتھ تم ربأعی چھِ ونان چھُنہٕ فنٕی لحاظہٕ ربأعی ہٕنٛدِس وانکس منٛز اژان، عروضی لحاظٕ نہٕ بلکلٕے۔ أکی تہِ شاعرن چھُنہٕ ربأعی ہُنٛد وزن ورتوومُت۔ یہِ ہنٛدِس تِتھس کلامس ہیکوٚ ٹھاو دِتھ، ربأعی نہٕ۔ گوڈٕنکس، دوٚیمس تہٕ ژورِمس مصرعس کُنے قأفیہ آسنہٕ کِنی ہیکہِ نہٕ کانٛہہ کلام ربأعی بٔنِتھ۔ اتھ چھِ باقے تہِ کینٛہہ لوأزِم، یمو منٛز عروض اکھ خاص اہمیت چھُ تھاوان۔ ووٕنی زن کرن نوِ پیٖہ ہٕنٛدی شاعر اتھ کُن کل مگر کیاز، تم لیکھن آزاد نظمہٕ نہٕ چھکھ عروضٕچ ہیچھن تہٕ نہٕ ہوٚدٕ ہٕرے یٔنی۔ نتیجہِ چھُ یہِ زِ کأشر شاعری روٗز ربأعی کِنی چھٕنی تہٕ چھٕرٕے''۔

ڈاکٹر مشعلؔ سُند یہِ وُنُن زِ کأشرِ ربأعیہِ ہیکن نہٕ فنٕی تہٕ عروضی لحاظٕ اتھ خاص شعرٕ ذأژ ہنٛدِس وانکس منٛز شأمِل سپدِتھ چھُ کُنہِ حدس تام صحیح مگر یہِ أری چھُ کأشرِ

زبانٕ ہُند بُزرگ شاعر غلام حسن بیگ عارفؔ ونان: ''یہ وُنن زِ یمن ہکوٗنہٕ رباعی وٗنتھ چھےٚ یا تہِ زانتھ مانتھ صداقت چھپاونچ کوٗشش یا علمچ نہٕ واتہٕ نچ کوتاہی''۔ تہِ گرِتھ تہٕ آے ۱۹۵۴ء پتہٕ از تانی یہ خاص شعرِ ذاتھ رباعی تہٕ سہی ٹُکھن ، ژاکھن تہٕ ژٕ مصرعی نظمن ہندی ہے ناوس تل کاشرِ زبانٕ منز لکھنہٕ۔ سانٕ تیمی کاشری شاعرن رباعی یا ٹُکھ لکھنَس کُن گوڈٕ نیتھے پننہٕ قلمُک جلوٕ ہاوُر سہ چھُ مرزا عارفؔ صاب۔ سہ چھُ اتھ متعلق پانہٕ باوتھ کران:

''رباعی لکھنُک شوق سپُد مےٚ شاید فِٹز جیرالڈنہٕ عمرِ خیامٕ سٕنزن رباعین ہندِ ترجمہٕ سٟتۍ تہِ پاٚدٕ۔ اکھ سبب ہیکہِ یہ تہِ آستھ بہر حال شُکر چھُ رباعیہ آیہ میانہٕ دٔسی تخلیق کرنہٕ۔ اگرمےٚ کوٗرنہٕ رباعی یَن ہُند روایتی طرز اختیار یعنے مےٚ لیچھ نہٕ لاحول وَلا قوۃَ اِلاّ بِاللہ بحرس منز۔ مےٚ کوٗر امہِ بدلہٕ رباعین ہُند طرز حضرت اقبال مرحومس نشہِ حاصِل شاید امہِ کہِ ہنا ژھوچرٕ موجوب یُس واکھن تہٕ شلوکن نکھہٕ اوس''۔

مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ چھُ یہ کتھ تہِ ونان:

''پروفیسر حاجنی یَن چھُ رباعی یَن متعلق کینہہ ؤری بروٗنہہ پٔتن عالمانہٕ تہٕ مُحقِّقانہٕ فتویٰ صادر کوٗرمُت زِ رباعی گوٚژھِ لاحول وَلا قوۃَ اِلاّ بِاللہ کس بحرس منز لکھنہٕ یِنۍ۔ مگر یُس چیز ژون مصرعن ہندِس اتھ کلامہٕ ٹُکرس رباعی بناوان چھُ سہ چھُ امیُک قوتِ بیان تہٕ ژورمہِ مصرعُک سہ مأہرانہٕ ادایُس اتھ سمندرُک وسعت

دِوان چھُ تہٕ پرٛن وأتِس حاأرتس منٛز ترٛ اوان چھُ ۔ پروفیسر حاجنی چھُ میأنین رباعی یَن منٛز یہِ کامیأبی سان اداسپد نک اعتراف کران"۔

مرزا عارف چھُ یہِ دعویٰ تہٕ کران:

"رباعی لیکھنُک فن سپُد مے پتہٕ عام۔لۄکن کھۄژ کینٛہہ رباعیہِ زبون پتھ یِتھِ گنٛز شلوک یا واکھ گھٕٹتی ہتی أسی۔ واریاہو ناوِدار شاعروتہِ کۄر میأنی ہِسے طرزس پتھ أتھی بجرس منٛز رباعی لیکھنُک فن اختیار،یمن منٛز میر غلام رسول نازکی تہٕ موتی لال ساقی ہوی باکمال شاعر شأمِل چھِ"

عارف صأبنہِ بیان تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ اتھ وقتس تام چھُنہٕ تہِندِ امہِ قولہٕ مطأبق بیٚیہِ کانٛہہ شاعر رباعی لیکھنس پیٹھ طبع آزمأیی کراں اوسمُت۔

یپأری چھُ ڈاکٹر رشید نازکی دعویٰ گرِتھ ونان:

"کأشرِ زبأنی ہِندِس تۄأرتخس تہٕ امہِ چہِ شیرِ پأرتہٕ امہِ رکس ووتھِ واشرس منٛز چھُ نازکی صأب پیشِ امام"۔

مرغوب بانہالی چھُ محی الدین نواز رتن پوری ہنٛزِ برزخ کتابہِ ہُند دیباچہِ لیکھنس دوران ورگہ پأٹھی بیان کران:

"ژُ مصرعی تخلیقن یعنے ژاکھن یا دو بیتی یَن رباعی ناو کرنٕچ یوسہٕ روایت نواز صأبن، مرزا غلام حسن بیگ عارف تہٕ میر غلام رسول نازکی صأبس پتہٕ بروٚنٹھ پکہٕ ناوِنی ہیٚوہ چھےٚ سہ چھُ اکھ اِضافہٕ"۔

یمو بیانو تلہٕ چھُ ثأبت سپدان زِ کأشرِ زبأنی منٛز رباعی لیکھنٕچ روایت چھےٚ مرزا

عارفؔ صابٕس پٮ۪ٹھٕ شروع سپدان۔ یِٗو دوٚے تٔسی لرِ لوٚر غلام نبی خیالؔ تہٕ رباعی لیکھان اوس مگر سہ اوس ترجمہٕ نہٕ زِ طبع زاد کٲم۔ بہر حال رواں صدی ہُند پانٛژم ڈٟہیل شروع سپدِ تھٕ لگو کٲشرِ زبٲنۍ ہندۍ کینٛہہ شاعر خٲہی نہ خٲہی گرِتھ رباعی ہندِس صِنفس پٮ۪ٹھ سنجیدگی سان طبع آزمایی کرنہٕ۔ مگر یِمو منٛز چھِ خالے کینٛہہ شاعر پننہٕ طبٲعی تہٕ مضمون آفرینی ہندِ لحاظٕ معیٲری قسمٕچ رباعی لیکھنہٕ زانان۔ سانہٕ نٮ۪یہٕ پٮ۪یہٕ ہند یو شاعرو منٛزٕ تہٕ چھِ کینٛہہ مٔنٛزی مٔنٛزی شوقیہ طورٕ مصرعی نظمہٕ تخلیق کران۔ میٲنِس کتاب خانس منٛز یِمن شاعرن ہنٛزٕ چھاپنہٕ آمٕژ شعرٕ سۆمبرنہٕ موجود چھےٚ تہٕ یِمہٕ پٔتِمین پنٛژٕہَن ؤریَن دوران منظرِ عامس پٮ۪ٹھ چھےٚ آمٕژٕ تِمن پٮ۪ٹھٕ زول دِتھ یِمہٕ اعداد و شمار رباعی شعرٕ ذٲتھ تخلیق کرنہٕ یِنہٕ کہ حوالہٕ مےٚ بہم سپدۍ تِمو مطابق چھےٚ ترٛےٚ درجن کھوتہٕ زیادٕ شاعرو رباعی تخلیق کرِمٕژٕ، یِمو منٛزٕ میر غلام رسول نازکیؔ صابنہٕ ۵۱۵، مرزا غلام حسن بیگ عارفنہٕ ۵۱۳، محی الدین نوازؔ رتن پوری سٕنٛزٕ ۴۰۰، ایوب صابرنہٕ ۳۸۱، عبدالجبار خاموشؔ کریری سٕنٛزٕ ۳۵۷، شمس الدین عتیقؔ نہٕ ۳۰۰، پروفیسر محی الدین حبیبؔ نہٕ ۲۳۴، موتی لال ساقیؔ سٕنٛزٕ ۱۹۰، عبدالستار رنجورؔ نہٕ ۱۴۷، تنہاؔ انصاری سٕنٛزٕ ۱۲۲، عبدالخالق شمسؔ نہٕ ۸۵، ڈاکٹر رشید نازکیؔ نہٕ ۵۵، فاروقؔ بڈگامی سٕنٛزٕ ۴۲، ڈاکٹر مشعلؔ نہٕ ۴۱، جواہر لالؔ سرورنہٕ ۳۷، امر چند ولیؔ سٕنٛزٕ ۳۱، ثناءاللہ شاہدؔ نہٕ ۳۰، قاضی ہلالؔ دلنوی نہٕ ۲۸، ارجن دیو مجبورؔ نہٕ ۲۷، سجودؔ سیلانی سٕنٛزٕ ۲۴، سید رسول پوٚنٛپرؔ نہٕ ۲۱، بشیر بھدرواہیؔ سٕنٛزٕ ۱۸، فاضلؔ کشمیری سٕنٛزٕ ۱۷، مظفر

عازم نہِ ۱۶، علی شیدا نہِ ۱۳، منظور ہاشمی سٕنٛز ۱۲، محی الدین گوہر نہِ ۱۲، اسداللہ آفاقی سٕنٛز ۱۱، شریف الدین پرواز نہِ ۱۱، ملک بشیر اطہر نہِ ۱۱، پروفیسر راہی سٕنٛز ۱۰، غلام نبی ناظر سٕنٛز ۷، وفا بھدرواہی نہِ ۶، شاہد بڈگامی سٕنٛز ۶، نشاط انصاری سٕنٛز ۶، رگناتھ کستور نہِ ۴، ٹاک زینہ گیری سٕنٛز ۴، تہٕ غلام محمد غمگین نہِ ۴ ربأعی کھالس کھٔژ مٕژ۔ چھاپس کھٔژ ہٕژن یمن ربأعی یَن ہُنٛد تعداد چھُ ۳۴۵۵۔ راقم الحروف سٕنٛدِس کُتب خانس منٛز یمہٕ چھپیٚمٕژ کتابہٕ موجود چھنہٕ یامابا قٕے ہمکال شأعرن ہُنٛد یُس اچھوپ کوٗشر کلامہٕ چھُ خبر تمن منٛز تہِ کأژاہ ربأعی آسن کأشرِ زبأنی ہنٛدِ شعری سرمایہٕ رٕنٛگی جمع گمٕژ۔ یِموطبع زادٕ مصرعی نظمو ورأے چھُ کینٛہہ و کأشرو شأعرو فارسی زبأنی ہٕنٛزن ربأعی ین ہُنٛد تہِ کوٗشُر ترجمہٕ کوٗرمُت، یِمو منٛزٕ چھُ مرزا عارفن خیامنبن شٔیبہِ شٔیتن تہٕ غلام نبی خیالن اکھ ہتھ تہٕ پٔنٛژہَن فارسی ربأعی یَن کوٗشر ترجمہٕ کوٗرمُت۔ ڈاکٹر مشعلن، رشید نازکی یَن تہٕ سلطان الحق شہیدی یَن چھُ علامہ اقبال سٕنٛزن فارسی رُبأعی یَن کوٗشر روپ عطا کٔرِتھ جان کارنامہٕ انجام دِیُتمُت۔ مشعل صأبن چھےٚ علامہ اقبال سٕنٛز ۱۲۳ ربأعی کأشرِس منٛز پھِرمٕژ، یوسہٕ اکھ رٕژ کأم چھےٚ۔

کأشرِ زبأنی منٛز ربأعی لِکھن والیو یِمو شأعرو منٛزٕ چھےٚ اکثر شأعرن ہٕنٛز ربأعی خصّی، تہٕ غأر خصّی دوشؠنی طرزن ہٕنٛز۔ میر غلام رسول نازکی، مرزا عارف، محی الدین نواز تہٕ موتی لال ساقی سٕنٛز ربأعی چھےٚ ترٛبن ترٛبن، ژون ژون طرزن

ہنٛز ۔تنہا انصاری، پروفیسر محی الدین حبیبؔ، رشید نازکی، مشعلؔ سلطانپوٗری بیترِ شاعرن ہنٛزِ یمہٕ ژُ مصرعی نظمہٕ چھےٚ اکثر خصی طرزٕ چ۔محی الدین حبیبؔ سٕنٛزن رباعی یَن ہنٛز خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یمہٕ چھےٚ ''اَلف'' پٮ۪ٹھہ ''ے'' یَس تام کمِن حروفِ تہجیَن ہنٛدِ ترتیبہٕ لیکھنہٕ آمژٕ۔

پتِمین پنٛژہَن وٕریَن دوران طبع زاد رباعیو منٛز چھےٚ اکثر شاعرن ہنٛزٕ رباعی مضمون آفرینی، علوی تخٔیل، ندرتِ بیان تہٕ برجستگی ہنٛدِ حوالہٕ چھوٗنیے تہٕ چھوٗ ے۔نازکی صأبنہٕ رباعی چھِ پزٕ کنٛہ علوی تخیلکی تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔ڈاکٹر رشید نازکی چھُ تسٕنٛزن رباعی یَن ہنٛز کتھ کرنس دوران ونان زِ رُباعی چھےٚ زندگی ہنٛزن ٹھوس حقیقتَن تہٕ عملی تجرباتن کیوٚ علمی مشأہدن ہُنٛد اکھ بحرِ بیکراں تہٕ حکیم منظور تہِ چھُ نازکی سٕنٛزن رباعی یَن متعلق باوتھ کران زِ شاعر چھُ زندگی تہٕ تخیلکی گوشہِ بدِ کڈنہٕ علاوٕ مُسلم قدرٕ بیان کرنس منٛز قدرت تھاوَن وول۔

نازکی صأبنین رباعی یَن متعلق روزِ یہِ وَنُن مناسب زِ رُباعی شعرٕ ذأژ پٮ۪ٹھہ متوأتر طور طبع آزمائی کرنہٕ باوجود تہِ چھُنہٕ میر غلام رسول نازکی مفاعیلُن، مفاعیلُن، فعولن بحرِ نبر نیرِ تھےہیوٚ کمُت۔''آوازِ دوست'' تہٕ ''کاوِ ینِہٕ وول'' شعرِ سوٚمبرَنین اندر یمہٕ تہِ رباعی درج چھےٚ یمہٕ چھےٚ ماسوائے زٕ پانٛژھ رباعی بلکل اَتھی بحرِ منٛز تخلیق کرنہٕ آمژٕ۔یہٕ چھےٚ سوٕے بحر یتھ اندر علامہ اقبالؒ سٕنٛدی مصرعہٕ چھِ:

خدائی اہتمامِ خشک و تر ہے

خداوندا! خدائی دردِ سر ہے

ولیکن بندگی استـــغـــفـــراللہ

یہ دردِ سر نہیں دردِ جگر ہے

یہِ کتھ تہِ چھےٚ تعجبس لایق زِ نازکی صائبس ہوِس قادرُ الکلام تہٕ بسیار نویس رباعی گو شاعرس تہِ چھُ وزنس منز گنہِ گنہِ پھیرٕ فرق گومُت ۔ مثلاً یتھ رباعی منز چھُ وزن ڈلان

یتھےٚ کم کم گژھاں چھُم وأنسہِ دوہ دوہ
وُچھان تبدیلیاہ چھُس پانس اندر
چھُ سورے عارضی قصاہ توَے چھُس
مسأفر ہیوٗ مسأفر خانس اندر

یعنے دوٗیم تہٕ ژورِم مِصرِعہٕ چھُ وزنہٕ نبر۔

گرِتھ نیکی دِلن دوٗپنَے کوٚرُتھ جان
گرِتھ ناکارگی دل گوٚوے پشیمان
چھُ ارشادِ محمدؐ مصطفیٰ یِی
چھُ أتھی کیفیتس منز اصل ایمان

یتھ رباعی منز چھُ ژوٗرمِس مصرعس منز شقل پادٕ گومُت:

سبٹھاہ کینٛہہ زیوٗن أکی ہے مرحلس منز
شہر تبدیل کوٚر اسہِ دلدلس منز

عمائژ کھاجہِ قبرستانن اندر

نجاست اوٗن تہٕ دِیُت دأرِتھ ڈلس منٛز

یِیمہِ رباعی ہُنٛد ترٛیِم مِصرعہٕ یوٚتأنی ییتھٕ پأٹھی پرنہٕ ییِہ نہٕ، تیتِس کالس روزِنہٕ وزن ڈنٛجہِ:

عمائژ کھاجہِ قبرس تَنٛدر

دوٚیِم کتھ چھےٚ یہِ زِ ژوٗرِمس مصرعس منٛز گوٚژھ نہٕ لفظ نجاست آسُن۔ کیاہ زبر روزِ ہے اگر امہِ بدلہٕ یہِ مصرعہٕ ییتھٕ پأٹھی آسہِ ہا:

ژھوٚٹن ہٕنٛدی ڈیر دِتی دأرِتھ ڈلس منٛز

نازکی سُنٛد گُف چھُ زِ ''بہٕ'' چھُس نہٕ رباعی اراد کٔرِتھ لیکھان، گُستام جذبہٕ چھُ ووتلان، خیال چھُ پأدٕ سپدان، ژوٗرِم مصرٕ چھُ بنان تہٕ پتہٕ چھِس ترٛےٚ مصرعہٕ لاگنہٕ یِوان، یِمن پیٹھ محنت چھےٚ پیوان کرٕنی۔ بہٕ چھُس رباعی یَو کو پأٹھی گرفتار کوٚرمُت۔ یِمہٕ چھنہٕ مےٚ اورٕ یور ڈلنہٕ دِوان تہٕ اُتھی تنوظرس منٛز بوٗزِی تو نازکی صأبٕنۍ یہِ رباعی۔

وَنداہ ، شبِناہ ، ساواراہ ، حماماہ

کوٗنگا ، ہٕری سا تہٕ توٚت تُنہٕ چاپہِ داماہ

علی شیخاہ ، حسن صوفیا ، شمیما

رُسل میرُن تہٕ مہجوٗرُن کلاماہ

تنہا انصاری سٕنٛزٕ رباعی چھےٚ کلاسیکی تہٕ روایتی آسنس لرِ لوٚر تخیّل تہٕ مضمون

آفرینی ہنٛدِ لحاظٕ وزن دار۔ محی الدین نوازنین رباعی یَن منٛز چھُ نفسِ مضمون عقل تہٕ عشق، خداتہٕ بندہ، خودی، شیطان تہٕ بنٛدٕ، سیاست، انسانیت بیترٕ۔ محی الدین حبیبؔ سنٛزٕ رباعی چھےٚ گلہم پأٹھی دینیأتی۔ یمن اندر توحیدُک اظہار، حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم سنٛدِ رسالتُک اقرار تہٕ عشقِ نبیؐ بیان چھُ کرنہٕ آمُت۔ فارقؔ بڈگامی سنٛزٕ رباعی چھےٚ رِثائی طرزٕ چہِ یمن منٛز شہیدِ کربلا تہٕ حضرت امام حُسین علیہ السلام سنٛدِ شہادتُک ذکر چھُ۔ عبدالستار رنجورؔ نین رباعی یَن اندر چھےٚ سیاسی، سماجی تہٕ معاشی نابرابری ہنٛز کتھ تہٕ حقیقژ بیان کرنہٕ آمژٕ۔ خاموشؔ کرِ پری یَن اگرچہِ ساڑ ترٛے ہتھ علاوٕ رباعی تخلیق چھےٚ کرِمژٕ مگر فنی تہٕ معنوی لحاظٕ چھنہٕ تمن منٛز کانٛہہ ادبی پایہ۔ بڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ تسنٛزٕ ن اکثر رباعی یَن ہُنٛد وزن چھُ پھُٹان۔ یوٚ دوے خاموشؔ پتنین رباعی یَن ہنٛدبن ترٛبن حِصَن ہنٛزٕ رباعی فاعلُن، فاعِلُن، مفاعیلُن، مفاعیلُن، مفاعیلُن، فعولاتہٕ مفعولُن، فعوُلُن، مفاعیلتُن چین ترٛبن بحرن منٛز آسنُک دعویٰ کوٚرمُت چھُ مگر تسنٛزٕ و رباعیو منٛز چھنہٕ اکثر رباعی یمو بحرو مطابق کہوچہِ کھسان۔ ایوب صابرؔ نین رباعی یَن پیٹھ یوٚ دوَے ظرافتُک رنگ غالب تہٕ چھُ مگر ادبی او بر گو بر تہٕ فنّی خوٗبیو نشہِ چھےٚ چھونے تہٕ چھرے۔ ڈاکٹر رشید نازکی نہِ خصّی طرزٕ چہِ رباعی یَن ہُنٛد موضوع چھُ عشقِ محمدیؐ تہٕ یمہٕ چھےٚ نعتیہ ادبچ شان تھاون واجنہِ۔

رباعی شعرِ ذاتھ یوٚ دوَے اصناف سخنو منٛزٕ ژھوٹہِ کھو تہٕ ژھوٹ نظم تہِ چھےٚ اما امہِ کہِ ذریعہِ چھُ زندگی ہنٛدبن تلخ و شیرین تجرباتن ہُنٛد اظہار کرنہٕ علاوٕ

عأرفانہٕ جذبات، رِندی ہنٛز سرمُستیہِ، سری حقأیق حُسن و عشقچ رنگارنگی، زندگی ہنٛز ناپاید أری، درسِ اخلاق، پند ونصائح، طنز، مزاح، ظرافت، شہرآشوب، حمدیہ، نعتیہ، مدحیہ، رثائیہ، خمریہ بیتر ٕقسمن ہٕنٛدی مضمون تہٕ خیال ادا یوان کرنہٕ۔ یہٕ دوَے ربأعی ہنٛدِ وزنہٕ نظامہِ مطأبق کأشرِ ربأعی کھوچہٕ پٮ۪ٹھ کھرٕ چھنہٕ ثأبت سپدان تاہم گرٕ ہِاتھ شعرٕ ذأژ پٮ۪ٹھ حأوی سپدنہٕ خأطرٕ شأعر قادرالکلام آسُن تہٕ سانہِ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھےٚ امہِ صِنفچ وأنس ۴۵ ؤری ہیٚو اکھُتے امہِ کھوتہٕ تہِ کم۔ امیُک مستقبل کیٛاہ روزِ تتھ متعلق کینٛہہ شبہٕ پأٹھۍ وُنن چھُ مشکل۔ بہٕ واتہٕ ناوِ پٮ۪ٹھ یہِ مقالہٕ یمن کینٛژن ربأعی یَن پٮ۪ٹھ اند۔

بنٛیا کینٛہہ زندٕ بادو درشنو ستۍ
چھوکن زانٛہہ رؤف بنٛیا آموٕ پنٛو ستۍ
پھبلس یٚوتأنۍ نہٕ نِستر واتہِ مُولس
بلنٛیا نوسُور قومس کُمِشنو ستۍ

(عارفؔ)

خلافت دِتھ بہٕ کوٚرتھس شاد و مسروٗر
زمینس پٮ۪ٹھ خلافت چھم بدستوٗر
شرف دِیُت تھَم بہٕ چھُس ممنوٗن و مشکور
مگر گرٕ ترٛاوِنس پٮ۪ٹھ گوس مجبور

(نازکیؔ)

حمایتٕ کانہہ مےٚ ہیوٚ امنگ تہٕ چھا وَن
بٕ پھیوٗرس امنٕ باپتھ ژون جہاتن
ووں گو سامانٕ جنگُک کیاژِ سوٚمبرُم
دیان چھس اَسی تَن یہٕ تہٕ احتیاطن

(تنہاؔ انصاری)

مدن وارس دِلُک اوحال باوتھ
دپیومس چارٕ کیاہ یتھ اضطرابس
وُٹھن اسنا پھوٚلُس ووشلیوو عرق آس
ہواوِچہٕ گژلیہٕ شبنم ڈوٗل گُلابس

(راہیؔ)



عزیز حاجنی☆

# کأشِر نعتیہ شأعری......اکھ سرسری سام

یوٚ تام زَن کأشِرِ شأعری ہُنٛد تعلق چُھ امیُک بیشتر حصہٕ چُھ عقیدتی خیالاتن تہٕ روٗحأنی فِکرِ ہنٛز ترجمأنی کران۔ چاہے سو سأنی بھگتی شأعری چھےٚ یا صوفی شأعری۔ امیُک بُنیأدی موضوع تہٕ فکری پسِ منظر چُھ سأنِس اجتمأعی لاشعوٗرس ستی واٹھ کھوان، یُس بہر حال عقیدتکہِ آگرٕ وُزان چُھ۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ چھِ کأشِرِس منٛز شعر وَنَنس باضابطہٕ پأٹھی دَس تُلن وألی اوّلین شأعر مانہٕ یِوان۔ یِیمہِ وقتہٕ یِمو پنٕنین خیالاتن ہنٛز باوتھ شأعری ہنٛدِس صوٗرتس منٛز کأشری پأٹھی کرٕنی ہیٚوٚ سہٕ اوس کٔشیرِ ہنٛدِ توأریخُک اکھ اہم پڑاو۔ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ تِمن ستی آمٕتی سادات آسی کٔشیرِ منٛز دینِ اسلامُک پرٛچار کران۔ تِمن اُس اَتھ تبلیغی مِشنس منٛز اکھ بڈٕ دِقت کأشُر زبان نہٕ زانٕنی، یِیمہِ کِنی تِم لُکن تام پننہٕ کتھ موثر پأٹھی واتنأوِتھ ہیکان آسی نہٕ۔ شیخ العالمنؒ کٔر یہِ کمی پوٗرٕ تہٕ تِمو بأوِ دینِ اسلامچ تعلیم تہٕ امِکی بُنیأدی اصوٗل کأشِرِس منٛز، سہٕ تہِ کأشرِن شعرن اندر یُتھ زَن لُکن پوٗرٕ پأٹھی فِکرِ ترٛنس ستی ستی یِم زبون پیٹھ تہِ کھسہٕ ہَن۔ یِی سپد تہٕ کلامِ

☆ پادشاہی باغ، سرینگر

شیخ العالمؒ ییٚتھ کاشُر قرآن تہٕ وَننہٕ چھُ یِوان گۄو زبان زدِ عام تہٕ امہِ کہِ مقبۆلیتُک انداز ہیٚکہِ ییٚمہِ کتھِ ستی لگاونہٕ ییٚتھ زِ یمہِ کلامہٕ روٗ دصدی وادٕن سینہٕ بہ سینہٕ اکہِ پیٚرِ پیٹھہِ بیٚییس پیٚرِ تام پکان۔ شیخ العالمؒ سنٛزِ شاعری ہُند اکھ حصہٕ چھُ رسولِ کریمؐ سُند بن تعریفن منٛز لیکھنہٕ آمُت:

اوّل ''الف'' کُنٕے اللہ
اولہٕ پیٹھہٕ آخر زوال نہٕ تس
''ب'' گۄو محمدؐ رسول اللہؐ
قیامُژ شفاعت کرِ اُمتس



محمدؐ ژور یار برحق گنٛزرُکھ
تمن نِش اندی دُنیہِک نیاے
جان پان پنُن تمن پتھ بنٛزرُکھ
سوے چھیٚے تور رِژ بُڈ رَہکاے



پأرٕ پأرٕ لگَو زِ تس پأغمبرس
یِہنٛدِس دورس رحمت چھیٚے جأری
کأنٛسہ ییٚلہِ ہگھ لگہِ روزِ محشرس
تس کُن وومید وار آسن سأری

شیخ العالمؒ سٔندِ پتہٕ ازتام چھِ نعت لیکھنٕچ روایت کاشُر زبانۍ منٛز مُسلسل تہٕ محکم پأٹھۍ چلان۔ أسۍ ہیکَو کاشُر نعتیہ ادب بڑونٛتھ کنہٕ تھأوِتھ یہِ کتھ وثوقہٕ سان وَنِتھ زِ سانہِ زبأنۍ اندر چھِ کینٛہہ تِتھۍ معیأری نعت تہٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ یِم ادبِ عالیہ ہُنٛد منٛز شُمار کرنٕ لایق چھِ۔ سانِو صوفی کبو رٕ مانوی شاعرو منٛز چھِنہٕ شاید کہٕنٛہہ شاعر تِیُتھ یمۍ نہٕ نعت لیکھنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ چھےٚ، تاہم چھےٚ یہِ اکھ حقیقت زِ مختلف دورن ستۍ وابستہٕ درجن واد شاعر ہیکۍ نہٕ دریافتہٕ سپدِتھ تہٕ لأزمی طور آسہٕن تِمن منٛز کینٛہہ جان پایکۍ نعت گوتہٕ۔ مثالہِ پأٹھۍ وَنو زِ حبیب اللہ نوشہری ؒ چھُ اکھ جان پایک نعت گو شاعر مگر أمۍ سٔندۍ چھِ گوتامتھے نعت اَسہِ تام واتِتھ ہیکۍ ِمتۍ یێلہِ زن أمۍ سٔندِس دورس آس پاس وٕتھۍ ِمتِین شاعرن منٛز سید محمد ہادی فاخرؔ، سعد اللہ شاہ آبادی تہٕ میر عبداللہ بیہقی نأوۍ شاعرن سٔندۍ کینٛہہ نعتیہ منظومات اتھِ آمٕتۍ چھِ۔ حالانکہِ یِم منظومات پٔرِتھ چھُ باسان زِ یِمو شاعرو آسہِ ہےٚ یہِ کلامہٕ پننہِ ادبی سفرِ کِس پوختگی ہٕندِس پڑاوس پیٹھ لیوٗکھمُت۔ مثالہِ پأٹھۍ وُچھو یہِ شعر:

زأویل کمر، أویل بدن، شوقس چُھ پَن ذوقس چمن
یادِک سنبر، راذِک تھزر، فرشس چُھ کُن عرشس چُھ تھَم

(میر سعداللہ شاہ آبادی)

یِمو شاعرو پتہٕ چھُ اسہِ سٔیدِ سیوٚد محمود گامیؒ یِس تام واتُن پیوان، یِمۍ کاشرِ نعتیہ شاعری اکھ نوٚو طرح دیُت۔ أمۍ سٔنزِ شاعری اندر چھِ فارسیُک اثر فکری کیٛو ہیٔتی سوٗتھرِس پیٹھ نمایاں پأٹھۍ لبنہٕ یِوان۔ محمود گامیؒ سٔندۍ نعت گیٖہ کاشر بن لوٗکن

منٛز سبٹھاہ مقبول۔ اکھ امہِ کنٛز زِ یمن اندر اوس ییٚتہٕ کینہہ لوٚکن ہُند مزاج تہٕ ییتیک ماحول۔ فریاد تہٕ عاجزی ہُند طرزِ ادا تہِ اوس کأشرِ ہندِس مزاجس براہ۔ اِو کنٛز آسے نہٕ یم نعت صرف گرَن تہٕ نجی محفلن منٛزٕ یوت بوزناونہٕ بلکہِ روٗدی لوکھ مشیدن منٛز تہٕ یمن ہُند وِرد شوقہٕ تہٕ پٔرٕھ سان کران:

ژٕ کر غم دفا یا حیات النّبیؐ
مےٚ کرتم شفاء یا حیات النّبیؐ
چھُ والّیل تعریف گیسوے تو
رُخت والضحیٰ یا حیات النّبیؐ
بہ اصحاب و ازواج آل کرام
عفو کر خطا یا حیات النّبیؐ

محمودنہِ نعتچ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ خوٗبی چھےٚ یہ زِ یہِ وٕوٗ ے کأشرِ ہندِس مزاجس۔ یمو ییمہِ انمانہٕ فریاد تہٕ توصیف پانہٕ وأنی رلأ وِتھ اکھ امتزاج وو تلاونچ کوٗشش کٔر سو ہیکہِ ہے شاید محمود گأمی لیس ہیوٗ وستادٕ ے کٔرتھ بیٚیہ نہٕ کانہہ۔

قطب الدین واعظ تہٕ مولوی محمد خضر مُقبل چھِ محمودس پتہٕ نعتہٕ کہِ حوالہٕ کأشرِ زبأنی ہندِس ادبی توأریخس منٛز خاص پأٹھی قابلِ ذکر۔ وأعظ چھُ اکھ پُرگو تہٕ پُر مایہ نعت نگار۔ تمی سٕنٛزِ نعتیہ شأعری ہُند خیال تہٕ فکر چھےٚ اعلیٰ پایچ تہٕ تِتھے پأٹھی چھُ أمی سُند فنکارانہٕ وو ہارتہٕ خوشیوٗن تہٕ نٔنہٕ بون۔ تِتھے پأٹھی چھُ خضر محمد مُقبل تہِ سنجیدٕ فکر تہٕ لولہٕ وول سخنور یمی پنٛنہِ لوٗلکی تہٕ عقیدتکی پوٗش آنحضوٗرن صبٕ تھے

ادبہٕ، اخلاصہٕ تہٕ احتیاطہٕ سان نچھاورکری ٚمتی چھِ:

ژٕ یے چھِیےٚ شاہی تہٕ سُلطانی مُسلّم یا رسول اللہؐ
ژٕ چھُکھ از لطفِ ربّانی مکرم یا رسول اللہؐ

کأشرِ زبانٕ ہٕندی تقریباً سأری مثنوی نگار چھِ نعت گو۔ چاہے سُہ ولی اللہ مَتوٗ چھُ، مقبول شاہ کرٛالہٕ وأری چھُ یا بدل کانہہ، پرٛ بتھ کانٛسہِ چھُ پنٕنہِ مثنوی ہٕندِس ابتدائس منٛز نعتِ شریف ضروٗر لیوٗکھمُت۔

مثنوی نگارن ہٕندی پأٹھی چھِ سأنی صوفی شاعر تہٕ ضروٗر نعت لکھنٕک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تجربہٕ کران۔ لل دیدِ پیٹھٕ موجوٗدٕ زمانہٕ کین صوٗفی شاعرن تام آسہِ مشکل نٕے تِیُتھ کانٛہہ شاعر یمی نہٕ نعت لیوٗکھمُت آسہِ۔ نعت لکھن والین یمن صوٗفی شاعرن ہٕندِ کلامُک انہار چھُ باقٕے شاعرن ہٕنزِ نعتیہ شاعری نِشہِ کتہِ کور مختلف۔

وحدت الوجوٗدٕکس اثرس تل یتھ چھِنہٕ اکثر صوٗفی شاعر احدس تہٕ احمدس درمیان فرقٕے کرِتھ ہیکان۔ تاہم چھُ یہِ تہِ پزر زِ کأشرِ بن صوٗفی شاعرن ہٕندِ کلامہٕ منٛزٕ چھِ منٛزی منٛزی کینٛہہ تِتھی شعر تہِ نیران یم کأشرِ نعتیہ ادبکین بہترین نموٗنن منٛز شُمار کرِتھ ہیکو کھ۔ مثالے:

قد چونٔے وُچھ مےٚ بالا یا محمد مصطفیٰؐ
حد و لاحد عرش و اعلیٰ یا محمد مصطفیٰؐ

(صمد میر)

زانہٕ کیاہ بہٕ لن ترانی آو بر موسیٰؑ نِدا
پانہٕ نزدیک نیؤکھ یارن یا شفیع المُذنبینؐ



عربستانےٚ آو جانانےٚ پھٔس نِشانےٚ الا اللہ
بہٕ پروانےٚ تس ہر آنےٚ پھٔس نشانےٚ الا اللہ
(سید میرکؔ شاہ کاشانی)

صوٗفی شاعرن ہٕندی اکثر معتقد چھِ ساریے صوٗفیانہٕ کلامس بیک وقت مناجات تہِ مانان، نعت تہٕ تہٕ منقبت تہِ۔ امہِ قسمکی یَوٗھ تہٕ پَرٛھ تھاون وٲلی چھِ پرٛ بتھ کلامس سرٕ نک معاملہٕ وٕنتھ پٔنٕنی پاٹھی تاوِیل کران تہٕ بحث کرٕنچ یا دلیل دِنٕچ چھنہٕ کانٛہہ وتھے روزان۔ یہِ غارٕ صحت مند روایت پھٕٹرٛ اوتھ پرٛ اسہِ حقیقت باور کرٕنی زِ صوٗفی شاعری تہٕ نعتیہ شاعری چھِ زٕ الگ الگ باوٕژ وسیلہٕ۔ تعجبس لایق کتھ چھےٚ یہِ زِ ''نوٗرٕ آگر'' نٲوی نعت سوٗمبرنہِ منٛز چھِ صوٗفی شاعرن ہٕندی کیٛنہہ تِتھی باتھ شامل کرنہٕ آمٕتی یِم نعتہٕ کِس زُمرس منٛز شامل کرٕنی پزٕہَن نہٕ۔ مثالہِ پاٹھی ہکبو کھاسی رحمؔ صابِ سوپوٗری تہٕ شاہ غفورٕنی وژن پیش کٔرِتھ۔ امہِ قسمکی وشفہٕ چھِ سائنس ادبی تواریخس اندر جایہِ جایہِ نظرِ گوٗھان، تہِ زن گوٗو صوٗفی شاعرن ہٕندی پاٹھی چھِ مجازی عشقس للہٕ کھول کرَن والین کیٛنژن شاعرن ہُند واریاہ کلامہٕ نعتیہ شاعری منٛز شمار کرنہٕ آمُت۔

اگر کانٛسہِ شاعرن کانٛہہ تیٚتھ باتھ لیوٗکھ یَتھ منٛز اتفاقاً یا دانِست پاٹھی

أ کِس یا دون جاین ''محمدؐ'' یا ''احمدؐ'' ہوی لفظ ورتاونہٕ آمتۍ آسن، محض اَتھ بُنیادس پیٹھ یہِ سوٗرُے بأتھ نعتیہ کلامہٕ مانٛنِس چھنہٕ جوأز ییت۔

کأشرِ نعتیہ سوٗمبرنہٕ ترتیب دِنہٕ والیو چھِ رسُلؔ میرتہٕ امہِ قبیلہٕ کین واریاہن مجأزی شأعرن ہنٛدی بأتھ سوٗنچِنہٕ سرنہٕ ورأے یمن سوٗمبرنن منٛز شأمل کٔری مٕتۍ۔

کأشرِ نعتیہ شأعری منٛز ییم صاحبِ طرز شأعر نمایاں پأٹھۍ نظرِ گژھان چھِ تِمن منٛز چھِ عبدالاحد نادمؔ، پیرعزیز اللہ حقانیؔ، عبدالاحد ناظمؔ، ثناء اللہ کریریؔ، امیر شاہ کریریؔ، غلام رسول نازکیؔ، عبدالاحد فیاضؔ، فاضلؔ کشمیری، مرغوبؔ بانہالی، رشید نازکیؔ، علی محمد شہبازؔ، غلام نبی گوہرؔتہٕ غلام حسن غمگینؔ خاص پأٹھۍ قأبلِ ذکر۔ یمن شأعرن ہنٛدی واریاہ نعت چھِ لُکن منٛز مقبول سپدی مٕتۍ تہٕ سیرتی تہٕ دٟنی مجلِسو علاوٕ چھِ ییم مشیدن اندر تہٕ شوقہٕ تہٕ ذوقہٕ سان پرنہٕ یِوان۔ یہِ چھُ پزرٕ زِ کینٛہہ سٟٹھے مقبول تہٕ مشہوٗر نعتِ شریف چھنہٕ نعت کہِ اصطلأحی معنیو مطأبق پزنہٕ پأٹھۍ نعتہٕ کِس زُمرس منٛز یِوان، مگر یمن نِدأیی نعتیہ کلامن چھُ تیٚتھ تأثیر زِ عشقِ رسولؐ تھاون وألی عاشق چھِ ییم پٔرِتھ یا بوٗزِتھ وجدس یِوان۔ مثالہِ پأٹھۍ نمون أسی ثناء اللہ کریری سُنٛد یہِ نعتِ شریف:

ہا واوٕ واتکھنا توٗتے یێتہٕ ڈاف ترٛأوِتھ مصطفٰےؐ
احوال میأنی تس ونِکھ سُے ہو کریم دادبن دوا

یہِ نعت چھُ دراصل جامیؔ سنٛدِس:

''نسیمہ جانبِ بطحا گزر کُن
کہ احوالم محمد را خبر کُن''

مشہوٗر شعرس کاشُر شرح۔ چونکہِ کأشرِ ہُند اجتمأعی لاشعوٗر چُھ کینژہ وتوأریخی وجوٗہاتو کِنی ہوٗ رلد بنیوٗمُت تہٕ أسی چھِ کلُہم پأٹھی بالافطری تہٕ غأبی طاقتن پیٹھ پَننہِ ذأتی فِکر وفہم کھوتہٕ زیادٕ یقیٖن تھاوان۔ نادتہٕ فریاد چھِ اسہِ ویان تکیاہ زِ سأنی دادِبداہ چھِ تتھی۔ یہِ چُھ اکھ اہم وجہ زِ ثناءاللہ کریری سُند لیوٗکھمُت یہِ نعتیہ فریادتہٕ امہِ قِسمکی سأری منظوٗمات چھِ کشیرِ منز مقبول سپدی مِتی مگر امیک مطلب گوٚ و نہٕ ہرگز تہٕ یہِ زِ أسی مانوکھ یم نعتیہ شأعری ہند بوٗ بُنیأدی تقاضو مطأبق تہٕ امہِ قبیلہٕ چہٕ شأعری ہِندی اعلیٰ نموٗنہٕ۔ کأشر نعتیہ شأعری ہُند بیاکھ نمایاں پہلوٗ چُھ امہِ کِنس آہنگس منز موجوٗ دلگہٕ لگے۔ عبدالاحد نادم گوٚ و شاید امے کِنی کأشرِ ن منز بحیثیتِ نعت گو زیادٕ مقبول تِکیاہ زِ تمی لیکھی اکثر نعت وَنہٕ وُن کِس طرزس پیٹھ یم بیٚتہٕ سانہِ ماجہِ بیٚنہِ ماہِ رمضان چن رأژن دوران آنگنن منز ڈ ری گنڈی گنڈی بیٚہِ ھتہٕ پرِ ھ سان وکھناوان آسہٕ۔ تاہم چھے اَتھ سلسلس منز یہِ حقیقت تہٕ قأبلِ توجہ زِ کأشرِ بو مستوٗ راتو یوسہٕ نعتیہ شأعری گرٚتھ منز چھنہٕ یہِ لُگہٕ لگے دزٕ ینٹھی گوٚ ھان۔

کأشر نعتیہ شأعری چھے شُرک، وژُن، غزل، نظم، سانیٹ، رُبأعی بیترِ شعری قاألبن منز لکھنہٕ آمٕژ تہٕ پزٕ رچُھ یہِ زِ بہترین نعت چھِ زیادٕ تر غزل تہٕ رُبأعی ہِندِس فارمس منز۔

یہِ حقیقت باوٕنی تہٕ چھِ سأنی ذمہٕ دأری زِ اسہِ چھنہٕ وُنہٕ نمایندٕ نعت خوان

پزنہٕ پأٹھی بدٕ کڈِتھ ہیکیٚ مِتی۔ مثالہِ باپتھ ہیکو أسی عبدالاحد فیاضٓ ہوٚس شأعرسُند تذکرٕ کٔرِتھ۔ فیاضٓ صأبنہِ نعتیہ شأعری پیٹھ مُشتمل زٕ سوٚمبرنہٕ چھےٚ شایع سپزمٕژ۔ یمن ظون دِتھ پرنہٕ پتہٕ أمِس شأعرس متعلق یہِ راے محکم پأٹھی گنان چھےٚ زِ یہِ چُھ پزٕ سہ شأعر یُس نعت کیٚو بُنیأدی تقاضو مطأبق شأعرانہٕ ہُنر مندی سان لیکھان چُھ۔ امہِ قسمکی نعت گو شأعر منظرِ عامس پیٹھ انُن چھِ کأشرِ زبأنی ہِندین محققن تہٕ نقادن پیٹھ اکھ اہم ذمہٕ دأری۔

کأشرِس منٛز چُھ واریاہن باقےٚ زبانن ہِندی پأٹھی مسلمان شأعرن ستی ستی غأرٕ مسلم شأعرو تہِ نعتیہ کلام تخلیق کوٚرمُت۔ یمن شأعرن منٛز چھِ پرتھوی ناتھ کول سائلؔ، پتامبر ناتھ درفانیؔ تہٕ پریم ناتھ شادؔ خاص پأٹھی قأبلِ ذکر۔



رتن لال تلاشی

# بٲگھتہِ باوُک شاعر ویٚشنہٕ رازدان

کُنہِ تہِ زبانٕی ہِندِس ادبی تواریخس منز چھِ تِتھہ کینٛہہ تخلیق کار آسان یِم قابلِ توجہ آسنہٕ باوجوٗد تہِ کم معروٗف روزان چھِ۔ یوٚدوے اَسی پَنٛنِس شعرٕ سرمایس نظر تراوَوانہِ تہِ گژھن اسہِ تِتھی کینٛہہ تخلیق کار تہٕ گونماتھ نظرِ۔ تِتھے اکھ شاعر چھُ ویٚشنہٕ رازدان۔ ویٚشنہٕ رازدان چھُ یَتمہِ صدی ہُند شاعر تہٕ تس گیہِ کینٛہہ دٔہلی گُزریمتس مگر اَمنٛز شاعرانہٕ شخصیت چھنہٕ تیٚژ ویٚزِ پیٚژ یہٕ اَمنٛز ن کینٛژون لیلاین ہِندِ مقبوٗلیتہٕ حسابہٕ آسنہٕ گوٚو۔ ویٚشنہٕ رازدانن چھےٚ مختلف رنٛگن ہنٛز شاعری کٔرمٕژ۔ یَتھ منز مجٲزی لوٚلہٕ باوتھ کرن وٲلی وژن تہٕ بٲتھ، موضوعی نظمہٕ تہٕ بٲگھتہِ باوٕ سِتی لبریز لیلایہِ تہِ شامل چھےٚ۔

کینٛژون وژنَن تہٕ بٲتن منز چھےٚ ویٚشنہٕ رازدانن مجٲزی لوٚلہٕ باوتھ رِوایتی پیکرَن، پیراہن تہٕ شعرٕ محاورس منز کٔرمٕژ۔ یِم وژن وُچھتھ چھُ نَنان زِ اَمنٛدِس دورَس دوران تہِ کتھ حدس تام چھُ رُسلؔ میرنہِ شاعری ہُند دبدبہٕ اوسمُت تِکیٛازِ اَمنٛزِ یِژھ شاعری منز چھےٚ رُسلؔ میرنہِ شعرٕ ترٲیہٕ ہِندِ تقلیدٕچ کوٗشش ٹاکارٕ

☆ شعبۂ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

باسان۔ ووٗں گوٚو باسان چھُ زِ یُوٚھ ہش شاعری آسہِ ہے تمہِ پَتہٕ تخلیقی سفرٕ کَس ابتدأیی دورَس منٛز گرٕھو۔ پزر چھُ یہِ زِ وٕنۍشنہٕ راز دان چھُنہٕ مزازن مجازی لولُک شاعر، سُہ ییٚمہِ تخلیقی رنگہٕ کنۍ توجہ طلب بنان چھُ، سُہ چھُ تہٕنٛدِ دیہِ لولُک تہٕ سوگن بکھتی شاعری ہُنٛد رنگ۔ تسٕنزِ شاعری ہٕنٛدی اَمی رنگن چھُ مقبوٗلِ عام پرٛ وومُت۔ سوگن وأ دی بکھتی منٛز چھِ تمہِ مُختلف دیوی دیوتا ہن تہٕ اَوتارن پَتہٕ بکھتی ہٕنٛدی پوٚش لأگمِتۍ تہٕ تِمن بزٕ ہمہِ سورٕپ مأنِتھ آتم گیان یا مُکتی ہُنٛد منہٕ کونچھ منزِل پرٛ اوٚنک جذبہٕ تہٕ ہمسوس بوومُت۔ ہنٛد وعقیدٕ موجوٗب ییٚلہِ ییٚلہِ تہٕ یَتھ دُنیاہس منٛز ادھرم تہٕ پاپ غألب سپدان چھِ تیٚلہِ تیٚلہِ چھُ اکایل دَرے انسانس ادھرمہٕ کہِ اَنٛگٕہِ منٛز کڈنہٕ باپتھ اَوتار ہنٛدِس صفأتی رٕپس منٛز یَتھ بُتراَتھ پیٹھ زنم نِوان۔ اَتھی خیالس دِژ بزٕ وٕنہہ گُن وقتہٕ وقتہٕ مُختلف عألِموٗ تہٕ سبدٕ واکھ فلسفیانہٕ بُنیاد تہٕ گونماتو تہٕ گرٕ مُختلف ہندوستأنی زبانن منٛز رام بکھتی تہٕ کرٛشنہٕ بکھتی بیترِ شاعری دِسی اَتھی تصورس رنگہٕ رنگہٕ باوتھ۔ کأشرِ زبأنی منٛز کوٚ رامہِ ترٛ ایہٕ ہٕنٛزِ شاعری ہُنٛد آغاز صاحب کول تہٕ پرمانند بیترِ شاعرَ و کرٛشنہٕ بکھتی بیترِ شاعری ہٕتی۔ کرٛشنہٕ بکھتی شاعرن نِش چھےٚ اعلیٰ حقیقت تی یہِ کرٛشن چھُ تہٕ تسٕنٛد ظہوٗر چھُ یَتھ دُنیاہس منٛز پَتہٕ بکھتن ہٕنٛدِ رٕژرٕ تہٕ جانٛرٕ باپتھ سپُدمُت تہٕ راداچھےٚ تسنٛزٕ ہتی بأج تہٕ شکتی۔ یوٚ تام بکھتی امہِ پزرٕ نِشہِ لاعلم روزِ توٚ تام پرٛ اوِ نہٕ سُہ پرم سوکھ تہٕ آنند۔ یِی چھُ وٕنۍشنہٕ راز دان نہِ کرٛشنہٕ بکھتی ہُنٛد ہرتر۔ تسٕنزِ بکھتی ہُنٛد منہٕ کونچھ منزِل چھُ کرشنہٕ دام۔ سُہ چھُ یہِ زانان زِ اَتھ مقامس تام واتنہٕ باپتھ چھُنہٕ پتھ، زپھ تہٕ

یوگ کاٲفی بلکہِ ہیکہِ اتھ وتہِ بگھتی ہُنٛدٕ ے گاش گاشرٲوِتھ۔ مگر بگھتی ہٕنٛدی پوٚش ہکبن تتھی وونٛدس منٛز پھوٚلِتھ۔ یتھ منٛز کرشنہٕ سُنٛد لول جاے رٹہِ تِکیاز ِ کرشن چھ کرشنہٕ سُنٛدٕ ے لول وشن کران۔

سوگن بگھتی ہُنٛد بیاکھ رنگ چھ دیوی بگھتی۔ زگت جننی ہُنٛد تصوّر چھ کٔشیرِ منٛز سبٹھاہ قدیم تہٕ ییٚتہِ چھےٚ شکتی پوٗزایہ ہنٛز دٔر ربوایت أسمٕژ۔ سانٛین کیٛنٛژن مُقاٲمی اسطوٗرن منٛز چھےٚ ستی، شارِکاتہٕ شارِداہشہِ دیوی تہِ شاٲمل تہٕ ویدک دورچہِ لکھمی سرَسوتی بیترِ تہِ تہٕ شاعرَو چھےٚ یمن سارِنی زگت جننی ہُنٛد رٕپ زاٲنِتھ بگٲھتی گرٕمژٕ۔ ویٚشنہٕ رازدان تہِ چھ ابدی حقیقتَس دیوی رٕپہ بگھتہِ بھاونایہ ہٕنٛدی پوٚش لاگان۔ أہنٛزِ کرشنہٕ بگھتی تہِ تہٕ دیوی بگھتی منٛز تہِ چھےٚ زٕخصوٗصیژٕ ٹاکارٕ۔ اول شرناگت باوتہٕ پژٕ پتی ہُنٛد جذبہٕ۔

یہِ کتھ تہِ چھےٚ اہم زِ ویٚشنہٕ رازدان یوٚ دوَے یَتھ دُنیاٲوی سوٚ درَس تارلبنہٕ باپتھ بگھتی ہنٛزٕ ے وتھ رٹان چھ اماپوٚ زٕ سہ چھنہٕ أتھی تام محدوٗد روزان بلکہِ چھ سُہ امہِ باپتھ پژٕ بتھ کانٛہہ وسیلہٕ تہٕ حربہٕ ورتاونس درپےٚ۔ سُہ چھنہٕ صرف سوگن وأدی تژٕ ایہِ لور روزان بلکہِ چھ نِرگون وادس کُن تہِ پھیران۔ کاشرِس شعرو ادبس منٛز چھےٚ نِرگون وادِچ اکھ پژٕ اٲنٛز تہٕ مُستحکم ربوایت یَتھ کیٛنٛژو پایہِ بڈٕ و گونماتوَ درِبر بخشمُت چھ۔ نِرگون وادِچ تژٕ اےرٕ ٹتھ چھ ویٚشنہٕ رازدان تہِ امہِ قبیلہٕ کِبن شاعرن ستی شاٲمِل سپدمُت۔ سُہ تہِ چھ حیات تہٕ ممات کِبن تمن وبوٗدُر ٹُلہٕ وِنبن سوالن سنان یِہنٛدی مُختلف جواب أستھ تہِ کانٛہہ اکھ شبقہٕ جواب عنقا

چُھ ۔ یہِے جیوِن لیلاو چھِتھ ووت مہاتمابُدھ گیا کِس پیپل کُلِس تل پزرٕ ژھانڈنہٕ باپتھ ۔ ویشنہٕ راز دانس تہِ چھےٚ زندگی ہنٛز یہِ کرٛ ہتھ پتہٕ گوٚ ھ سوٚنٛچس گتہٕ گیوٚر ثلان:

پانو کونہٕ چھکھ پانے سادان
زیوٕ سُندیُن گوٚھن کارن کیاہ

ویدانتہٕ مُطأبِق چُھ یہِ سمسار سوپنہٕ مایاتہٕ فریب ۔ بُدھ مت کہِ ''یوگا چار'' یا ''وِگیان وادٕ'' مُطأبِق چھُنہٕ خارجی موجوٗ داتن ہُنٛد مُلہٕ تلہٕ کانٛہہ تہِ وجوٗد ۔ یہِ سوٗرے چُھ اکہِ سوپنکی پأٹھی من یا عقلہِ ڈٕسی پأدٕ کرنہٕ آمٕژ صوٗرت ۔ چنانچہِ کٔشیر چھےٚ بُدھ متچ اکھ پرٛتھن جاے روٗزمٕژ تہٕ امہِ مکتبِ فکرُک چُھ کاشرِس سوٚنچس پیٹھ تہٕ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ اثر ۔ سانہِ شأعری منٛز چُھ اکثر پأٹھی دُنیہچہِ بےثبأتی ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت ۔ راز دانس تہِ چُھ امہِ کرٛیچھرُک شدید احساس ۔ ونان چُھ:

یوٗگ یوٗ گتھ کانٛہہ گوٚونہٕ ترٛپھ
آشا دأرِتھ ہأنگنہِ روپھ
سیٚکہِ ریٚل باسان مرگہٕ ترٛشنا

ویشنہٕ راز دان تہِ چُھ دُنیہکہِ بے مطلب ووہارٕچ مالے ترٛ اُوِتھ پرمہٕ دام پرٛاونک قأیِل بیٚیہِ پوشہِ وُن سوکھ تہٕ سکوٗن چُھ ۔ تہٕ تس نِش چھےٚ مُکتی پرٛاونٕچ وتھ یہِے ۔ ونان چُھ:

اگر زانکھ ژٕ پنٛنے پان    کرُس ارپن ژٕمن یود پران

پَننہٕ مرِ پأنٛی پانس پَڑے         کرُن گوٗڑ پأنٛی پانس جَے

مگر منہٕ سۆ درس منٛز ووٚتھ لاینٛی تہٕ آتم گیانٕکۍ موختہٕ پھٔلی کھارٕنی چھِنہٕ محض وَننہٕ ستۍ ممکن۔ یہِ زانہِ ویٚشنہٕ رازدانٕنے زِیہِ کرُن کوتاہ کرٛ وٗٹھ چھُ۔ ونان چھُ:

نمن دگ چھم لمن لمن

چھمبن تہٕ چھارن پھِر نوونس

واسنایہٕ ہنٛزٕ رزٕ زاٹھہ چھمنہٕ ژھبن

مُکتی پرٛاونہٕ باپتھ چھِنہٕ کانٛہہ تہِ اکھ شبدٕ وتھ۔ یہِ احساس چھُ رازدانس تہِ۔ اکھ شۆ دٔ بکھتی آسنہٕ باوجوٗ دتہٕ چھُ سُہ، سُے پرٛزرگارنہٕ باپتھ مُختلف وتن ہنٛدی وتہٕ پٔدی مانڈان تہٕ تم سرٕ کٔرِتھ پَننہِ بکھتی ہنٛز وتھ گاشراوان۔ أہنٛدِس کلامس منٛز چھےٚ مختلف جاین کرم نظریہٕ ہچ چھاپ تہِ ٹاکارٕ۔ سُہ چھُ سٔنٛزٕ بتھ، کرٛیہِ مان تہٕ پرٛاربد یمن ترٛیٚشوٗنی کرمہٕ ژھرن لٔلہ کھوٗل کران۔ تس چھُ احساس زِ سمسارس یتھ چھُ یمن کرمہٕ ژھرن ہُنٛد پھل بوٗگن لابوٗ دی۔ تِکیازِ سمسارٕ چ یتہٕ گوٗڑ چھےٚ امی موکھہٕ۔ امہِ زنمہٕ ژھرِ نِشہِ موکجار پرٛاونہٕ باپتھ چھُ سُہ نشکام کرمَس پیٹھ زور دِوان۔ یُتھ یمن کرمہٕ ژھرَن ہُنٛدمل دوٗ رسپدِ۔ یتہٕ چھُ توجہ طلب زِ سُہ چھُ کُنہِ مُکتی بجایہِ نِروانٕچ کتھ کران۔ مہاتما بُدھ ہنٛدِس نِروان تصورَس پسِ پردٕ یوسہٕ دردِ ناک تہٕ دوکھدأیی دُنیأوی زندگی ہنٛز تصویرٕ چھےٚ تٕتہٕ ہے ہش تصویرٕ چھےٚ رازدان نِس کلامس منٛز پھِری پھِری درٛینٹھی گوٚھان۔ ووٚنی گۆ وآوا گمنہٕ کہِ گِردابہٕ منٛزٕ پان موکلاوٕنِکس معاملس منٛز چھِنہٕ مُکتی تہٕ نِروانس کانٛہہ تہِ پھیرٕ۔

بیشتر بگھتی شاعرن ہندی پاٹھی چھ ویشنہٕ رازدانن تہٕ نِروان مُکتی ہندِس معنیس منزٕ ورتو مُت۔ تِکیازِ سائنس رِوایتی سوٗنچہِ سوٗ درس منز چھ یمن مُختلف ناگہ رادن ہُند آب رل۔ یہِ پزٕ رچھ ویشنہٕ رازدان نہِ شاعری تلہٕ تہٕ عیاں سپدان۔ سُہ چھُ ونان:

یہٕ زانُن چھےٚ سبٹھاہ مُشکِل — یہٕ گوٗو سمبوگ ئُے منزِل

یہٕ گوٗو نِروان تھانٛک پئے — کرُن گوِھ یاٗنِ پانس جَے

ویشنہٕ رازدان چھ گیانِ، کرم تہٕ یوگُک بجر مانٛتھ تہٕ بگھتی ہنٛز وتھ سیٚو دتہٕ سہل مانان۔ مگر تس نِش چھےٚ تھزٕ بگھتی سوے یَتھ منز ایشورس ورأے بیٚیہ کُنہ ٕستی لاگٕنئے آسہِ نہٕ۔ بگھتی چھےٚ تس نِش دُنیاوی یِژھایہِ تہٕ خاہشہِ ترٛاوِتھ چھراأ ٕکس دَیس ٕستی پریم تھاوُن تہٕ ہردم تسُند وصل یژھن۔ مگر تسُند وصل چھُ تسی حاصل سپدان یَس تسُند انہٕ گژہ حاصل آسہِ۔ توٚے چھُ ویشنہٕ رازدانس تہٕ پژبتھ ساتہٕ دَیہِ انہٕ گژھنٛک ہمسوس روزان:

ہے دیالہٕ چھس بہٕ ژٕنی ژلہٕ لولو

انہٕ گژہ چانہِ بیمار بلہٕ لولو

وونی گوٗو دَیہِ انہٕ گژہ چھنہٕ دَیہِ لولہٕ ورأے ممکن۔ تَمہِ باپتھ چھُ تنہٕ منہٕ دَیس شرن گژھن۔ بقولِ للِؔ دید ''تیٚلہِ لِل ناودزام، یٚیلہِ ژٕلی ترٛاوِمس تیٚ''۔ ویشنہٕ رازدانن تہِ چھےٚ دَیہِ ہنٛز دیادرٛشٹی باپتھ آرژٕ رباوٕ سان ہردم دَیہِ سمرنہٕ تہٕ ست سِنگس پژٕے بُرہوٗ۔ تس نِشہِ چھ ویلہٕ زارٕی کرِنی اکھ آزموٗدٕ وسیلہٕ۔ توٚے

چھُس بھروسہٕ:

پادن تل بہٕ مرَے	چاۓنۍ ستوتاہ بہٕ کرَے
وارٕ وارٕ عار اَنَے	ژٕرے رۆس کس بہٕ ونَے

یِہۍ چھےٚ ابدی سکوٗن پزٕ اوٚنیچ وتھ تہٕ تہٕ امی ستۍ چھ روٗحانی سفرُک سہٕ مقام پزٕ اوٗن ممکن بنان یِیتہٕ نہٕ پزٕ اوٚنک تکبُر تہٕ نہٕ راوٕنک دوکھ پوران چھ۔ یِیتہٕ اہم موکلِتھ سورُے سُے روزان چھُ۔ یہِ مقام پزٕ وو راز دانن تہٕ وُنُن:

ژۆل کٔھ کوٚش واو لولو	سِر یہِ نِرمل دزٕاو لولو

ویٚشنہٕ راز دانُن کلامہٕ یوٚ دوٚے مقدارٕ لحاظہٕ کمے چھ اماپوٚز فکر تہٕ فن لحاظہٕ چھُ یہِ ستہٕ رٔنگی سوٚنزول۔ اوٚ ہُند بٔھتہِ باوُک کلامہٕ چھُ بلاشک اٚہنزِ مجأزی عشقیچہٕ شأعریٕ مقابلہٕ پوٚختہٕ کأری ہُند عکاس۔ اٚہنزِ ابتدأیی شأعری منز یِیتہٕ اکثر پأٹھی روایتی لہجہ شِتھٕ پابندی دزٕ یِیتھی گوھان چھےٚ تتھ برعکس چھ بٔھتہٕ باوچہٕ شأعری منز گُنہِ زبأنی ہُند منفرد ورتاو۔ یِتھ شأعری منز چھ سہٕ بعضے پرمانند بیترٕ پوٚختہٕ کارن ستۍ تہِ ہمسری کران۔ اٚہندِ ژٕسی ورتاوہٕ آمژٕ ترکیبہٕ مثلن دِہہ ایمان، موہ بأندی وان، وأراگہٕ برَ، ژٕبتھ ژٕونگ، یاون سوتھ، ان بوزل، یوٚگہٕ ووٚنی، ترٕ شنایہِ نیلہٕ کرٕأش، سنتوشہِ والہٕ وأش یا گیانہٕ اٚگن بیترِ چھےٚ پرمانندٕنۍ ترکیب سأزی یاد پاوان۔ یِمو ترکیبو ژٕسی چھُ سہٕ تہِ پرمانندٕنۍ پأٹھی روٗحانی دُنیہکن مُجرد تہٕ اکایل خیالن تہٕ احساسن وٚیدِ بو معروٗضوٗ ژٕسی ٹھوس سکوٗنت دِوان۔ اٚہنزٕن کینٛژن لیلائن منز یِمن منز "کرِن گوٚہ پأنی پانس جے" تہٕ "سِر یہِ نِرمل دزٕاو لولو" بیترِ

شامِل چھِ، چُھ نظمہِ ہُند ہیٚو تسلسُل یمن منز رۄحانی تجرُ بن ہنٛز باوتھ تِتھے پأٹھی کرنہٕ آمٕژ چھےٚ یتھ پأٹھی پرماننٛدنہِ "کرمہٕ بۄمکایہٕ" تہٕ "امرناتھ یاترا" نظمن منز سپز مٕژ چھےٚ۔ یِتھن تخلیقن منز چھِ رۄحانی تجرُ بن ہنٛدی پڑاو عام تہٕ أنٛدی پکھی کٲمن معرۄضن ہنٛز تصویر کٲری گرِتھ باونہٕ آمٕتی۔ ویٚشنہٕ رازدان چُھ بعضے کانٛہہ خیال سیٚدِ سیٚوٚد باونہٕ بدلہٕ تِتھ مختلف ٹھوس صورتِ حالو تہٕ پیکرٕ ودٕسی باوان زِ قٲری چھِنہٕ محض سُہ خیال بوزان بلکہِ جلوٕ ستی تہٕ ژینان۔ مثلن:

پلن یِوان چھا زانٛہہ سرٕون      بوون ریگِستانس چھا پھل
زلس اندر چھا کانٛہہ پۄن

یہِ اندازِ بیان چُھ ژوداہمہِ صدی ہنٛزِ سانہِ سری شاعری منز تہِ جلوٕ گر تہٕ یہِ چھےٚ لأزمی کتھ زِ ویٚشنہٕ رازدان آسہِ ہےنہٕ امہِ شاعری نش غأر زان۔ یِژھِ باوتھ کٲری ہنٛزِ کیٚنٛہہ مثالہٕ چھےٚ پیش:

ہۄس زن گنڈون مس والس      کُنہِ کالس بند سپٕنیا
گرٕ ٹہٕ گٔنی زن کھسہِ پانٕوالس      ڈُلہٕ گرٕ ھنٛس تأر لگہِ سا



ژٕتگ گر وارٕ پکناوُن      ڈٕ چھنی کھوٕری مہٕ ژٕلراوُن
وبٕوارٕ کہِ کمچہِ ترٕاوُس بَے      کرُن گژھِ پأنی پانس جَے

دۄیِم شعر پٕرتھ چُھ للٕ دیدِ ہُند "ژٕہتہٕ تورٕگ" بٕرونٛہہ کُن یِوان یُس چھرا یودِ ہنٛز وگ رٕٹتھ قوبٕو سپدان چُھ۔ چنانچہٕ للہٕ واکھ چھِ ازتہِ کأشرِ بن زبان زدتہٕ

ویٚشنہٕ رازدانس تہٕ آسہِ ہےللہٕ واکھن ہٕنٛدِ باوٕ ژبلُک گیان۔ اِمیُک مطلب چھُنہٕ زِ کرٛشنہٕ رازدان چھُ لل دیٚدِ ہٕنٛز کھلہِ تقلیٖد کران بلکہِ چھُ یُتھ ہیوٗ زبٲنی ورتاوتہٕ شعرِ تجرُبٕچ باوتھ کرنس اہل۔ رازدانٛ سٕنٛزِ پاسہٕ فنکٲری ہٕنٛز ٹاکارٕ مثال چھُ یُتھ ہیوٗ شعر:

رانسس اندر نبتھٕ نَنہِ اژٕو
نُوتھ موژٕو کرٛشنے یوت
ودِ برِ آنند کرِ اتھٕ واسا



غلام علی مجبور☆

# لٔر......میٛانہٕ لوکہٕ چارٕ چ

لٔر اٚسی میٛانہِ لوکہٕ چارٕ تٔتھ جایہِ ونان یَتھ منٛز اکھاہ رُت بۄ رُت کأشُر عیال لسان بسان اوس مگر بدقسمتی کنٛ ژُھن اسہِ یہِ لفظ تہِ اردوٗ تہٕ انگریزی ورتاوٕ چہِ مانہٕ مأنی باقٕے سیوٚ دساد تہٕ شودبن کأشر بن لفظن ہنٛدی پأٹھی پننہِ یادٕ وٗتہِ منٛزٕ کڈِتھ۔ لٔر لفظٕ بدلہِ چھِ اٚسی وونی یسلہٕ پأٹھی اردوٗ لفظ مکانہٕ ورتاوان۔ حالانکہِ ازبژ وٕنہہ صرف پنٛژاہ شیٛٹھ وٕری تام اٚسی سأنی گونمات تہِ یہِ لفظ ورتاوان تہٕ عام لوٗکھ تہِ۔ سانہِ صوٗفی شأعریہِ منٛز چھُ "لٔر" لفظ گوڈٕ پیٹھےٚ بڈٕ چکہٕ چاوٕ سان ورتاونہٕ آمُت۔ مثالہِ باپتھ چھِ یم کینٛہہ شعر پیش:

دِہچہِ لَرِ دارِ بر ترٛوٗپرِم
پژانہٕ ژوٗر روٗٹُم تہٕ دُیتُمَس دَم
ہژ دیچہِ کوٗٹھرِ انٛدر گوٚنٛڈُم
اوٕمکہِ چوبکہٕ تُلمَس بَم

(للہ دید)

---

☆ واتھورہ چاڈورہ

ووٚنٛدُک گوٗرٕ گوٗرٕ کوو موٚ ٹھے میانہِ ووٚنٛدَ ے کوترمَرِ

نرِ لوسم لگہٕ ہنٛزٕ لرِ ! ! باٗژران

(مقامِ راست کشمیری)

لٔراہ لٔزِم انٛد ماٗدانس

أنٛدیٖ أنٛدیٖ گٔریٖ مَس دارِ تہٕ بر

لٔ روزِ یِیتھ تَے أسی گوٗھو پانس

مانسبل چھے دِویاہ جان

توٲریخ چھُ گواہ زِ یتھ کالہِ چھےٚ کٔشیرِ منٛز چھرا لکرٕ ہنٛزٕ ے یاژٕ لرِ تعمیرِ سپدان آسہٕ مگر یمہٕ دارٕ لرِ ییٚلہِ گرِ گرِ نارٕ بۄزیٖ گیہِ کاشُر بو گاٹلو کاٗریٖ گرَ و کوٚر چھرا لکرِ بدلہٕ کنہٕ، خام تہٕ پونتہٕ سیر بن ہِتی ہِتی پناہ داردوس ہُنٛد تہِ استعمال۔ یتھہٕ پاٹھی آو کٔشیرِ ہُنٛد آب و ہوا جغرأفیاٲیی حالات تہٕ دٔ سیاب تعمیری ساز و سامان نظرِ تل تھاوِتھ اکھ سیوٚ دساد سرٕ ڈگ تہٕ دوٗر طرزِ تعمیرِ بارسس یُس انگریزن ہنٛدِس کٔشیرِ پیٹھ اثرانداز سپدنس تام برابر جاری اوس۔

لٔرلدنس منٛز اوس کنہٕ پیٹھہٕ پتھس تام چھرا مُقاٗمی سامانٔے یوت استعمال سپدان یتھہٕ پاٹھی أسی مُقاٗمی کاٗریٖ گرِ تہٕ کامہِ دوہ کران تہٕ لٔرلدَن وول تہِ اوسنہٕ کُنہِ چیزٕ باپتھ پریشان گوٗھان۔ سارِوٕ ے کھوتہٕ بڈٕ کتھ تہٕ ٹاکارٕ حقیقت چھےٚ یہِ زِمیانہِ لوکہٕ چارٕ أسی انسانٕ لرِبن منٛز بسان مگر افسوٗس از چھِ مکانٔے انسانن منٛز بسان۔ پژبتھ کانہہ چھُ کٔنِ تھپھ گرِتھ توبہٕ پران۔ لٔرلدنہٕ باپتھ چھےٚ گوڈنچ

ضرورت پرَن یعنے سُہ زمینہٕ ژُکل یَتھ پیٹھ لُر تعمیر کرنہٕ ییہِ۔ پُرنہٕ پیٹھ اوس گرِوول پننہٕ وُ جاتھُر نہٕ مُطابق لرِٕ کن دِوان۔ عام طور اوس گامن منزٕ کن آرٕ کنین ہُند تہٕ شہرَن منز پھنڈا ایہِ کنین ہُند دِنہٕ یوان۔ شاہی بالا دربن، محلہٕ خانن، رنگہٕ مندورن تہٕ حویلین ہِندس اِکنس اُسی چؤنہٕ سُرخی لاگان ییلہِ زن عام تعمیر نیٚنہِ منز کھالنہٕ یِوان اوس۔ اِکنس پیٹھ اُسی دِوور یا کائیر داس لاگان یُس اِکنس ژوپاٲری تھف کران اوس۔ اِکنہٕ پتہٕ اوس لرِ ہُند لداو کنین تہٕ خام یا پوختہٕ سیر بن منز کھالنہٕ یوان یَتھ منز یسلہٕ پاٲٹھی زبن اُس لاگنہٕ یِوان۔ کُنہِ کُنہِ اُسی سفید پوش لؤکھ لرِ دوس تہِ دِوان یَتھ زن سبٹھاہ کم لاگت لگان اُس۔ لُر پورس پیٹھ واتناوِتھ اُسی اَتھ لُکرِ ہنز پاٲوِل، دارٕ و، وِرامہٕ، کرکوٗٹی بیترِ لاگتھ سبٹھُر تژ اوان تہٕ بیاکھ پور کھالان۔ دوٗیم پور کھالنس منز تہِ اوس سُے ساز و سامانہٕ ورتاونہٕ یِوان یُس گوڈنکس پورس منز ورتاونہٕ آمُت اوس آسان۔ دوٗیمس پورس سبٹھُر تژ اُوِتھ اُسی پش کران۔ پش اوس شہرن منز بُرزِ تژ اُوِتھ میٚوٗ پش تہٕ گامن منز ژھیٚنہِ پش آسان۔ پوٗزٕ آسن بسن واٲلی اُسی لُکر، بام تہٕ سِنگل تہِ دِوان۔ میانہِ لوکہٕ چارچہِ لرِ ہنز باگنٕے اُس یِیمہِ آیہِ:

آنگُن ...... میٚوٗ دوسہِ ستی گنڈِتھ۔ اکہِ طرفہٕ اند راژنج برَن لاگتھ۔ آنگنس منز پوشہِ تھرِ اکہِ پاسہٕ تہٕ مُہل تہٕ الہٕ باٲنی بیترِ بیٚیہِ اندٕ۔ آنگن اوس لرِ ہنز پچھان، توٚے چھِ کاشُر بوگونماتو آدن یارس آنگنی اژنہٕ باپتھ سوال گرِیٕ متیٕ۔

مثالے:

گُل پھوٚلی سُنبل پھوٚلی رنگہٕ رنگہٕ پھوٚلی

آنگن ساںنہِ ولو میانہِ مدأ نو

(مقامِ بیات صوفیانہ موسیقی)

ژٕ ژایو کھ ساںنہِ آنگأنی ژٕے گرتھم بڈٕ مہربأنی



اژُواژُوآ نگنہٕ ساںنے وولایوٚ ری متہِ گوساںنے

(لُکہٕ بأتھ)

**بڑ انڈ** ...... براںڈ اوس جایہِ یُزٕہو مہِ طرفہٕ کنِس ستۍ فٕتہٕ جوراہ تارٕ کھوٚل آسان ۔ یہِ اوس کنیُو آسان تہٕ پڑ بتھ وِزِ اوس لِوتھ تہٕ ڈُوِتھ آسان ۔ بڑانڈٕ چ صفأیی اُس گرِ چہِ خانہٕ دارنہِ منز پڑ زنتھ ۔ شاید اُسی اوٚے اُسی اوترٕ تام گرِ چہِ خانہٕ دارنہِ

بڑانڈٕ کنہِ ستۍ تشبیہہ دِوان ۔ وٕنٕڈ وأرِس منز اُسی گأمی شُری بڑانڈس پیٹھ بہتھ لُکہٕ کتھہٕ تہٕ پڑ ژٕونان تہٕ تتھہٕ پأٹھۍ اُسی زبان ہیچھان ۔

وٚوٚٹ ...... لرِ ہنٕدِ درواز اژٕ دُنۍ سو جاے یتھ جایہِ کھور بانہٕ، کھژٕ او، لوٚرتہٕ پلہو ربیترِ تھاوان اُسی ۔

سوٕلہہر ......لرِ روِیہِ طرفہٕ ڈبر منٛز پش گرِتھ رَنہٕ پبونٕچ جاے ۔

ہیر ...... وَٹہِ پیٹھہٕ دوٚیمِس پورِس کھسنٕچ پأوِی دارو َتھ ۔

**ڈب**......ڈب اُس ہیر کھسوٗنے لرِ بُڑھنٕ مہِ طرفہٕ آسان۔ اَتھ اُسی تڑےٗ طرف گنٛڈِتھ آسان تہٕ بُڑ وٕتھم طرف اوٗسُس فٕٹہٕ ڈوڈاہ مدٲری لٲگتھ یلہٕ آسان۔ اکثر لۆکھ اُسی رٕبتہٕ کالہِ، سونٛتہٕ تہٕ ہرد ڈٔبہِ پٮ۪ٹھ بِہان تہٕ اولٕ دگی نِشہِ صاف تہٕ پاک ماحولُک لُطف تُلان۔

**زۆنہٕ ڈب**......زۆنہٕ ڈب اُس لرِ ڈٔچھنہِ کھوٗری یا بُڑھنٕ مہِ طرفہٕ ورامہٕ نِبر نِبر تڑاوِتھ تہٕ ڈٔکھ دِتھ چھرالکرِ ہنز بناونہٕ یِوان۔ اَتھ آسہٕ تڑیٛشوٕ یو طرفو نکھرٕ دار دارِ تہٕ کُنہِ کُنہِ وڈ رۆسی تہِ لاگنہٕ یِوان۔ اَتھ ڈبہِ پٮ۪ٹھ اُسی لٲزِم دار پٔشی تہٕ عزت دار لۆکھ بِہناونہٕ یِوان۔

**گچھِ ڈب**......گچھِ ڈب تہِ اُس زۆنہٕ ڈبہِ ہِشی آسان۔ فرق اُس یِیٚے زِ گچھِ ڈب اُس سیر بوٚہتی ولنہٕ آمُت آسان۔ گچھِ ڈبہِ اُسی کٲری گرٕ وٲرِس منٛز گچھ یعنے نقش نگار بناوی مٕتی آسان۔ رنٛگہٕ رنٛگہٕ گچھ آسنہٕ موجوٗبے اُسی اَتھ گچھِ ڈب ونان۔ یہِ اُس اکثر دُنیادارن آسان۔

**اُنہٕ ڈب**......اُنہٕ ڈب تہِ اُس زۆنہٕ ڈب تہٕ گچھِ ڈبہِ ہِشی آسان۔ فرق اُس یِیٚے زِ امہِ چَن دار بن تہٕ روشن دانن اُسی رنٛگہٕ دار شیٖشہِ لٲگتھ آسان۔ اُنہٕ ڈب تہِ اُس بڈٕ بن لۆکنے آسان۔

**پُشی گُٹھ**......یہِ گُٹھ اوس باقٕے گُٹھو کھوتہٕ بوٚڈ پہَن تہٕ تہٕ شۆبہٕ وُن تہٕ آسان۔ ناوِ تلَے چھُ باسان زِ اَتھ منٛز اُسی عام طور پُشی بِہان کران۔

**ہنٛگہٕ گُٹھ**......ہنٛگہٕ گُٹھ اوس عام طور لرِ ہنٛدِس بڈِس دروازس پٮ۪ٹھ کنہِ

اکھ لوٗکٹ کُٹھ آسان یُس عام طور خانہٕ مأیلس کورِ گوٚ برس پرنہٕ باپتھ تھاوان أسی۔

**بانہٕ کُٹھ** ......ناوِ تلے چھ ظأہر زِ بانہٕ کُٹھِس منز أسی بانہٕ بٕٹھ، گرِ جادادتہٕ وَے موٗٹھ بیترِ تھاوان۔ أتھی یوت کُٹھِس اوس پٕز بتھ وِزِ قُلف آسان تہٕ کُنز أس گرِ چِہ خانہٕ دارنہِ چٕندس آسان۔

**ختمہٕ کُٹھ** ......یہِ کُٹھ اوس پیر صأبنہِ بہنہٕ باپتھ تہٕ نمازتہٕ ختمِ شریف پرنہٕ باپتھ پٕز بتھ وِزِ لِوتھ تہٕ ڈوٗتھ آسان۔ اَتھ منز أس نہٕ جٕجیر تھاونہٕ یِوان۔

**ٹھوکُر کُٹھ** ......یہِ اوس کأشرِ بٕن بٕٹہٕ بایَن پوٗزایہِ کُٹھ آسان۔

**بتہٕ منڈٕل** ......یہِ اوس بتہٕ شیرنک تہٕ کھٕنک چینک بوٚڈ کُٹھ آسان۔ یَتھ پٕتھرِس پٕز بتھ دوہ لِوَن پھش دِنہٕ یِوان اوس۔ گرِ چ زِٹھ دبد أس بِسمِ اَللہ پٕرتھ کُلِ عالمَس رُت دُعا کٕرتھ اَتھ بتہٕ منڈٕلس منز ہا کھوٗگرِ یا انمہٕ دام بانن شیران۔ خدا صأب تہِ اوس تہنٕدِ دعایہِ خأطرِ رزقس برکت کٕرتھ کٕمس زیادٕ تہٕ کٕمس رسید کران۔ اَتھ کُٹھِس منز أس گرُس مندٕنج کی وأر پٕز بتھ وِزِ موجوٗد آسان۔

**دارِ درواز** ......لرِ آسہٕ ضروٗرتہٕ مُطأبق دارِ تہٕ درواز لاگنہٕ یِوان۔ سیوٚد ساد لرِ آسہٕ ساد دارِ آسان تہٕ زبرتہٕ درمیانہٕ درجہٕ چہِ لرِ أسی طاق آسان۔ اکثر لرِ بٕن ہُنٕد کھجر اوس اوترِ تام طاقو ستی مینہٕ یِوان۔ مثالے فلأنی نفرَس چھے أٹھ طاق لر۔ طاق اوس عام طور زٕ پٕٹھ وول آسان تہٕ شہرن منز آسہٕ اکثر لرِ بٕن ہنٕد بٕن طاقن پٕنجرِ دارِ آسان۔ طاقن نیبرِ کِنی اورِ یور أسی یسلہٕ پأٹھی مرژِ وانگن

ترٛ ؤنگو ، گوگجہِ آرٕ تہٕ کُنہِ کُنہِ ٹھپس منز بولہِ وُن جل، کوٚستوٗر یا قمیُر تہِ الوَنٛد آسان۔ یہِ اوس لرِ ہنٛدِس ماَرۍ منز رِس برٛزرکران تہٕ کأشریُت بخشان۔ دارِ درواز اَسی عام طور ہنگن تہٕ ٹنگن پیٹھ بنٛد آسان تہٕ ہانٛکل تہٕ تھپھ اَسس کأشرِس کھارِ سنٛز گرہٕ آسان۔

**کأنی**...... کأنی اَس دو یوٚطرفو پھوچوستی ؤلتھ لرِ ہنٛز سارِوے کھوتہٕ ہیٚرِم باگے ۔ اَتھ پیٹھ اوس پش آسان۔ کأنی پیٹھ اَسی عام طور ونٛدٕ باپتھ زیُن زالُن تہٕ ہو کھٕ سنٛز بیترِ تھاوان۔

**پش**...... پش اوس لرِ روٗدِ تہٕ تاپہ نِشہِ محفوٗظ تھاونہٕ باپتھ پتہٕ بزٕ ونٛٹھ وسہٕ وُن آسان۔ یتھ پیٹھ نہٕ روٗد یا شین ڈٕ رِتھ ہبکان اوس۔

مشہوٗر کأشرۍ شأعر نعمہِ صأبن چھےٚ کأشرِ لرِ ہنٛز ووکھنےٚ یتھ وژنس منز بڑٕ ماَرۍ مُنٛدِس اندازس منز گرٕہٕ:

بالہِ ہو رُمہٕ رُمےٚ چھما بالہِ چون تمنّا
دوسہِ پیٹھ ڈیوٗ ٹھےٚ طوسہِ یوٚمبوٗرِ لمیامس
غوصہٕ کیاہ روٗ ٹھےٚ مےٚ ہا بالہِ چون تمنّا
دارِ پیٹھ ڈیوٗ ٹھےٚ کارِ ووگُن جاناوار
ہارِ طوطہٕ روٗ ٹھےٚ مےٚ ہا بالہِ چون تمنّا
کأنی پیٹھ ڈیوٗ ٹھےٚ ووٚنی لا رِگتھ آنگن ژاو
دأنی دأنی گأج نیٚےٚ مےٚ ہا بالہِ چون تمنّا

وۄگہٕ کٔنٛز مے ڈیوٗ ٹھُکے چوغہٕ لاٗگِتھ آنگن ژاو
روگہِ روگہِ ژوٗلوٗ مے مےٚ ہا بالہِ چون تمنّا
پشہِ پیٹھٕ ڈیوٗ ٹھُکے ریٛشی لاٗگِتھ آنگن ژاو
لشہِ نارٕ زاٗج نسے مےٚ ہا بالہِ چون تمنّا

**لرِ اَنٛد رِم جاداد**...... بانہٕ بٹھٕ، ژادر، پِنٛدٕر، وچہِ پِنٛدٕر، پژوِت، پیٛنہِ کاٗنی، ژوٗنگ، زوٗر، اتھٕ گزٕ ٹہٕ (گز پیٛنی)، ٹھُل، پچ، ژاٗنٛگج، دورٕ، شُپ، پریُن، ووکھُل، دالہِ دگُن، گرُس منٛدٕ نک بوٚڈ دون، لوپُن، لوٗر تہٕ شرٛا کھ۔

**لرِ نیٚبرِم جاداد**..... کنٛز، مُہل، الہِ باٗنی، لوَن، داٗج، ٹونگر، دژوت، کجابہٕ، دارٕنی، شرٛاے، یٔٹ، پج، وبٹھٕ کھُر، تگاٗری، تبرتہٕ مکوٚبیترٕ۔

یِمو چیزو علاوٕ آسہٕ میانہِ لوکہٕ چارٕ لرِ پنٛجرٕ دارتہِ آسان تہٕ پژ بتھ کُٹھس اوس مُناٗسب تہٕ موزوٗن جایہِ ژاٗنگی تارتہِ آسان تہٕ حسبِ ضروٗرت طاقچہٕ تہِ۔ سارِوٕے کھوتہٕ بڈٕ کتھ چھےٚ یہِ زِ یُس سکوٗن، راحت، سوکھ، لول تہٕ محبت تمن لربن منٛز اوس سُہ چھنہٕ اَزٕ کٔبن بٔنٛگلن تہٕ دیوان خانن منٛز کُنے۔ مےٚ چھُ ازتہِ کُنہِ وِزِ سُہ پژ لنہِ لرِ ہُنٛد لوَن مُشک یاد پیوان تہٕ سینس چھُن ٹلان۔ اگر وُنہِ تہِ اسہِ پنُن طرزِ تعمیرٕ رٔژھرنک زون پیٛیہِ ہے کٔشیرٕ ہنٛدِ حسنک اکھ ماٗری موٚنٛد باب روزِ ہے محفوٗظ۔

☆☆☆

اکھ جرمن کہانی

اصل: سی ایم یونگ

انگریزی پیٹھٕ ترجمہٕ: عبدالغنی بیگ اطہر☆

# گوٚلی یُس وُنہِ تتی چھےٚ

''یٚیلہِ زن بہٕ بیٚتہِ نس پیٹھ چھُس تہٕ پَنٕنہِ گُزارِ مژٕ وأنسہِ متعلق سوچان چھُس''، وِلیَم نیپیرن وۄن ''مےٚ چھُ پٔنُن پان حقیٖر باسان۔ واقعے چھُم سیٹھاہ حقیٖر باسان۔ بہٕ چھُس ژٕتبس پاوٕنٛچ کوٗشش کران زِ مےٚ چھا کانٛہہ رٕژ کامہ گٔرمٕژ۔ اما پۆز میٲنہِ تِچھ کامے چھےٚ ترٛ کرِ گوٚبراوان۔ أسی گژھو سأری ترٛ کرِ تولنہٕ تِنٛہ تہٕ باسہِ زِ أسی چھِ چھُنی۔ پَنٕنہِ زندگی ہُنٛد پیٹھ کال وُچھِتھ سپدِ ہے مےٚ لۆژلتھ اگر مےٚ یاد پیٚیِہ ہے زِ مےٚ چھےٚ کانٛہہ ذأتی قربأنی ہنٛز کأم گٔرمٕژ۔ اگر مےٚ یاد پیٚیِہ ہے زِ کُنہِ وِزِ اوُسس بہٕ تیار تہٕ رأضی زِ بہٕ کرٕ ہا کانٛسہِ بیٚکس انسانٕہ سنٛزِ پاپرجأیی خأطرٕ پٔنُن زُو قُربان۔ بہٕ چھُس ژٕتبس پاوٕنٛچ کوٗشش کران مگر مےٚ چھُنہٕ یاد پیوان زِ مےٚ چھُ کُنہِ ساتہٕ یہِ کۆرمُت۔ بہٕ چھُس اکثر خطرن منٛز آورٕنہٕ آمُت تہٕ کُنہِ کُنہِ چھُم باقٕے لُکھ بچاونہٕ خأطرٕ پانس تکلیف تہِ دیُتمُت۔ آ۔ یہِ چھُ مےٚ

☆ ریگی پورہ، کپوارہ

کوٗرمُت مگر تمہِ ساتہٕ اُس مےٚ ہمیشہِ یہِ ووٚمید آسان تہٕ اکہِ قسمُک یقین آسان زِ مےٚ پزِ پان بچاوُن۔ تکیاز زِنیت اُسم یہِ۔ امہِ کنہٕ چھےٚ خوٗبی مےٚ نِش دوٗر ژلان۔ تاز ترٕین کاٗم یوسہٕ مےٚ مکمل ذاتی قربانی ہنٛز گرسوٗگرِم کیسل ناوو جایہِ، ییٚتہِ مےٚ شانن گوٗلی لٔج تہٕ گوٗلی چھےٚ وُنہِ تہِ اُتی اُتھی منٛز"۔ دٕلوٗ ؤن وُچھو اُسی تمہِ کامہِ ہُند انداز یوسہٕ "ذاتی قربانی" ہٕندِس معاملس نکھہٕ چھےٚ۔

یہِ چھےٚ ۱۸۱۱ ہٕنز دلیل ییٚلہِ وِلِنگٹنَن پٔنٕن فوج ٹورس ویڈراس کین سنگرَن پٮ۪ٹھ پُرتگالس منٛز ٹھٔہر وومُت اوس تہٕ تتہِ پٮ۪ٹھہِ اوسُن پَننہِ صبر تہٕ داناٮ۪ی سٟتی مارشل مسینا ہٕنٛزِ سربراہی ہُند فرانسیسی فوج پتھ کوٚڈمُت تہٕ ووٚنی اوس تٔمِس پُرتگال چہِ سلطنُت نبر کڈنہٕ خاطرِ تٔمِس پتہٕ لوٚگمُت۔ انگریزی تہٕ پُرتگالی فوجی اُسی صحاے ترٕیہِ بجہِ ہِندرِ ووتھان تہٕ ژورِ بجہِ پکنُک سنٛز کران۔ ژوداہمہِ مارچ ییٚلہِ فوج صحاے سکھراوس کران تمہِ ساتہٕ اُس زبردس زانٛڈ ییمِ بزوٕنہہ کُن ساٮ۪رِے وادی آوٕرٕہو اُس۔ سَر وِلیَم اریسکائن یُس لائٹ ڈویژنس کمانڈنٹ جنرل اوس تہٕ یُس ڈِویژن ۵۲ہمہِ تہٕ ۴۳ہمہِ رجمینٹن پٮ۪ٹھ تہٕ رائفلزن پٮ۪ٹھ مشتمل اوس۔ یہِ جنرلِ اوس نااہل شخص۔ یہِ سوٗنچتھ زِ فرانسیسی چھِ پوٚرِ پٲٹھی پسپا گوٚھتھ ژلان، دیُت تٔمی پَننِس فوجس بزوٕنٹھ پکنُک حکم۔ کینٛژو افسرَو ماننیاو نہٕ تٔمی سُند زانٛڈِ منٛز گِنہِ احتیاطِ ورٲے بزوٕنہہ پکنُک یہِ فٲصلہٕ اماپوٚز تٔمی دیُت نہٕ تِہندِس مشوٗرس کُن کانٛہہ توجہ۔ تٔمی دیُت توتہِ کوٗچ کرنُک حکم۔

گوڈٕ دژ اوٚ ۵۲ہم رتجمنٹ بڑ وٕنہہ تہٕ تمہِ پتہٕ اوس رائفلزن نیرُن۔ تم وٕتھی پہاڑی وتہِ بون تہٕ بونہٕ اکھ ئسٕنٛز تہٕ تنگ ناڈِج پار گرِتھ اَسی اَکس وُڈٕ رکھسان زِ اتھی دوران گوٚو تمن نکھے اچانک گولین ہُنٛد ارابہٕ۔ زانٛڈِ ستی اوسنہٕ تمن نظرِ یوان اما پوٚز بگل بجنچہٕ آوازٕ آسہٕ جارٕی تہٕ آسہٕ پیش رفتک پےٚ دِوان۔ تم روٗدی دیوار بند کھہوٗمنٛزی بڑ وٕنٛتھ پکان تہٕ تمن بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ اَسی دشمن پکِتھ تمن وَتھ یلہٕ ترٛاوان۔ یوٚ تام تمو پہاڑی ہُنٛد تیٚثوول زیٚون۔ وار یاہ نفر موٗدی تہٕ باقٕے وار یاہ گےٚ چھوکہٕ لدیمن منٛز ترٛےٚ کیپٹن تہِ اَسی۔

زانٛڈ گےٚ اچانک غاَب تہٕ انگریز فوجیَن آو سہ یوٚٹھ نظرِ یتھ پٹھ نیٖج وردی اَ گتھ فرانسیسی فوجیَن ہُنٛد جمہٕ گٹھ اوس۔ تمن منٛز باگ اوس پانہٕ مارشل اِستادٕیُس بہادُرو کھوتہٕ بہودُر اوس۔ اگر انگریز سپہوٗ سہ وُچھمُت آسہِ ہے تمو آسہِ ہے سہ قاَدکوٚرمُت۔

لائٹ ڈویژنکی باقٕے فوجی آیہِ تمن مدد کرنہٕ خاطرٕ مُتحرِک کرنہٕ تہٕ کیپٹن وِلیم نیپیر آو بڑ وٕنہہ سوزنہٕ تیمِس ستی تمی ہِنٛدِ ۴۳ ہمہِ رتجمنٹکی شےٚ ساَتھی آیہِ تمن کھوورِانٛدٕ مدد کرنہٕ خاطرٕ سوزنہٕ۔ یِلہِ سہ اَکس گول پہاڑی نکھہٕ وولت سہ رکیٚو تہٕ تھاَوِن ژور ساَتھی نظر گُزرتھاونہٕ خاطرٕ تہٕ باقٕے زٕ ساَتھی ہیتھ ووٚتھ بوٚن تنگ درّس منٛز ۵۲ ہمہِ رتجمنٹ کین باقٕے سپہَن ستی رلنہٕ خاطرٕ یِہنٛز کتھ کتھ تمی بوٗز حالانکہِ تمی ہیکی نہٕ تم پہاڑی ہِنٛدِ تیٚثالہِ پیٹھٕ وُچھِتھ۔ رتجمنٹ کیو اڈیو سپہوٗ اوس

حملہٕ کوٚر مُت مگر سارِوٕیوَ نہٕ تہٕ لہذا انیپیر یُس پچرٕ بنٛد کھہوَ کنٛ اوس کھسان ییٚتہٕ لتس ووٚمید آس زِ سُہ سمکھِ ۵۲ ہمہِ رتیجمنٹ کس کھوٗرِس پاسس۔ تمۍ وُچھ تتہِ صرف کیپٹن ڈوبس تہٕ ۵۲ ہمہِ رتیجمنٹٕکۍ زٕ سپاہی یم باقٕے رتیجمنٹٕ نشہِ ژھنٕہٕ آسۍ گٔمتۍ۔

فرانسیسی آسۍ تیزی سان تمن أنٛدۍ أنٛدۍ گیرٕ کران تاکہِ تہنٛز پسپأیی بناوٕہن زیادٕ مشکل۔ زٕ افسر گٔے أتھۍ کتھِ پیٹھ مُتفق زِ ووٕ کھلۍ وتھٕے چھےٚ سارِوٕیوَ کھوتہٕ محفوٗظ لہذا دِژ تمو دون سأتھیَن کرٛکھ زِ اسہِ پتےَ پکٕو تہٕ دِژکھ دیوارِ پیٹھۍ ووٚٹھ یُس بزٕ وٕنٛٹھٕ کنہِ اوسکھ تہٕ رلییہٕ ۵۲ ہمہِ رتیجمنٹس ستۍ یُس بزٕ وٕنٛٹھٕ کنہِ اوس اماپوٚز صرف ۵۲ ہمہِ رتیجمنٹٕکۍ زٕ نفر دِژایہِ یمن ستۍ تہٕ ۴۳ ہمہِ رتیجمنٹٕکۍ دوٚشوَے نفر روٗدۍ پَتھ۔ یلہِ زٕ کیپٹن دوٚیمس دیوارس نش وأتۍ متۍ آسۍ تموٗ وُچھ صرف یِمے زٕ پانس ستۍ تہٕ دُشمن سنٛدِ فوجُک اکھ بوٚڈ تعدادوُ چھکھ بزٕ وٕنٛہہ کنہِ گولہِ چلاوان۔

دوٚسہِ کوٚر تمن رٕژھ کھنٛجہِ بچاو تہٕ نیپیرن کوٚر فأصلہٕ زِ یاتہِ بچلیہِ سُہ ڈابسس یادِیہِ پٔنن زُوتہٕ پٔننین دون سأتھیَن انہِ گنہِ وُنہِ بچأوِتھ۔ ڈابسنن کوٚر لتس التجازِ سُہ مہٕ گٔرِن یہِ کوٚشش یہِ وٕنتھ زِ دوٚسہِ نشہِ زِ قدم بزٕ وٕنٛہہ پکِتھ زِنٛدٕ روزُن چھُ محال۔ بہرحال توتہِ ہٹوٕ نیپیر پٔننین سأتھیَن ہنٛز سُست رفتأری وُچھِتھ دِل برداشتہٕ سپدِتھ کانٛہہ زخم نہٕ لگِتھ پتھ۔ تمۍ سنٛدۍ سأتھۍ آسۍ دوٚسہِ تل تہٕ تم آسۍ شأنٛش کھسنہٕ موکھٕ شاید ناکام گٔمتۍ۔ تمن اوس تہنٛدِ کمانڈٕکین دوٚن لیفٹننٹن ہنٛدِس

ظالمانہٕ برتاوٕک مقابلہٕ کرنہٕ علاوٕ گوٚب پچھانڈٕ بور پہاڑی پٔتھ تہٕ واتناوٕن پیوٚمُت۔ اکھ یُس ڈویل تہٕ مبازرت لڑنس منز مشہوٗر اوس سُہ اوس زمینس ستی چونٹھ دِتھ دراز۔ییلہِ کپتانن تمس کرٔبکھ کٔرتہٕ حُکم کوٚرنس زِتس پزِ پنٔنہِ وردی ہُنٛد لحاظ کرُن تہٕ بأقین سأتھین ستی ہتھ رٔلن۔ اماپوٚز تمی کٔرنہٕ توٚ تام حرکتھے یوٚتام نہٕ تمِس نیپیرن کلس کٔنی دأرِتھ دِژ۔ امہِ ستی ووٚتھ سُہ تھوٚد تہٕ باقٕے سأتھی ہتھ کھوٚت دوسہِ پٔتھ۔اماپوٚز بیٚیہِ طرفہٕ اوس سُہ خوفہٕ ستی ثان تہٕ ییلہِ نیپیرن تورٕ کُن گوھنک حُکم کوٚر ریٚیتہِ نس ڈابس اوس تہٕ پانہٕ دزٕاو تیزی سان بزٕ ونہہ۔تم پھیرِ پٔنِنس لیفٹنٹ سٹزِ بُزدلانہٕ سربرأہی منز دٔچھن گولین ہِنٛدِ نشانہٕ نبر تہٕ نیپیر ووت بیٚیہِ کُنۍ زوٗن پٔنِنس دوستس نِش۔

ناکأمی ستی پاگل گوٚھتھ تزٕاوٕ تمی بیٚیہِ تمن رہبری کرنہٕ خأطرٕ واپس دوٚگر تمن نِشہِ واتنہٕ بزٕ ونٹھے لُجس اکھ گوٗلی ربکہٕ أڈی جہِ تہٕ پیٚوٚ وٕسکہ تہٕ ییمہِ ساتہٕ سُہ پتھر پیوٚ فرانسیسی یَو تھاوِتس گولہِ لاینہِ جأری۔ زخمہ کہِ اثرٕ ستی آسہٕ تس زنگہٕ الران ییمہِ کِنۍ سُہ صرف پٔننین اَتھن پٔٹھ أکس گنہِ ڈیرس کُن گوٚ ویتھ پتھ کُن تمی پٔنن کلہٕ تہٕ پھیکۍ ژوٗرِتھأوی۔اَتھ گنہِ ڈیرس لٔگی نہٕ وٕہو گولبو کھوتہٕ کم تیتس کالس یوٚتام کپتان لائڈٕ پٔنٔی ۴۳ہم کمپنی تہٕ ۵۲ہم کمپنی ہٕندی کینٛہہ نفر ہتھ اوٗت ووت تہٕ دُشمن ژلرأوِن۔نیپیر آوامہِ جایہِ پٔتھ تُلِتھ نِنہٕ تہٕ أکس زیتوٗن کُلس تل کینٛژس کالس آرامس تھاونہٕ یوٚ تام جنگ جأری روٗدتہٕ فرانسیسی آیہِ بٹہِ پٔتھ پتھ کھالنہٕ۔

ییمہِ ساتہٕ سُہ تَتہِ دراز روٗد بے یارو مددگار تہٕ تھٲکِتھ امہِ ساتہٕ اُس رائل سکاٹِس گرینیڈیئر کمپنی بڑ وٕنہہ پکان تہٕ تِہنٛدی کپتانن ییٚلہِ زخمی شخص وُچھ سُہ آو جَل تہٕ وٕنُن۔ ''مےٚ چھےٚ وومید زِ ژٕ چھکھنہٕ خطرناک پأٹھی زخمی گوٚمُت''۔ سُہ ہیٚوکنہٕ کتھ کٔرِتھ۔ صرف ہِلوٗن پنُن کلہٕ تہٕ ییٚلہِ تس بیٚیہِ آوپرٛژھنہٕ ''بہٕ ہیکیا ژےٚ کانٛہہ مدد کٔرِتھ؟'' تٔمی کٔر بیٚیہِ یہےٚ حرکت مگر ییٚلہِ کپتان وِلسنن تس ترٛٲنی چاے پیش کٔر تہٕ پَنٕہ بوتلہِ منٛزٕ براٚنڈی پلناوٕ تٔمی ٹُل پنُن کلہٕ تھوٚد تہٕ خوشی سٟتۍ چیٚین زِ بٔرِتھ گلاسہٕ پتہٕ کوٚرُن پَنُن أچھو تہٕ اتھٕ سٟتۍ شُکریہ ''خدا بچأے نَے''۔ کپتانن وٕنٛنُس تہٕ دژاو جلدی پتمِن سأتھِیَن سٟتۍ رَلنہٕ خأطرٕ۔ نیپیر اوس سیٚٹھاہ خوبصوٗرت شخص ییمِس کالہٕ موے تہٕ کرٛییہنارٕ سان سوٗرۍ أچھ آسہٕ۔ یوٚ دوَے وٗل سَخ لیٚدرٕ ژوٗمُت اوس اماپوٚز تٔمی سِنٛدِ بُتھیک قأبلِ دادِ حُسن تہٕ خوبصوٗرت تہٕ شاندار شبیہہ سٟتۍ لوٚگ کپتان وِلسنس جان توٚژ اماپوٚز فوجس منٛز آسی نہٕ ییم زانٛہہ تہِ یکجا روٗدۍ متۍ تہٕ تِمن اوسنہٕ اکھأکِس سُنٛد ناو تہِ پتاہ۔

یہ اوس اندازٕ لگاونہٕ آمُت زِ نیپیر چھُ یُوتاہ زخمی گوٚمُت زِ تٔمی سُنٛد بچُن چھُ ناممکن تہٕ تٔمی سُنٛد بوے چارلس یُس اکہِ زخمہِ نِشہِ اڈلیوک بلیوٗمُت اوس، اوس فوجس سٟتۍ رَلنہٕ خأطرٕ نمتھ (۹۰) کلومیٹر تام گُرِس کھٔسِتھ آمُت۔ تٔمۍ وُچھ گُلی لٔگجن ہنٛز اکھ ڈوٗلی یتھ پیٹھ ژادرِ سٟتۍ وُرُن اوس کرنہٕ آمُت تہٕ سپہو اُس نکھس تُجمو۔ تٔمۍ پرٛژھ تِمن زِ یہِ کُس چھُ۔ ''یہِ چھُ کپتان نیپیر ۵۲ ہمہِ کمپنی ہُنٛد، أمِس چھےٚ نٔر

پھُٹموٗ"۔ پتہٕ آیہ بیا کھڈٲلی" یہ چھ ۴۳ ہمہٕ کمپنی ہُند کپتان نیپیر، یُس مرنہٕ کِس حدس تام زخمی چھُ گومُت"۔ چارلس نیپیرن ترٲوٕ پتمین بایَن ہُند نظراہ تہٕ دژاو بژونہہ مأدان جنگس کُن۔

دوشوَے بأے آیہ کنڈ یکز یاہس منز أکس گرس منز تھاونہٕ۔ زخمو علاوٕ أسی تمہِ باتےٕ فوجیَن ہندی پأٹھی زبردس فاقہٕ کشی ہندی شکار تکیازِ فرانسیسی یَو اوس سورُے کینہہ برباد کوٗرمُت تہٕ گامہٕ وألی پانہٕ تہِ فاقہٕ مران۔ دوشوَے بایوٗ یُس موم بتی گرس منز وُچھ سوے کھینگھ بڑخوشی سان۔ کپتان لائنس لوگ، کتھہٕ تام اکھ ژوچہِ ٹکراہ اَتھس منز یُس کیویلری افسراوس تمہِ ساتہٕ یییلہِ سہٕ ژٕ ہی دوہس پکھی پکھی تھوٗکمُت اوس۔ تِکیازِ سہٕ اوس یو چھ ہوٗت، تمی وُچھ تہٕ نہٕ اَتھ کُن بلکہِ کھوٗت دُبارٕ گُرِس تہٕ بالو پیٹھی ووت وُہ میل کڈِتھ کنڈیکز یا۔ تتہِ دیُت تمی یہ ژوچہِ ٹکرٕ تِتھی کُتھس منز دأرِتھ یِیتہِ ہُمہٕ بأے بارٕنی پتھ أسی۔ پتہٕ کھوٗت گُرِس تہٕ گوٗ واپس پننس رجمنٹس منز۔

وِلیم نیپیر گوٗ وجلدی صحت یاب مگر تمی سندِ جسمہٕ منز پیچ نہٕ گوٗلی نبر کڈنہٕ پتھ یییمہِ ستی تس رژِھ پتہٕ رژِھ دگ أس ووتھان یوسہٕ تس تمام وأنسہِ جأری روٗز۔

لڑایہِ پتہٕ شُراہہِ وِہری سمکھ سہٕ أکس کالچہِ پارٹی منز أکس شریف انسانس ییمی وڈن زِ أمی ہے ہیوٗ اکھ سبٹھاہ خوبصورت شخص اوس تمی کیسل نووَس منز أکس زیتوٗن کُلِس تل وُچھمُت، لیس کتھٕ أسنہٕ پھوران تہٕ تمس اوس ییتھے

کٔنۍ مدد کوٚرمُت۔ سَر وِلیَم نیپیرن دِژ پَننہِ کُرسی پێٹھ وۄتھِتھ تہٕ خوشی ہُنٛد اظہار کٔرِتھ دِژٕن کژٕ بکھ "میانہِ ٹاٹھِ وِلسنہٕ، سٕہ اوسکھاژٕ ے، چاۓنۍ تُمہِ چایہِ گلاسن تہٕ بڑانڈی بچاوٚ میانۍ زندگی"۔ سر جان موری لیان وِلسنس اوس سٕہ بڑٕ وٕنٛتھے وێود گوٚمُت مگر اَتھ وقس تام اوسنہٕ دۄیو منٛزٕ کانٛسہِ تہِ پَے زِ زیتوٚن گُلس تل یُس کارنامہٕ سپُد تَتھ منٛز اَسی یمَے زٕ کردار۔

یقیناً اوس یہِ کَنہِ ماآدان سٕہ منظر پیش کران یَتھ منٛز پتھ کالٕچ یاد، شُکرانہٕ تہٕ اطمینانہٕ ہٕنظرِ اَس یِوان تہٕ یِتہِ اَس نہٕ کم قابلِ احترام کتھ یُس اسہِ بوزنہٕ چھےٚ یِوان زِ اَکی یوٚچھِ ہُتۍ تہٕ تھکۍ متۍ افسرن کٔہ اوٗن وٗہ میل دوٗرِ پێٹھٕ گُرِس کھٔسِتھ اکھ ژوچہِ ٹکرِ پَتنین زخمی سأتھیَن خاطرٕ۔

(نوٹ): یہِ دلیل چھےٚ چارلوٹ ایم یونگ ہنٛزِ بیان کرِ موٚتمہِ داستانہِ منٛزٕ ماخوذ یُس تُمہِ بینی سیولز جنگس متعلق لیچھمہٕ چھےٚ)



افسانہٕ اصل : سُریندر پرکاش

کأشُر ترجمہٕ : شاہد دِلنوی☆

# کھوٗکھ

پریم چندنہٕ کہأنی ہُنٛد ہورؠ اوس ووٚنی تیوٗت بُڈ یوٗمُت زِ تٔمۍ سنٛز بٕمہٕ تہٕ اچھروال تام أسۍ چھوتے ٕتۍ۔ تس أس ووٚنی کمرِس ڈوکھ ژاہو تہٕ اتھَن کھورَن ہٕنٛدۍ نأرتام أسس سیاہ ٕکنکہٕ رٕنٛگۍ ژمہِ مٔنٛزۍ پھٔٹتھ دژامتۍ۔ زندگی ہٕنٛدِس اَتھ پڑاوس تام واتنٕس دوران أسۍ تس زٕنٛچوٕ زامتۍ مگر دوشوٕنی أس جوأنی منٛزٕے میوٚتی میوٚ گأمٕژ۔ اکھ اوس ڈٔریاوس پھوٚٹمُت تہٕ دوٚیم پُلِسس ستۍ بُتھی لاگیہٕ منٛز مارٕ گوٚمُت۔ تس کیاہ زِ أس پُلسس ستۍ بُتھی لاگے گٔمٕژ اتھ اندر چھنہٕ ڈرراونس لایق خاص کانٛہہ کتھ۔ تکیاہ زِ یِیلہِ آدم پننہِ وجوٗد نشہِ واقف چھُ گوٚھان تہٕ پانس أنٛدۍ پٔکھۍ النہٕ تہٕ ولنہٕ آمٕژ بےٚ چینی سُہ محسوٗس چھُ کران، تٔمۍ سنٛز پُلسس ستۍ بُتھی لاگے چھےٚ اکھ قدرتی عمل۔ مأنی تو کیاہ تام تِتھےٚ ہیوٚ اوس تس ستۍ تہِ سپدمُت، تہٕ پتہٕ......!

بُڈہورؠ سٔنٛدۍ اتھ گے داند وایان وایان لارِ اتھس پیٚٹھ زٕنتہٕ رٕٹتھ۔ سُہ کانٛہہ نیو ہیوٚ، تہٕ پتہٕ گٔرتٔمۍ لارِ اتھس چیرٕ تھٕتھ۔ تٔمۍ ہکہٕ ناوۍ داند تہٕ البانہِ ہٕنٛد پھال گوٚو زمینٛگ سینہٕ پھُٹان پھُٹان بڑ وٕنٛہہ نیرتھ۔

---

☆ دلنہ، ورمُل

تِمی ہِند بِن تِمن دوشوٕنی نیچو بن ہِنٛز آشنہ آسہٕ زِنٛدٕ تہٕ بیٚیہٕ اُسی تہِنٛدی پانٛژہ شُری۔ تژے اُسی تِمی ہِندی یُس آبس پھوٗٹمُت اوس تہٕ زٕ اُسی پُلسس ہِتی بتھی لاگیہٕ منٛز پارٕ سپدی ہِتی ہِندی۔ یِمن سارِنٕے رچھنُک پالنُک بار اوس ووٗنی ہوری ہِنٛزن شانن پیٹھ یِہِندِس لاگرتہٕ کمزور جسمس اندر خونس یِیَہ گژھکہٕ ہشہِ لگان آسہٕ۔

تمہِ دوہ اوس آفتاب کھسنہٕ بڑ وٗنہہ عَبس رنگ ہنا زیادَ ے پہن سرخ تہٕ ہوری ہِندی پانٛژوَ ے زُری اُسی آنگنَس اندر کژیرِس نکھہِ تنگہٕ منگہٕ پاٗٹھی سرٛان کران۔ ہوری ہِنٛز بڑ ہش نوش اُس کژیرِ منٛز بالٹینہٕ ہِتی آب کھاٗلتھ یِمن اکہِ اکہِ وارِ چھلان تہٕ شُری اُسی ژٕنگرِ تکتھ آبس چھِکہٕ کھالان تہٕ باشہِ کران۔ ہوری ہِنٛز لوکٹ ہش نوش اُس اَتھ دوران اوٗ کہٕ ژاٗرِس پیٹھ ژوچہِ کران تہٕ تِم ژونگرِ منٛز جماہ کران۔ ہوری اوس پلو بدلاوِتھ کلَس دستار گنٛڈان۔ دستار گنٛڈِتھ وُچھ تِمی طاقہٕ دارِ پیٹھ اویزان اُنس اندر پنُن بُتھ۔ تِس آسہٕ ساٗرِے بُتھِس گیٚنہِ گاٗمژٕ۔ تِمی گرنز دیکھہٕ اویزان ہُنو مان جی ہِندِس تصویرِس بڑ وٗنہہ کنہِ پنہِ دوشوَ ے اُچھ چیرٕ بنٛد تہٕ گُلی زٕ گنٛڈِتھ نوٗ مرووٗن احتراماً پنُن کلہٕ۔ امہِ پتہٕ دژ اوسُہ گُٹھِ نبر تہٕ ووت آنگنس اندر۔

’’کیاہ ساٗگیوٕ ساٗری تیار......؟‘‘ تِمی ووٗن شُر بن گُن مُخاطب سپدِتھ ہنا بڈِ پہَن۔

’’آہنو ببا......‘‘ سارِوٕے شُر بو ووٗن اُکی ہے آوازِ منٛز۔ نوشو تھاوی پنٛنن

کلن پٮ۪ٹھ ڈوپٹہٕ دُرست گرِتھ تہٕ ہیٚژ کھ پن پننہِ کامہِ منز وُژھ ہاوٕنۍ۔ ہورِیَن ژھٕرُ زِیمو منزٕ چھٕنہٕ وُنہِ کانٛہہ تہِ اکھا تیار بلکہِ وۄن سارِوٕے اپٕز۔ سُہ لۄگ پانسٕے ستی سوچنہِ زِ یہِ اپٕز وُنۍ تہِ کوتاہ ضرۄری چھ سانہِ زِندٕ روزنہٕ خاطرٕ۔ اگر ے دِیَن اپٕز ونٕج نعمت بأگرٕ ہۄ آسہِ ہے نہٕ خبرٕ کتی لُکھ مرٕ ہَن پننے شرٕ۔ تِکیازِ تِمن نِش روزِ ہے نہٕ تیٚلہِ زِندٕ روزنُک کانٛہہ تہِ بہانہٕ۔ أسی چھِ گوڈٕ اپٕز ونان تہٕ پتہٕ چھِ سُے اپٕز یٕزراونچہِ کۄششہِ منز واریاہس کالس زِندٕ روزان۔

توَے آسہٕ ہورۍ ہِشٕز نوشہِ تہٕ زُرۍ پَنٕنس وُنۍ مُتس اپٕزِس پۄز ثأبت کرنہٕ کہِ غرضہٕ وُژھ ہِش ہاوان۔ ہورِیَن کٔڈۍ آنٛگنہٕ کہِ کمہِ تام کۄنہٕ منزٕ دژ أتی ژومبرٕ تہٕ لۄگ تِمن تیزۍ دِنہِ تہٕ اَتھ دوران أسی وونۍ تِم سأرۍ نیرنہٕ خاطرٕ تیار سپدۍ متۍ۔ تِہنٛدۍ کھہہ أسی شولان۔ فصل اوس پیٚٹھو مُت تہٕ از اوس زراعت لوٚنُک گوڈنیُک دوہ۔ باسان اوس زنتہٕ گامس اندر وورُس چھُ لۄگمُت۔ یُسے وِسُے اوس چِکہٕ چاوٕسان پَننِس دجہِ ڈۄرِس پٮ۪ٹھ واتنہٕ خاطرٕ بےٚ تاب بوزنہٕ یِوان۔ تِمن سارِنٕے اوس باسان زنتہٕ تِہنٛدِس گرَس آفتاب چھو سونہٕرۍ زٕ ژوزۄل کوٚرمُت چھُ۔

ہورۍ اوس دژوت نِکھس پٮ۪ٹھ تھأوِتھ سوچان زِ کوتاہ رُت وق ہوودیَن۔ نہ چھُ قرضدار سُنٛد بیم تہٕ نہ غلہٕ دارسُنٛد بےَ۔ نہ چھےٚ فرٕہنٛگی ہِشٕز زورزبردستی تہٕ نہ چھےٚ کاردارس حصہٕ دِنٕچ پریشأنی۔ تِہنٛزن نظرَن اندر أسی لیٖدرۍ لیٖدرۍ داں ہیٚلی خوشی ستی نژان تہٕ گِنٛدٕ باشہِ کران۔

’’پکہٕ ببا......‘‘ تِہنٛدۍ زِٹھی ہوٚۍ زُرۍ گرِتس اَتھس تھپھ تہٕ باقٕے ژُرۍ گےٚ

تس زنگن زن تہٕ الأنڈی ۔ بجہ ہشہِ نوشہِ کوٗر کوٗٹھرِ ہُند درواز بند تہٕ لوکچہٕ نوشہٕ تھوٗو ژوچہِ پھوٗت کلس پٹھ تہٕ دژ ایہِ پتہٕ ساری یکوٹہٕ کوٗٹھرِ نبر ۔ گامہٕ کین کوچہٕ گلین پٹھ اُس لُکن ہنز بٕرٕ بارٕ ے تہٕ ووسہٕ دژ وسہٕ ۔ لُکھ اُسی پن پتنین کھہن تہٕ دجہِ ڈور بن کُن یِوان گوٗھان ۔ سارِنٕے ہندی دِل اُسی خوش ، اُچھ آسہٕ پپیامتس فصلس کُن وُچھتھ چمکان ۔ ہورِیَس اوس باسان زنتہٕ زندگی از نوٚوٕ ے رنگ روٗٹمُت ۔ تمی وُچھ پانس پتہٕ پتہٕ پکن والین شُر بن کُن ۔ تم باسییس بلکل تتھی یتھی گژھِسی گرِکی شُری آسان چھہِ یِنکہٕ رنگٕ مگر گبشامی ۔ یم جیپ گاڑِ ہندِ شورٕ تہٕ موسمُک زور وُچھتھ شر وکنین اژان چھہِ ۔ تمی ہنز نوشہِ تہٕ آسہٕ تتھے پٔزٕ ھ غریب تہٕ نادار گژھِسی گرِ چہِ نوشہِ آسان چھےٚ یا آسنہِ گژھن ۔ روے پردس تل تہٕ نالی پلوٗن ہنزِ اَکس اَکس گینہِ اندر مُفلسی تہٕ نادأری زووَن ہندی پأٹھی کھٔتتھ روزِتھ ۔

سُہ اوس کلہٕ نوٗ مرأوِتھ سوٗنچان بڑ وٚنہہ کُن پکان ۔ گامہٕ کہِ اَخری مکانہٕ پتہٕ اُسی ووٚنی کُشادٕ کھہہ دوٗردوٗ رتام بوزنہٕ یِوان ۔ منزٕ منزٕ اُسی گژ یستوٗپن پتنہِ زمینہٕ سیوٗ دسایہِ دار ویرِ گلی رُوی ءتی ۔ اَکس ویرِ گُلِس تل اوس اکھ ہوٗن بےٚ فِکری سان شوٗنگتھ ۔ دوٗر اَکس گانس منز آسہٕ کینہہ گاوٕ ، موٗنشہِ تہٕ دانڈ پھل پھوٗل کھیتھ دژ اُمن کران تہٕ نظرن بڑ وٚنہہ کنہِ اُسی اَرٕ تی برٕ تی کھہہ شولہٕ ماران ۔ یمو داں کھہو بڑ وٚنہہ پہَن چھ اکھ لوکُٹ موکُٹ نالہٕ تہٕ نالہٕ اپارِ چھ ہوری سُند داں کھہہ ۔ یتھ اندر پوٚپ پوٚپ دانہِ گژلیہِ ہشہِ ماران اوس ۔ ہوری تہٕ تسندی شُری

بأژأسی دۄ رِزنتہٕ رنگ برنگی کیٚمی گاسہٕ ٹُلبن اویزان گاٚمتۍ باسان۔ پنٕنس زمینس اندراژنہٕ بڑ ونٛہہ اوس تمن سٕہ ڈٕمب تہٕ عبوٗر کرُن یَتھ اندر سبز گاسُک دۄر دۄر تام ناونیب اوس نہٕ۔ فقط یہَے پٔنٛچ رب یَتھ پٔتھ کھورٕٛی وٕسی گوٗھان أسی۔ اَتھ ربہِ اوس زنتہٕ اکہِ قٕسمُک سۄر ہیوٗ پھولان۔ ہورِیس باسیوٗ زن تہٕ تٕسنٛدبن جوان مرگ اولادن ہٕنزن أڈِجن ژیٚٹھایہِ اندرٕ زِتھ پوش پھٔلۍ مٕتۍ چھِ تہٕ تم پوش اتھٕ لاگہٕ وُنہِ سۄر ہیوٗ ہوٚہس منز وُڈان چھِ۔ تم أسی ڈٕمبہٕ منٛزی وارٕ وارٕ قدم ترٛاوان تہٕ بڑ ونٛہہ گُن پکان۔ ہورِیس پیٚو وأتھی اندر یاد زِ پٕتۍ موٚپنٛزٕ ہوٗرِیو پٔتھٕ چُھہ یہِ ڈٕمب رٕژھہ رٕژھہ بڈان تہٕ زیادٕ زیادٕ زمینس دَلدلس اندر تبدیل کران۔ تس اوس تماہ زِیوٗ تام تٕسندی شُری جوان سپدَن توٚ تام گوٚژھہ نہٕ یہِ دَلدل تٕسنٛدِس زمینہٕ ژٕکلس پانس اندر ہیوٚن۔

یٔدی وتن ہُنٛد نہٕ ختم گوٚھن وول سِلسلہٕ تہٕ اَتھ پٔتھ ہورٟی تہٕ تمہِ سٕنٛدِ خاندان کٕہن فردن ہٕنٛدی حرکت کرٕوِنۍ نٕی یٔدی ...... تہٕ آفتاب اوس پٕوٗری کٔنی تِہنٛدبن وتہٕ پدبن آے کانٛچھان۔ أنٛدی پٔکھی أسی لٔکھہ نوٚ فصل لونہٕ نَس ٕستۍ آوٕری۔ سٕہ اوس پٕژ بتھ یِنہٕ گوٚھن وإٔلس سلام کران تہٕ ذٕچھنی کھوٕری کھٕتۍ مٕتۍ خودرَو گٔنٛڈی زنٛڈ تہٕ زیٚچھِ زیٚچھِ گُلی لنٛجہِ ژٕٹتھ أکتھ گُن تھاوان تاکہِ کانٛسہِ گژھہ نہٕ یٔنس گوٚھنَس منٛز تکلیف۔

تم ترٛی وارٕ وارٕ تتھ نالس یَتھ نہٕ ووٚنی آبہٕ قطرٕ تہِ وسان اوس۔ نالچ سیٚکہِ بُرژ رب أس خشک گاٚمژ تہٕ اَتھ پٔتھ أسی عجیب وغریب نقش ونگار بٔنیمٕتۍ۔ نالس

ٚستی اُسی تِہنٛدی کھہٕ۔ تِہنٛد بوٚ دِلو کھیٚنیہٕ ووٚٹھ۔ سونٛچھ فصل لوٚنوٚ تہٕ آنٛگنس منٛز کھسہٕ گاسس تھرٛس تہٕ کُجھ منٛز پھَلس۔ پتہٕ پیہِ چار پایہٕ پیٹھ بتہٕ کھٮ۪نس لطف۔ یٮ۪ڈ بٔرِتھ بتہٕ کھیٚتھ کھسن ڈاکر۔ یہٕ سوٗنٛچ تِمو سارِوٕے اکی ساتہٕ، اُکی ہے شہس منٛز۔

سوٚ کھٕ موکھ گوٚو ہوری زن تہٕ رٔہتھ، تس گوٚو پٔتم شہہ پتھ کُن تہٕ بڑوٗنہم بڑوٗنہہ کُن۔ تِم سأری رُکیہٕ۔ ہوری ٚسنٛدِس سأرِسے بدنس زن اُچ گٔڑاے۔ تس زن ہیوٚشُن ہیرِ بوٚن نار۔ سُہ پوٚک زٕ ترٛےٚ قدم بڑوٗنہہ کُن تہٕ لٔیِن کُنی کرٛنکھ۔

"ہے گُس سأنٛچھو......؟"

تہٕ پتہٕ کوٚر تِمو سارِوٕے محسوٗس زِ تِہنٛدِس پٔپس پِٹس داں فصلس اندر چھےٚ کمہِ تام خدٕشکی آثار۔ تِم سأری اُسی ہورِیَس پتہٕ پتہٕ خوف زدٕ ہوٚی تیز تیز پکان تہٕ بےقرأری اوسکھ نال وٗلُمت۔ اُتھی اندر دِژ ہورٕین بٕنیہٕ کرٛنکھ۔

"دوٗ بچے ہا یارٕ گُس چھُکھ ژٕ۔ جواب کیازِ چھُکھ نہٕ دِوان۔ یہٕ میٚون فصل گُس چھولونان......" مگر زمین ژکلہِ منٛز دژ ایہٕ نہٕ کأنٛسہِ ہنٛز جوأبی آواز۔ اوٚ تام اُسی تِم ہنا نزدیک وأتی ٚتی تہٕ کھہٕ منٛز اوس مُسلسل دژوٗت ولِینٛگ صداو گوٗھان۔ تِمن سارِنے ژٕج کھوروتلہٕ زمین نیرِتھ تہٕ خوفہٕ ٚستی گوکھ عرقہٕ سرٛان۔ ہورِین ہأو جولأنی ہش تہٕ دِژن بٕنیہٕ کرٛنکھ۔

"گُسوٗ حرامُک چھومیٚون فصل ژٕٹان۔ کتھ کیازِ چھُکھ نہٕ کران......"۔

ونان ونان کوٚر تِمی پنٕنس دژأ تس ہیوٚر کُن آے زنتہٕ تس کأنٛسہِ کُن یہٕ چلاوُن

اوس۔ اچانک گوٚو کٔنہٕ منٛزٕ اکھ کرٛزٕ ہیوٚ نموٗ دار۔ یٮ۪ژند بن وُٹھن پٮ۪ٹھ عجیب اُسن اوس
تہٕ اَچھن منٛز عجیب عالَم۔ تِمن سارِنٕے گیہِ عقلہِ بقل۔
''......بہٕ ہا چھس ہوری کاکا...... کھوٚ کھ......''۔ ہوہَس منٛز پٔنن تیز تہٕ
چمکدار دژوت ہاوان ہاوان وٗن تِمہ۔ ہوری تہٕ تیٚژند بن شُر بن بأژن ژٕ ج چھِ
نیرتھ۔ بتھین ہُند رنگ زرد ہیوٚ کھ تہٕ زبہٕ ألجِھ تالن تہٕ وُٹھن ألجِھ پٮ۪تر۔ کینٛہہ کالاہ
گنٛدرِ ہیوٚ وأتھی عالَمَس منٛز زنتہٕ تِم رٕہتھ گمتی آسی۔ یہِ ژیٚوہ کوتاہ زیوٗٹھ تہٕ طویل
اوس، یہِ اوسا اکھ ژیٚوہ، اکھ صدی، کِنہٕ اکھ زمانہٕ، تِمن أندرٕ سپد نہٕ کانٛسہِ امیک
انداز۔ وارٕ وارٕ سندور ہورِیَن، وُٹھ گٔرِن تر، تہٕ تیٚژندِ دہلنہٕ دژایہِ شرارتہٕ بٔرژ
آواز۔ تہٕ تِمی بوٗز آواز بوزنس تام اوس نہٕ تِمو منٛزٕ أکِس تہِ پننہِ زندٕ آسنک
احساس۔ ہوری اوس دنٛد چیرِتھ کھوٚ کھِس ونان۔
''......ہیو کھوٚ کھیا، ہیو تاوَن زدا، ژٕ ہے مےٚ پننس کھہس رأچھ
تھاوِ یوٚ کھ۔ ژٕ ہے مےٚ بأنسو ڈنٛڈ وٕستی بنوٚوکھ تہٕ تس فرہنگی شکأری ہٕندی جامہٕ
پأری مے، تیمی میأنس مألس شکار ژھأری دِنہٕ بدلہٕ خوش گوٚھتھ واپس
پٔنن وطن نیرَن وِزِ پٔنن یہِ رٕنیوٗمُت پوشاکھ دیتمُت اوس۔ چون بتھ ہے مےٚ
گرچہِ بےٚ کارٕ تِمٕنٛزٕ لیچہِ پننوا تھو بنووتہٕ پٮ۪ٹھ تھأو مے یمہٕ وِ ے اتھو تس فرہنگی شکأری
سٕنٛز سوٗژھینہٕ ہِشُوٗپٕ۔ ژٕ ے بے جان کھوٚ کھ چھکھا میوٗن فصل لونان......؟
ہوری اوس ونان ونان تس زیادٕ نزدیک گژھان تہٕ کھوٚ کھ اوس
تس بجو بجو چشمو وُچھان تہٕ زہرخنٛدٕ کران زنتہٕ تس ہوری سٕنٛزٕن کتھن ہُند کانٛہہ اثر

گوهان اوس نہٕ۔ تِم یُتھے لتس نزدیک واتی تِمو وُچھ زِ تِہندِ فصلُک ژۄرِم حصہٕ اوس لۄنتھ۔ پتھرِس پٮ۪ٹھ وہراوِتھ تہٕ کھۄکھ اوس اتھس کنتھ درٛوت ہنتھ وُٹھوٹلی اسان۔ تِم اسی حارانِ تہٕ پریشانِ، تہٕ پھۄرتہٕ اوسکھ داہ داہ گز ووتھان۔ کھۄکھِس کمی دیُت فصل ژٹنہٕ خاطرٕ درٛوت۔ تمی کتھٕ گنٕ لۄب زِندٕ وجود۔ تِم اسی کاتھو رہتو پٮ۪ٹھٕ لتس وُچھان آمتی۔ بے زۄ، نرِ ہیۄر گُن گرِتھ، بے حس و حرکت، مگر، مگراز۔

از اوس سُہ زۄ دار، رتہٕ ماز بۄرُت تِمن ہیۄ انسان، یہِ منظر وُچھِتھ زنتہٕ ہورِی پاگل ہیۄتن گژھن۔ تمی دیُت کھۄکھِس پننی ساری زور سۄ مبراوِتھ گنٕے دکہٕ مگر کھۄکھ ڈۄل نہٕ اکھ سۄت تہِ پننہِ جایہِ، البتہٕ آو ہورِی پننے زورٕ دۄر لاینہٕ۔ ہورِی ہِند بۄشُر بۄ تہٕ نوشوٹُل ودن ہیُے تہٕ دورِیہِ لتس گُن۔ سُہ اوس ہلین اتھٕ دِتھ تھۄد ووتھنٕچ کۄشش کران، تِمو سارِوے دیُت لتس سہارٕ۔ لرٕزِ کھبتھ وُچھ تمی کھۄکھس گُن تہٕ وۄنُنس ......

"ژٕ چھکھا میانہِ کھوتہٕ تہِ بھلوان بنیو مُت، کھۄکھیا، میانہِ کھوتہٕ تیا؟ تیمی ژٕ پننو اتھو بنوُکھ، پننہِ زراعت کہِ حفاظتہٕ خاطرٕ، ہُہرا......"

کھۄکھ رۄد حسبِ معمۄل وُٹھوٹلی اسان تہٕ درجواب دۄپنس۔

"ژٕ ہا چھکھ خواہ مخواہ پانس شاشتی کھالان کاکا۔ مے ہالۄن صرف پننہِ ہِٕںک فصل، ژۄرِم حصہٕ......"

"مگر ژٕے کُس حق چھے واتان میانین شُربن رِزقہٕ مار کرنُک۔ ژٕ کیاہ

چھُکھ لگان میانہِ زِراعتک۔ہُنہٕ؟"

"مےٚ ہاچھُ پوٗرٕ حق واتان ہوری کاکا۔تِکیازِ بہٕ چھُس سُے تیٚمی یَتھ کھَس وُنیکتام رأچھ راوٹ گر، روٗ دَس منٛز، تاپہٕ کڈٕ اِین منٛز......"

"مگر مےٚ ہے ژٕ بےٚ زوٗ زأنتھ یَتھ کھیتہِ منٛز اِستاد تھایو کھ تہٕ بےٚ زوٗ چیزن چھُنہٕ گُنہٕ تہِ قِسمُک حق آسان، یہٕ دژوت رَٹتھٕ آو چانین اَتھن منٛز۔ مےٚ کیازِ چھُنہٕ فِکرِ تران، بہٕ کیازِ ہیوٚ تَنٛس حواس باختہٕ گوٚژھن......"

کھوٚکھی ترٛ وواکھ زیوٗ ٹھاسَن کھنٛگالہٕ تہٕ دوٗپنَس

"کوتاہ سیوٚد تہٕ سادٕ چھُکھ ژٕ ہوری کاکا۔ پانَے چھُکھ مےٚ ہتی کتھٕ کران۔ پانَے چھے میانہِ آسنک شرٕتہٕ وَچھس تچھان۔ہاہاہا......"

"مگر ژےٚ ہے زوٗ دیُتنَے تہٕ کمی دیُتنَے۔یہِ دژوت ہے دیُتنَے تہٕ کُمی دیُتنَے۔ یہِ کتہِ اوٗنتھ،مےٚ کیازِ چھُنہٕ یِم سارے کتھٕ وبٔوان......"

"یہِ زوٗ میوٚل مےٚ پأنی پانَے۔ یِیمہِ دوہ ژےٚ بہٕ بناونہٕ خأطرٕ بأنسوٗ ڈنٛڈٕ چیرِ تھ،فرہنٛگی شکأری ہندی ژھینٛژ ہتی پلوٗلا گتھ۔پتہٕ گرچہِ ببکارٕ تمنٛی لیٚجہِ میوٗن بُتھ گوٚ رُتھ۔میانہِ اُچھ،میأنی کن تہٕ میوٗن اُس بنوٗتھ،تمے دوہہٕ اُس یِمن سارِنے چیزن ہنٛز مِل مِشہِ اکھ نوٗ زندگی زاین لبان۔یِم سأری چیز یِیلہِ اکھ اُکس منٛز پیوٚستہٕ سپدی، اُتی پیٚو دومےٚ وجوٗد۔بہٕ روٗ دُس فصل پوٚپنَس تام یِتھین اِپستادٕ تہٕ اُتھی اندر دژاو میانہِ وجوٗدمنٛزٕ وارٕ وارٕ اکھ دژوت۔ پتہٕ یِیلہِ فصل پیٚیو، سُے دژوت آو مےٚ اَتھس منٛز۔مگر ہوری کاکا مےٚ گرنہٕ چأنس امانتس خیانت، تتھ

چھُم خدا گواہ۔ دَپھ بہٕ روٗدُس أزی کہِ دوہَک انتظار کران۔ ازلوٗن مےٚ پنٕن حصہٕ، پنٕن ژوٗرِم حصہٕ، میانہِ حسابہٕ چھنہٕ اَتھ منز ناراض گژھنٕچ یا پانس شأستی کھانٕچ کانٛہہ تہِ ضروٗرت......" کھوٗکھی ونہِ ییم کتھٕ وبستارٕ سان تاکہِ تمن سارِنٕے ترٕ تسٕنٛد مُدعا فکرِ۔

"مگر یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ۔ یہٕ چھےٚ سأزِش۔ میأنِس دأنِستس منز چھکھ نہٕ ژٕ کانٛہہ زوٗ ذات۔ یہِ سوٗرُے چھُ اکھ دوکھٕ، صرف اکھ بزم۔ بہٕ روزٕ نہٕ اَتھ فأصلہٕ کرناونہٕ ورأے۔ بہٕ لاگہٕ ناوَے پنچاٹھ۔ ژٕ ترٛاویہٕ دژوت، بہٕ دِمےٚ نہٕ گاسہٕ گژٕٹ نِنٛک اجازت۔ بہٕ کرَ ےڈکرٕ پیٹھی......"۔ ہورِیَن لاج بڈٕ بڈٕ کرٛزٕ بکھ تہٕ کھوٗکھی کوٗ ڈاسہٕ وُنہِ ہوٗنٛجہِ دژأتِس کش۔ دوٗپنَس "اِدٕتی صحیح......وُچھو ژٕ کمہٕ کوٗنٛجہِ کرَکھ......"۔

پنچاٹھ لوٗگ، سأری پنچأٹھی أسی موجوٗد۔ ہورِی تہٕ تسٕنٛدی ژٕری أسی موجوٗد۔ تمہِ سنٛزٕ نوشہِ آسہٕ گامہٕ چھن باقےٚ نوشن کوربن ستی حأضر۔ ہورِی سنٛدِس بُتھِس اوس تاوِتُمن گوٗمُت، یمن سارِنٕے اوس کھوٗکھی سُنٛد انتظار۔ از اوس پنچایتَس پنٕن فأصلہٕ بوزناوُن۔ دوشوٕےفریقو أسی پنٕنی بیان دِتی مِتی۔ أتھی اندر وُچھ سارِوٕے دوٗرِ اوس کھوٗکھ تمن کُن خراماں خراماں پکان۔ سارِنٕے ہنٛزٕ چشمہٕ لجہٕ تسی کُن درٛس۔ تمی سنٛد بن وُٹھن پیٹھ اوس سُے زہرخنٛد۔ تہٕ تام سُہ یمن سارِنٕے نزدیک ووت، سأری وُتھی غأرارأدی طورتمہِ سنٛدِس تعظیمس منز تھوٗد تہٕ پنٕنی کلہٕ نوٗمرأوِکھ۔ ہورِیَس گوٗویہِ تماشہِ وُچھِتھ روٗح زن نیرِتھ۔ تس باسیوٗ وزنہٕ کھوٗکھ

سارِنٕے گامہٕ والین ہُنٛد ضمیر موٗلی ہیوٚتمُت چھُ، پنچایتُک انصاف موٗلی ہیوٚتمُت چھُ۔ تس باسیوٚ وٕنُن پان ڈٕریاوس پھٕٹمتِس انسان سُنٛد ہیوٚ یُس پننِس بچاوَس منٛز اتھہٕ کھورٕ وایان چھُ مگر اندان چھُس نہٕ کہیں۔

اٲخر کار بوزٕ نو وسر پنجن پٕنُن فٲصلہٕ۔ ہورٕ سُنٛد سورُے وجوٗد کانٛپہٕ ٹیوٚو۔ تس پیوٚو چارو ناچار یہِ فٲصلہٕ مانُن تہٕ کھوٚتُھس پننہِ فصلُک ژوٗرِم حصہٕ دیُن۔ پنچایت منٛزٕ تھوٚد وٕتھِ وُن وٕن تمِ پنٕنین زُربن کُن وِدِونہٕ ہٹہٕ "بوٗزِوِ گوٚبرو...... یہِ ہاچھ شاید میانہِ زندگی ہُنٛد اٲخری فصل۔ وُنہِ ناکھیوٚ تمِ ڈمبن سون زمینہِ ژُگل۔ وُنہِ ناگوِہ سون دجہِ ڈوٗرٕ گنہِ دَلدلس منٛز ضم۔ میٲنی ہاچھو نصیحت۔ پننہِ فصلچہِ رٲچھ راوٕٹھ خاطرٕ اٲسی زبونہٕ کھوٚکھ بناوان۔ پننہٕ والہِ ڈٕریہ ییلہِ زمین وُبہِ ٹلنُک موقعہٕ واتہِ۔ بٕیول وَونہٕ ییہِ تہٕ روٗدیتھ تھٕج کُلی پٕنُن آکار پڑاوَن، مےٚ گُرِی زبوٗ بٲنسو ڈٕنٛڈن پیٹھ استادٕ تہٕ تھٲوِی زیوٗم کھوٚکھی ہٕشرِ جایہِ۔ بہٕ ہباکرٕ توٚ تام تہنٛدِ فصلچ حفاظت، یوٚ تام سہٕ دیوٚ ابراہیوٚ ڈمب تُہنٛدِس زمینس تام واتہِ مےٚ تھٲوِی زبونٕتی تھٕے۔ تاکہِ ییلہِ لُکھ مےٚ وُچھن تِمن روزِ نہیب تہٕ کھوٚکھی آسن نہٕ بناوان۔ تِکیازِ کھوٚکھ چھنہٕ بےٚ زوٗ آسان، تس چھُ پانٕے پڑٕ کیٛژ زوٗ اژان تہٕ تمِ سُنٛد وجوٗد چھُ تس پانٕے اَتھس منٛز دژوت تھاوان تہٕ ازخود چھُ سہٕ فصلہٕ کس ژوٗرِمس حِصس پیٹھ حق پڑاوان......"۔

ہورِ ین ونہِ ییمہٕ کتھہٕ تہٕ دژاو وارٕ وارٕ پننس لُھہَس کُن۔ تہٕنٛدی زُرٕ تہٕ نوشہِ آسہٕ تس پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ تِمن پتہٕ اٲسی سٲری گامکی کلہٕ نوٚمرٲوِتھ پکان۔

کھہَس نزدیک وأتِتھ لۄگ ہورِیَس کُنۍ دب۔ تِمۍ ہِنٛد بوٗشُر بوٗ، نوشوتہٕ گامکوٗ وُچھ تہٕ ژبتُر کھ، سُہ اوس شیٛہلِیوٗمُت۔ وصیعتہٕ مُطأبق ٹُل سُہ پننوٗشُر بوٗ تہٕ لِکس أکِس زٕتھِس بأنسوٗ ڈنڈس ہتۍ استادٕ کرنہٕ۔ باقٕے سأری لۄکھ رۄدۍ یہِ تماشہِ وُچھان۔

کھۄکھی وأج پننِہ کلہٕ پٹھ ژھینہِ ہوٗل دار شِکأرۍ ٹۄپۍ تہٕ پننِس سینِس ہتۍ رٹان نۄ مرأوِن پننۍ گردن......!!۔



افسانہ

رشید راشدؔ

# أزِچ کہانی

عدیلؔ ووت از برابر ژُوٗہر۔ بُتھِ چُھ موٚٹ موٚٹ تہٕ پژٕون پہٕن، بلکُل پَنٕنس بڈی بَبَس ہیو۔ تِسٕندی پأٹھی ژکرٕ دارمس، پکِنچ ڈال تہٕ بتھی کٕ چہِ گینہِ تہِ تِسٕندی آیہ۔ سارِوے کھوتہٕ ہزخک تہِ انداز سے۔ شُر آسنہٕ باوجوٗد چھُس پاپہٕ، سوچنُک انداز بڈی ببہٕ ہنٛزِ گنٛجہِ گنڈان۔ بڈی بَبَس اُسٕس گاٸتی برابر پنٛژہ ؤری گُزریمتِس، مگر دادی چھبس زِنٛدٕ تہٕ پیٹٕر تہِ حالٕے حیات۔ یِم ساری اُسٕس تِہنٛزٕ ے بڑ اُنٛشہ وُچھان۔ عدیلٕس یِیلہِ ببٕ دٕیتھ آلو کڈان اُسی سہ اوس پژنہٕ پأٹھی بجرٕک پوز رٹان تہٕ گوٚبرٕ دِیتھ جواب دِوان۔ تِسٕندی تھی ہوی انداز اُسی خوش یِوٚنی۔

عدیلٕس اُسی سکوٗل گوٚژھنکی گوڈنکی دوہ دِپھ اوپ ژوپ کرنُک دوہ۔ تس اُس حروف تہجی یَن ہنٛز زان بڑ وہِنٛنے ہیٛو ہو گوٚژھنے۔ ووٚں اوس سکوٗل منٛز چہِ کتھہٕ تہٕ کہأنِیہِ دوہ دِش گرِ بوزناوان۔ تمن تہِ اُس اُہنٛدِس یِمہٕ کہأنِیہِ گرِ دوہراوُنٕس منٛز دلچسپی ہُران۔

أزی کہِ دوہہٕ ژھوٚنڈُن سکولہٕ واپس یِوان یِوانٕے پاپہٕ یِتھ تس سو کہأنی

☆ درسو، پلوامہ

بوز ناوِ یوسہٕ سکوٗلس منٛز اُستادن نِشہِ بوٗزمٕژ اٰسن ۔ از اوس تسُند پکُن سبٹھےٚ سنجید۔ پتلوٗنس اوس تھپھ گرِتھ ہیٚور تہٕ ہیٚور لمان یُس بون تہٕ بون وسان اوس۔ بیٚکہِ اتھٕ اوس بیکس تھپھ گرِتھ تِتھٕ گنٛی چیٖر یُتھنہٕ سو کہاٗنی اورٕ یور ڈلہِ یوسہٕ ازتس گرِ باوٕنی اٰس۔

''پاپا۔ پاپا۔ پاپا۔ بہٕ بوز ناوتھ ازٕ کہاٗنی یوسہٕ سرَن ازژھینٛزمٕژ کتابہِ پٹھ پرٕ''۔ یہِ آواز بوٗزِتھ وۄتھ پاپہٕ ہیرِ بون تہٕ آو بُتھِ عدیلَس یُتھ تس حوصلہٕ دِیہٕ۔ بیگ کوٚڈنَس نالہٕ تہٕ ٹُلُن کھونہِ۔ کھونہِ ٹلان وۄننَس ''گوٚبُر کیاہ اوس ونان''۔ امہِ پتہٕ دِتنس میٹھی تہٕ نیوٗن پانس ستی اندر۔ عدیٖل وَنہِ ہے تس امی وزِ کہاٗنی مگر تس آو پنُن نفس گوڈٕ بُتھِ۔ تس اٰس سخ بوچھِ لجمٕژ یمہِ کنٛی سہٕ گوڈٕ کھبنہٕ چنٛبس گٔنٛنے لوٚگ۔

شام گۄھِتھ ییٚلہِ عدیٖل گِندنہٕ پٹھٕ آو سہٕ بیوٗٹھ ہوم ورک کرنہِ مگر ستی گوٚو یکدم تھوٚدوۄتھِتھ تکیا زِتس پیٚیہِ سرٕنی وٗنی مٕژ کہاٗنی بیٚیہِ یاد۔

''پاپا۔ پاپا۔ بہٕ بوز ناوتھ ژٕ اٰزِچ کہاٗنی''

''ادسہ گوٚبُروَن اٰزِچ کہاٗنی''

''پاپا۔ سرن دوٗپ یہِ اوس اکھ کاو۔ تس اٰس لجمٕژ سخ ترٛیش۔ سہٕ اوس ترٛیش ژھانڈنہِ اورٕ یور کران۔ مگر کُنہِ لبنہٕ تہٕ اٰخرس ووت سہٕ دوٗر بستی نبر اٰکِس مأدانس منٛز۔ کُنہِ لبنہٕ کول یا دٔریاو۔ سہٕ بچارٕ گوٚو سخ پریشان۔ ژھانڈان ژھانڈان پیٚیس اٰکِس وارِ گن نظر۔ سہٕ آو ٹاوٹاوکران اتھ

وارِنز دیک۔ اَتہِ وُچھن وارِژٕ کُس منٛز کیٛہ پٔہَن ترٛیش۔ توٚثت واٰجن مگر یہِ پلے یَس نہٕ سوٚنچاہ دِتُن تہٕ دزاو یور گُن۔ وَتہِ پیٛیَس نِکلِن کنہِ کترِ تہٕ میٛٚنِ پھلِن گُن نظر۔ توٚثتہِ منٛز أنتھ ترٛ اۆن پھلہِ پھلہِ اتھ وارِ منٛزٕ۔ آب چُھ رژھِ رژھِ ہیٛور کھسان یوٚ تام گنہِ پھلی موکلیاے۔ امہِ پتہٕ ہیٛتِن میٛٚنِ پھلی برٕنی ...... پاپا۔ تٔمی چھنا غلطی گٔرمٕژ۔ تِکیازِ آبہٕ ستی بنے یہِ میٛٚنِ رب۔ تہٕ آبٕے روو...... آب چھا راوان۔ سرَن وۄن نایِی۔"

پاپَن دۄپُس "راوان چُھنہٕ مگر بیکس منٛز چُھ بہان، یتھ پأٹھی وارِ اندر میٛٚنِ پھلِن منٛز بیوٚٹھ۔"

"سرَن دۄپ۔ کاو گوٚو سبٹھاہ پریشان۔ ترٛیش وُچھتھ أسس خوشی منٛز ترٛیش ہُرے ہمٕژ تہٕ ووں ییٚلہِ سو غأب گیٚے تس گوٚو سبٹھاہ دوکھ۔ سُہ رۄد تھوٚکمُت یور گُن مگر ترٛیش أس تس ہُران تہٕ ہُران۔ تٔمی دِژ ترٛیشہٕ ہتے پنٛنِس ترٛیشہِ ۂتس پأنَس دِگہٕ تہٕ اۆنُن تیرِ گوٚنٛد کڈِتھ۔ یِمو دِگو ستی گأیَس ترٛیشہِ ہنا کمی مگر ژِہمہِ پتہٕ أسس بیٚیہِ ہُران۔ بیٚیہِ دِتُن تیرِ گٔنٛدِس توٚثتہِ ستی دزسہٕ، بیٚیہِ گأیَس ہنا سہوٚلتھ۔ امی سہوٚلژِ کنٛی لاجَن سارِنٕے تیرَن دِگہٕ دِنہِ تہٕ وُچھان نیوٚن سأٔلم پان ننگہٕ کٔرِتھ۔ ننگہٕ جسمہٕ منٛزٕ اوس ووٚنی تس زأوِیٖل رس پژیڈان تہٕ سُہ اوس أتھی زیو لاگان تہٕ لاگان۔ تس اوس امہِ ستی ترٛیشہِ ہُنٛد تسلاہ یِوان۔ تس ییٚلہِ تسلاہ پوٚرٕ آو تہٕ سُہ گوٚو بے ہوش۔ سُہ ہیٚوک نہٕ سو سرایی کٔرِتھ تہٕ نہ وُپھِے تِلتھ، امہِ پتہٕ بیوٚٹھ أتھی وارِنِش یُتھ تس نِو تیرِ ہن تہٕ وُپھ تُلہِ۔"

عدیلَن موکلوو کہاُنی ہُنْد انتہا بأوِتھ تہٕ پاپن تژ وو ووش تہٕ روٗد عدیلَس وُچھان۔ عدیل گوٚ وسبٹھاہ حأران۔ اماپاپہٕ اوس نہٕ کہاُنی بوزنہٕ وزِ ہتھ پأٹھی سنجید گوھان تہٕ ازتژ اُوِن ووش۔

"پاپا۔ پاپا۔ ژےٚ ماگرِ ے نہٕ أزِچ کہاُنی خوش۔ سرَن ییٚلہِ کتاب کھوجیہِ تہٕ یہِ کہاُنی ہبوان وئنۍ۔ شروٗع گرِی تھےٚ گرِن بند تہٕ دپیٚون یہِ ونہٕ نہٕ یہِ کہاُنی۔ اَسی ٹُل شور تہٕ وَننو۔ پاپا۔ اگرمےٚ تہِ تژ لیش لگہِ مےٚ تہِ اگرَ ے وارِ ہنٛدِس آبَس یِی گوھِ، یہٕ کمہٕ تیٚر کڈٕنبرَ؟"

"وُچھ گوٚبُر یہٕ ھ کتھ چھِنہٕ کران، یہِ چھےٚ کہاُنی۔ کہاُنی اُس ٹھیک۔ وُتھِن گوٚبُر شوٚنگِن"۔ عدیلؔ وۄتھ تھوٚدمگرتس اوس پاپُن ووش تژ اوٗن شُری پأٹھی وُتند رِکس بسترَس کُن پکناوان۔



افسانہٕ

رحیم رہبرؔ☆

# اسرٲری

بظأہر اوس غنی مُتی چالہِ۔ مُتی ورَس منٛز۔ مُنلِو جنٛدٕ خرکہٕ لأ گتھ، زیوٗٹھ کھٔری دارمَس، یَتھ رُمس رُمس گُف اوس وۆتھمُت۔ ننہٕ وورُے، کھوربن بجہِ بجہِ پوٗنہٕ گرِتھ۔ سُہ اوس اکثر بازرس منٛز یتہٕ گتھ کران۔ باضے سڑکہِ پٮ۪ٹھ کاغذٕ تلمن سۆمبراوان تہٕ گردنہِ پتھ کُن ترٛاون۔ ییٚلہِ تٔس کُن کانٛہہ اضطراب برٕژ نظر کرِ ہے تٔس اوس اُسن وِکرِ گٮ۪وھان...... پَتہٕ اوس سُہ بڈِ کرٕ بکہٕ دِوان۔ "یَتھ جنٛدس منٛز چھُم اکھ سمسار بُستھ۔ یَتھ منٛز آفتاب، زوٗن تارکھ، شُنٛز، تل پاتال، ظُلمات بیترِ چھِ...... بہٕ...... بہٕ چھُس خیالہٕ داوِ ستی سمسار سوان۔ توٗت، ترُن، توٗر چھُم پانسے ستی...... بہٕ چھُس سیاہ دورِ پٮ۪ٹھ گاش ییران۔ بہٕ چھُس ابتداء......مےٚ ووٗن قالوٗ بَلا...... بہٕ چھُس امر۔"

پتہٕ آسہِ غنی مُتس اُچھ زٕ نارٕ گجہِ ہنٛدی پأٹھی وُہان۔ سُہ اوس پنٕنین اُچھن کُن اشارٕ گرِتھ ونان۔ "تمہِ للہِ ترٛأو یَتھ گجہِ منٛز ووٗٹھ...... نظر پٮ۪ٚیس تہٕ شُمن طرفن ڈیوٗڑھن پنٕنٕے پان۔"

ییٚلہِ غنی موٗت زٮ۪ادٕ دے جلالس منٛز آسہے پتہٕ اوس سُہ بڈِ بڈِ کرٕ بکہٕ دِوان۔

---

☆ پٮ۪ٹھ کانہامہ بیردہ، کشمیر

''یتھ زاتھِس مستس منز چھم اسرارِستان گیتھ......یتھ کلہٕ کھوپرِ منز چھم بوٚڈ سر گژایہِ ماران۔ اَتھ سرَس منز چھےٚ بجہِ ملرٕ پان چھاوان......یمہٕ ملرٕ چھےٚ باضے ماٲرِ موٚنگد دُنیا آباد کران تہٕ باضے ماٲرِ مُندِس دُنیاہس برباد کران۔ مےٚ چھُ سمسارتہِ سربدس۔ مےٚ کوٚرسنگستان آبادتہٕ ماٲرِ منز سرَے آیہِ بارسس۔ مےٚ اوٗن سَریہِ طوٗفان تہٕ کنہِ شہرلیوٚ کھمس موکھس۔ بہٕ چھس اچھرٕ گوٚر۔ اچھرن تژاش ہیتھ گران۔ میٚے چوورٕوٲمی وصلُک شیرٕ تہٕ کتھِ ہٕنڈِ سرحدہاُوِتھ دوٗپمس:

آدم نہ بود و من بودم          ایں دم نہ بود و من بودم
عالم نہ بود و من بودم          من عشقے دیرینہ اَم

غنی موٚت اوس پتہٕ عبس کُن کُنی مُدَے گنڈان......تس اوس سأرِہیے پانس عأرقہٕ سژان گوھان۔ سہٕ اوس اتھِ موٗران۔ تس أس أشس دارلگان تہٕ ونان......مےٚ ٹُل اسرارِستانس ٹھانہٕ......مےٚ لیوٗکھ شینہٕ صفس:

خورشید بہ دامانم، انجم بہ گریبانم
درمن نگری ہیچم در خودنگری جانم

لمہِ پتہٕ اوس غنی موٚت زن تہِ چھکرَنہٕ یِوان تہٕ بےٚ حبس گوٗھِتھ اوس زمینہِ وِکرَنہٕ یِوان۔ واریاہہِ کالِ ییٚلہِ غنی متِس ہوش ییہِ ہے سہٕ اوس پانس کُنی دِنن کران تہٕ کتھ تام بےٚ ناومنزلس کُن ژلان۔

مےٚ آونہٕ خبرٕ کتِس کالس غنی مَتیُن فلسفہٕ سمجھ۔ پزر چھُ یہِ زِ بہٕ اوسُس غنی مَتیُن آلَو بوٗزِتھ ڈُٹھ ژاپان۔ بہٕ اوسُس باضے یہِ فلسفہٕ بوٗزِتھ بےکاف شرانج

مُستی محسوٗس کران۔ مےٚ أس اکھ عجیب کیفیت طأری گژھان۔ پوٚز تمہِ دوہہ ییٚلہِ شامس مےٚ ریڈیو خبرو زِ ''مشہوٗر فلسفی غنی گےٚ رحمتِ حق، تمٕہ ہنٛدِ جنٛدٕ منٛزٕ چھےٚ کاینالتس متعلق فارموٗلا لبنہٕ آمُت۔ وَننہٕ چھُ یِوان یہِ فارموٗلا مُت رِتھ گژھن کاینا تکی واریاہ راز آشکار، خبر کأتِہَن کھُربن ییٚہِ گنٛڈ مُژرَنہٕ۔'' خبرو زِتھ ژوٗل سوچہِ صفحہٕ پیٹھٕ میوٚن قلم رُکنہٕ۔

فلسفی غنی آے تمٕہ ہنٛدِ وصیتہٕ مطأبق شہرٕکس سارِوے کھوتہٕ پرٛأنِس تہٕ نأدر کُتب خانہٕکس آنٛگنس منٛز دفن کرنہٕ۔



☆☆☆

ڈاکٹر علی محمد نشترؔ

# لاش گھر

''میجر سالا...... بہت کمینہ ہے، چھٹی بھی نہیں دیتا۔ بات بات پر ستاتا ہے...... سالا سونے نہیں دیتا!!''

بیا کھ تھوٗ کمُت مِلٹری وول وۄتھس ''اوے...... بی ڈی ایک...... کہیں کھو گیا...... پتہ نہیں...... اوے! گولی سے اُڑا دوں گا سالے کو...... سونے نہیں دیتا...... بات بات پر ستاتا ہے!!''

رٲتی راتس اردلس رۄزی رۄزی اوس یمن مِلٹری والین سُرٕ کاون ہۆنڈِ کھوتہٕ بتٕر گومُت۔ کوسہٕ تاٲم نامعلوم لاش ٲس تمو لاش گرس منٛز ترٛاوِمٕژ۔ افسر ٲسی کالےٚ کیمپس منٛز واپس گٲمتی۔ مگر کینٛہہ مِلٹری وٲلی ٲسِکھ پانس تہٕ لاش گرس اردلس ٹھوٲمتی۔ مُقامی ہسپتالکی زٕ چوٗکی درتہِ ٲسی گاش پھولنہٕ پیٛٹھے لاش گرکس گیٹس پیٛٹھ پہرٕ دِوان پسرٕ آمتی۔ چوٗکی دار ٲسی سردی ستی ٹونٛگرٲمتی، گرا سگریٹ چوان تہٕ گرا اَتھموٗران کتھا کتھا کران۔

''خوش قسمت چھکھ...... کتھیاہ چھی رٲچھ۔ زن چھکھ بۆڈ فوجی افسر۔ ہمہ لگہٕ ارساتھ چھے ژھوپہٕ گرِتھ ژےٚ انتظارس۔ استقبالس''۔ بیٚکی چوٗکی درن ترٛوو

زیوٗٹھ دٕیٔ لمبکھ تہٕ بیوٗٹھ أ کس گنہٕ پلس پیٹھ مبگن نٹھٕ ستی کشنہٕ۔ ''یہٕ کُس گوٚہہ آسُن؟'' بیا کھ گوٚو أمِس لاشہٕ نکھٕ پہن ''آسہٕ کأنسہٕ ماجہٕ ہُند خانہٕ مول......مگر وُنی کینہہ پیٚوٚ مُت لاش گرس منٛز۔ لتھٕ لور گرتھ۔ دپان وَتہٕ پیٹھ روٗٹکھ''

لؤ کھ أسی ژوسرٕ کران۔ ''یم سور چھِ شاید اسی لکبٕہ ژاران۔'' چوٗکی درن اوسنہٕ ووٚنی مِلٹری والین ہُند تیوٗت خوف۔ تِکیازِ تمن أس مِلٹری تہٕ لاشہٕ وُچھِ وُچھِ گٔنز نَس گٔمٕژ۔

''گنہٕ وِزِ آسہٕ سأنی لاش تہٕ گنہٕ لاش گرس منٛز''۔ دونٕوٚنی ژوٗل ووٚش نیرِ تھ۔ ''اہنٕہ ووٚنی کیاہ کرَو۔ ہنہٕ آس مبنہٕ راہ۔ أڈی گوٚہان گاٹٛن تہٕ گژبدن ہنٛدِ بزی۔ أڈی آبہٕ بزی ......أڈی ......'' مِلٹری وألی تہٕ آیے نژان نژان أمی ہیے لاشہٕ کُن ''اوے سالا...... بہت lucky ہے تُو۔ اب کسی چُھٹی کی ضرورت نہیں'' دونٕوٚنی ژوٗل اُسُن نیرِ تھ'' کوئی میجر سالا ستائے گا نہیں......اور......اور کسی بی بی کی یاد ستائے گی نہیں'' سارِنٕے ژوٗل ٹھاہ ٹھاہ اُسُن نیرِ تھ۔ مگر چوٗکی درن باسیوٚ وزِ مِلٹری وألی چھِ تمن خندٕ کران۔ تمن گٔیہٕ بتھِن ہنٛز جتھ کھڑا تہٕ پُھنگر یا ے۔ تہنٛدی بُتھی وُچھِتھ گٔیہٕ تمن کیاہ کیاہ اندیشہٕ۔

اکھ چوٗکی در ووٗتھ بیٚیس کُن دَنٛدَ ومنٛزی ''یم خنٛز پر چھی عأش کران۔ یہٕ خوش گوٚہ سکھ تہٕ کران۔ دوہے تنخواہ رٹان۔ لاکمہٕ روٗستے۔ کأنسہٕ افسرَس نہٕ ماتحتے''۔ بیا کھ ووٗتھس ''پانَے حأ کم''۔ دونٕوٚنی آو اُسُن ہیوٗ تہٕ مِلٹری والین ژٕر أہنٛز۔

''سالے! ہنس رہے ہیں۔عیش کرتے ہیں یہ۔کوئی میجر ستاتا نہیں۔
چھٹی ، بی بی ، بچے ، کوئی مسئلہ نہیں''۔ اُتھی سٕتی آو اکھ نفر کھوژان کھوژان پھٹِتھ
گگرٕ ہندی پأٹھی ہکریامُت ۔ لۄکو ہیٚتی اُمس وُچھِتھ ژۄسرِ کرٕنی۔ ''یہ چھ گُستام
دُدلال خنٛزیر۔ اَکِھتھے ڈامب لاگِتھ آسبس کانٛہہ کٔنز شیچھ پلناوٕنی
یمن''۔ مِلٹری والیو کرٕنو Hands up، تلاشی کرٕہَس تہٕ لتہٕ دی دی سوزُکھ
چۄکی درن نِش ۔ تمو ہووہَس لاش گرس گَن ۔ لاش گرٕ کس دروازس پیٹھ وأتِتھے
ژجہِ تس کرٕ بکہِ نیرتھ۔ ''ہامیانہِ گۄبرو۔ زۄ ہاوَندَے''۔ تَس گیہِ لارنہِ تہٕ پیٚو
پتھر۔ ساری گیے ہے بنگہٕ تہٕ لۄکو ہیٚتی بیٚنہِ ژۄسرِ کرٕنی ''تقصیر تقصیر! یہ چھ اُمی سے
بچارس تاون پیٚومُت''۔ سارِوے ترٛاوی وۄش۔ زَن ترٛووکھ مایوٗسی ہندی پأزَن
منحوس سایہ ۔ ژۄپأری زن گیہِ دِہی ژھیتے۔ کانٛہہ بَہریاونہٕ اُمس دوکھ لدس نکھ
گوہنَس ۔ صحی گرٕی گرٕی اُسی لۄکھ ہراسے کران۔ دپان اُسی ''خبر اُسی (تہِ) مایمو
ہنگہٕ منگہٕ وَلنہٕ۔ ہانٛہہ ...... ہانٛہہ ۔ ہُمہ ہُمہ مِلٹری وول ہا پانٛس اۄش ووٗتھران......
ہور گن پھیٚور...... اُمس ہا ہکی گوھان...... ہائے۔ پتہِ آسہِ کانٛسہِ ماجہِ ہُنٛد خانہٕ
مول......مگر وَدان کیازِ یہ......؟''

''اوے۔تُو کیوں رویا...... بتا تو سہی''۔ ''جب میں نے اپنے
دوست ، رمیش کی لاش دیکھی تو اُس دِن میں بھی گِر پڑا تھا''۔ اوے...... وہ
دیکھو میجر صاحب آ گئے......''

ہُمی ووٗتھرووا اۄش تہٕ آپھرِ تھا نپھرِ بجہ وُن سلوٗٹ ۔ چۄکی درتہِ گیے کھڑا۔

پئنۍ مٲلتی اپرٕ ن شیران شیران أسی اکھ أکِس اِستادٕ کران ''پِنا وٕش ژلی نیرِ تھ۔ گۆلی ہادِنے گۆلی ...... پتہٕ چھا کانٛہہ سو چھ کران''۔

''ڈاکٹر کہاں ہے؟ ابھی تک پوسٹ مارٹم نہیں کروایا''مِلٹری والین ژایہِ نٕتھ ''جناب۔ وہ ہسپتال میں زخمیوں......'' افسرَ ن کۆرُس غضبناک بُتھ ''چُپ کر سالا...... سِپاہی......'' ''جناب''۔ڈاکٹر کو مِلاو۔نہیں تو اُس (لاش) کو دریا میں پھینک دو۔ اتنی فرصت کس کے پاس ہے؟ حالات اتنے خراب ہیں''۔مِلٹری وول دوریا وجل جل، لۆکن گیہِ چھو کہٕ وَدل تہٕ افسرن پھیُر پننہِ بندۆقُک گۆل لۆکن کُن تہٕ باقٕے اردٕلی رۆدی اکھ أکِس کُن تھر گرِتھ افسرَ سِ أنٛدی أنٛدی رأچھ۔ ہسپتال گیٹس پتھ أسی باقٕے مِلٹری وألی تَس مِلٹری وألِس نکھٕ نکھٕ ٹلان یُس پننہٕ نِس دوستہٕ سنٛدِس یادَس منٛز اوٕش ہاران اوس۔ افسرَ ن وُچھ وارٕ پأٹھی ''اچھا! اس سالے کو کونسی گولی لگی؟''۔



شیٖیم قسط

اصل: حضرت مولانا جلال الدین رومیؒ

کأشُر ترجمہٕ: غلام نبی آتش ☆

# حکایات

## حضرت رسول اکرمؐ چھِ پرٕھس خأطِر کران

حضرت محمد مصطفیٰؐ تہٕ صحأبیؓ أسی مسجدِ نبوی منزٕ نمازِ عشاء ادا کٔرِتھ نبر تشریف انان۔ کأفرن ہنزٕ جماتھاہ گیِکھ نظرِ۔ فرموو ہکھ ''تُہی کس پزٕ اران؟'' تِمو وۄن، ''شوٗتھ حض چھِ مُسأفر، واریاہ دۄ رِپیٹھٕ چھِ آمٕتۍ، یوروأتی ژیری، انہِ گٹہٕ چھےٚ گٔمِت، پتھ یابزٕ ؤنہہ پکٔنس چھنہٕ وار۔ یَتھ مُلکس منزٕ نہ چھُ رشتہٕ داراہ تہٕ نہَ زأنۍ کاراہ۔ رۄزِ نہٕ تہِ چھُ سورٕ ؤمُت۔ شوٗتھ أسی جنابن ہٕندِس انتظارس، بۄزمُت چھُ تُہی چھِو محتاجن حاجت کڈان تہٕ مجبۄرن سایہِ کران۔ شوٗتھن گوٚژھ شب گذٲری باپتھ جایِن''۔ مُسافرن ہُنٛد فریاد بۄزِتھ فرموو رسولِ رحمت حضرت محمدؐ صأبن صحابیَن کُن، ''پزٕ بتھ کانٛہہ صحابی ہِین أکِس أکِس مُسافرس پٔنُن گرِ۔ یتھنہٕ خدمتس تہٕ خأطر دأری منزٕ کانٛہہ پرٕ گی تھأوِیۄ کھ''۔ صحابہؓ صأبو ہیۆ

☆ نائل، اننت ناگ کشمیر

مُسافرن سام تہٕ نیٛکھ اکھاہ اکھاہ پانس ستی۔ اکھ موٚٹ دزٕ ۆٹ، کوا کھ مُسافر اپیٚو و أتی۔ یہِ وٕ ئتی نل وُسخانہٕ وول شخص اوس بُڈ یڈاہ گرِتھ۔ سارِوٕ ے سوٗنچ زِ یہِ چھ بوٚڈ یڈل مھنیواہ۔ گرس منز یہِ کینژٕ ھاہ رٕنتھ گرِتھ آسہِ، تہِ سوٗرٕ ے کھیٚیہِ یوٚ ہے تہٕ عیال گژھ فاقہٕ۔ یٚیلہِ سأری دزٕ اے، آنحضورؐ نیٛیہِ کوا کھ شخص پانس ستی۔ اتہِ یہِ کینژٕ ھاہ تیار اوس تہِ تھوٕ ہس پیشکش۔ یڈل اوس بوٚ چھومُت۔ تمی کھیٚو سوٗرٕ ے۔ گرِ کی بأژرٕ دئی فاقے۔ سارِوٕ ے ترٕ ووٕ أتھی حالس منز آرام، پوٚ ژھ تہِ شوٚ نگ۔

راتھ کیٚت لگی پٔژھس پیچھٕ۔ حاجتِ بشری باپتھ گرِ منز نیرنس آلیس نہٕ اَتھ وَتھ۔ سخ پریشان گوٚو۔ أتھی منز گیٚس أچھ پٹھ أچھ، أمی وُچھ پٔنن پان أکِس صحراوس منز۔ اتہِ اوس نہٕ زن تہٕ نہٕ زأنیت۔ باسیوٚس یہِ چھےٚ خلوَ کھ جاے، بیٛوٗٹھ آرامہٕ سان حاجتِ بشری نِشہِ فراغت پزٕ اونہِ۔ فارغ گژھتھ گوٚو بیدار۔ سوٗرٕ ے بستر وُچھن نجاستہٕ ستی بٔرتھ۔ خجالتہٕ کہِ ہیمہٕ لوٚگ أندری گلنہِ۔ بتھِ بتھِ دِتن زِ پاناہ کھےٚ تہٕ کھےٚ کیاز لجوٗے۔ ژلنس تہِ أسس نہٕ گنجأیش۔ بے قرأری سان لوٚگ گاش پھولنس پزٕ ارنہِ۔ صُبح پھوٚل تہٕ آنحضوٗرؐ مُوروو اَتھ حُجرس درواز، یتھ منز یڈل پوٚ ژھ شوٚنگتھ اوس۔ اتہِ أس بدبوے پوان۔ آنحضرتؐ شوٗنگ پٔژھی سُند حال۔ پٔژھی ہندِس عأبس پردٕ کرنہٕ موکھ تہٕ سہ خجالتہٕ نِشہِ بچاونہٕ باپتھ تھوٗ کھ روے مُبارک بٔیِس طرفس زنتہٕ نہٕ پٔژھی سُند حال وُچھکھےٕ۔ پوٚ ژھ ژوٗل شی گرِتھ۔

حضرت رسولؐ رحمت لگی نازنین دستِ مُبارکو ستی پٔژھی سنز پلیدی چھلنہ:

ہر کسے می جست کز بہرِ خدا
جانِ ما و جسم ما قرباں تُرا
(پڑ بتھ کاشہہ دور یٖو و، حضرت، سائنی زُوتہٕ جان توہہِ پیٹھ فدا)
ما بشو ئم ایں حدث را تو بہل
(یہِ مکر یر چھلو أسی ، تُہۍ مہٕ چھٲلو)
گُفت آں دانم ولیک ایں ساعت است
کہ دریں شُستن بخویشم حکمت است
(تمو فرموٗو کھ، مےٚ چھےٚ خبر، مگر یہِ چھُ وق زِبہٕ چھلہٕ پانئے ، پانئے اَتھ چھلنس منز چھےٚ حکمت)

امی ساتہٕ آو سُہ مُسأفر واپس۔ اتہِ وُچھن رسولِ اکرمؐ پانہٕ پلیدی چھلان۔ یہِ وُچھِتھ لوٗگ مُسافر بُتھِ بُتھِ دِنہِ تہٕ دوسن ستۍ کلہٕ ٹھاسنہِ۔ دوٗپُن خجِل زدشوٗٹھس کوتاہ ظأ لم تہٕ سرکش پیٚو وِہ نفس۔ پزی پأٹھی چھُ میون بدن تہٕ میانہٕ أچھ بےنوٗر۔ تمۍ ژھچِہ باکہٕ، تھر تھر وٚ ژھس۔ یہِ حال وُچھِتھ روٗٹ رحمتہٕ وأ لی پیغمبرن سُہ شخص پانس نکھِہ۔ تسلا دِیُتنس، چشمہٕ مُوراوِنس تہٕ نظرِ رحمت گرِنس۔ سُہ بنیو مومن، ایمان چہِ دولُو ستۍ گوٚو مالا مال۔ دوٗپہس، از شبس تہِ روز ژٕ سون مہمان۔ تمۍ شخصن کوٚر عرض، قسمِ خدا بہٕ روزٕ ہمیشہِ تُہند مہمان، بامے گُنہِ تہِ جایہِ روزان آسہٕ۔ بہٕ اوُسس مورٕ توہہِ کوٚ روس زنٕد۔ بہٕ روزٕ تُہند بن غلامن ہُند غلام بُنتھ۔
نتیجہ: بدن چھُ کھےٚ تہٕ کھےٚ کرنہٕ ستۍ موٚٹ دزٕ وٚٹ بنان تہٕ پانس اندر

زیادٕ زیادٕ پلیدی وۄپر اوان۔ اما پۄز لذیذ ترین نعمت چھےٚ ایمان۔ دُنیا ہکی میٹھی کھمن چھِ بدن وۄنھٕ راونہٕ باپتھ تہٕ کم خوری چھےٚ ایمان چہِ مضبوطی خاطرٕ۔ بہترین اخلاق چھِ خدایہٕ سٕندِ بن مُخالفن تہٕ خدالیس گن انان۔ آنحضورؐ ن ہنز ہش پۄھس خاطر دأری کرنچ دۄیم مِثالاہ چھےٚ عنقا۔



# یٔیلہِ واون قومِ ہود ہلاک کۄر

حضرت ہود علیہ السلام سٕندِس قومس پیٹھ یٔیلہِ واو غالب کرنہٕ آو، حضرت ہود علیہ السلامو دِژ ایمان والین أندی أندیٕ رِکھ۔ واون واتنوونہٕ تِمن کانٛہہ نقصان یٔیلہِ زن أمی خطرناک واون سوٗرے بتھی پھیُر قوم ہلاک کۄر۔ تِتھے پأٹھی أسی حضرت شیبانؒ پننِس جبس أندی أندی رِکھ تھوان دِتھ تہٕ گوٚ ہان جُمعہ نماز پرنہِ۔ تسٕندِ بن تیرن تہٕ ژھاولین اوس نہٕ کانٛہہ نقصان واتان۔ ییہہ، رامہٕ ہۄنی تہٕ الایہ بلایہِ آسہ نہٕ رِکھہِ اند رأ ژِتھ ہبکان۔

نتیجہ:

ہمچنیں باد اجل باعارفاں نرم وخوش ہمچو نیم بوستان

(تِتھے پأٹھی چھُ عارِفن پیٹھ موتُک ہوا زنتہٕ پوشہِ باغچ نرم تہٕ خوشبوٗنی واو رِنگ)

آتش ابراہیمؑ را دنداں نزد

چوں گزیدہ حق بود چونش گزد

(نارن گرنہ حضرت ابراهیمسؑ ہتی دُشمنی، سہ اوس مقبوٗل حق، نار کتھ کرِ ہے تس گزنَد واتناونک جُرتھ!)

آتشِ شہوت نسوزد اہلِ دیں

باغیاں را بردہ تا قعرِ زمین

(شہوتٹک نار چھنہٖ دِیندارن زٲلتھ ہبکان۔ یہِ نار چُھ بے دینن جہنمس منز واتناوان)



## حضرت عمر فاروقؓ تہٕ ژوٗر ہِنز حکایت

حضرت عمرؓ سِندِس خلافت کِس زمانس منز آو ژوٗر راہ گرفتار کرنہٕ۔ جُرم ثابت سپدِتھ آو ژوٗر جلادن حوالہٕ کرنہٕ۔ جلادن دیتِھ حکم زِ ژوٗرس ژٹو کلہٕ۔ ژوٗرن کوٚر فریاد، "یا امیرالمومنین، مےٚ چُھ یہِ گوڈنیک جُرم، گوڈنیک آسنہٕ سببہٕ دِیو معافی، آیندٕ کرِ ہانہٕ زانٛہہ جُرم"۔ حضرت عمرؓ گیہِ رضامند، حکم دیتِھ ژوٗر ترٛاوِیوٗن یَلہٕ:

گُفت عمر حاش لِلّٰہ کر خدا

بارِ اول قہر نارد در جزا

(فرموو حضرت عُمرنؓ، حاشا اللہ، گوڈنِکس خطاہس پیٹھ چھنہٕ اللہ تعالیٰ قہر

نازل کران)

بار ہا چوشد پےٗ اظہار فضل

باز گیرد از پےٗ اظہارِ عدل

(اللہ تعالیٰ چھ پننہِ فضلہٕ ستۍ واریاہ پھرِ پردٕ پوٗشی کران مگر اظہارِ عدلہٕ باپتھ ییٚہِ گرفتارِ بلا کران)

تا کہِ ایں ہر دو صفت ظاہر شود

آں مُبشر گردد ایں منذر شود

(یُتھ زِ اللہ تعالیٰ سٕندی دوٚنوٕے صفت پزٕ اون اظہار، اکھ صفت چُھ رٕژ بشارت دِنہٕ وول تہٕ بیا کھ صفت چُھ کھوژ ناون وول یاں زِ قہارِیتُک)

نتیجہ: اللہ تعالیٰ چُھ ستارتہِ تہٕ قہارتہِ۔ اماپوٚز اللہ تعالیٰ سٕندِ ستار آسنہٕ کہِ صفتہٕ ستۍ مُطمئین گُژھتھ فکرِ اصلاح نِشہِ غافل گژھن تہٕ تسٕندِ قہاریت کہِ صفتہٕ نِشہِ بے خوف گژھن چھےٚ بڈٕ ناداٰنی تہٕ بے وقوفی۔ انسانس پزِ استغفار تہٕ گریہ زاٰری کرِتھ ترکِ گناہ باپتھ فِکر کرٕنی۔



## حضرت موسیٰ علیہ السلام تہٕ بیمارٕ سنٕز عیادت

حضرت موسیٰؑ ہس آیہِ وحی، ''اے موسیٰؑ! مےٚ اوس دود تہٕ ژٕ آہم نہٕ خبرے''۔ حضرت موسیٰؑ ہن کوٚر عرض، ''یا ربِ ذوالجلال، تٕہۍ چھِوٕ دادو، بیمارو

تہٕ نقصانو نِشہِ پاک۔ تِہندِس حکمس منٛز کیاہ راز چھ، اَتھ کری توم وأقف"۔ غأبی آواز آیہٕ، "اے موسیٰ، میون اکھ منتخب بنٛدٕ چھ بیمار۔ تِمس مردِ حق سُنٛد دود چھُ میون دود۔ تس گرِو عیادت۔ اَتھ منٛز چھُ تُہنٛدُے فأیدٕ۔ امیک فأیدٕ، دُعاہن ہُنٛد پھل تہٕ قرب سورُے میلہِ توہہِ۔"

نتیجہ: اللہ تعالیٰ ہس چھُ پننین مُقرب بنٛدن ستی یُوت تعلق زِ تِہنٛد دود فرموُکھ پنُن دود۔ اگر دُشمن تہِ آسہِ کانٛہہ تس تہِ گژھہ عیادت کرٕنی۔ امہِ ستی گژھہ تِمس کینہٕ تہٕ حسد کم، سہ ہیکہِ دوس تہٕ بٔنِتھ۔ یِمہِ واقہٕ ستی چھُ اللہ تعالیٰ سٕندِ محبوٗبیتُک مقام معلوم سپدان۔



## أکِس بُزرگ سُنٛد بیٚچھن تہٕ محتاجن حاجت کڈُن

حضرت شیخ محمد سرزری اوس غزنی منٛز واریاہس کالس محوِ عبادت۔ اللہ تعالیٰ ہس گوٚو سہ ٹوٗٹھ تہٕ ہأوِنس وارِیاہ عجأیبات۔ اما پوٚز تَسُنٛد مقصد اوس جمالِ خدا تہٕ معرفتِ حق۔ پانس پیٹھ گوٚو بیزار۔ دیوانہٕ گٔژھتھ کھوٚت أکِس بالہٕ کھشمرِ پیٹھ۔ عرض کوٚرُن! اے ربُ العزت ہأوِ پنُن دیدار۔ غأبی آلو گوس زِ وُنہٕ ووت نہٕ سہ وق، پان دِکھ یون دأرِتھ، مرَکھ نہٕ کینٛہہ۔ عشق اوسُس غألب گوٚمت، ژھٔنُن پان ڈلہِ۔ دامنس پیٹھ وأتِتھ پیوٚو آبس منٛز۔ موٚد نہٕ بلکہِ پریشانِ حال گوٚو۔ یِیلہِ خدا تعالیٰ سُنٛد عاشق پریشان گوٚو، غأبی آلو گوس۔ اے شیخ! ونہٕ منٛز

نیٖرتھ ہےٚ شہرٕ کُن وَتھ۔ شہرواَتتھ کرُن پٔنٕن نفس ذلیل تہٕ رُسوا۔ گرٕ پتہٕ گرٕ تہٕ وانہٕ پتہٕ وانہٕ گژھ بٔچھن بانہٕ ہتھ، تیُتھے بٔچھِ وُن بن یُتھ عباس دبس اوس۔ عباس دبس اوس بدنام بٔچھِ وُن، مختلف حیلہٕ گرِی گرِی اوس بٔچھان۔ اے شیخ! زرداران تہٕ آسن والین ہنٛز ٕکھنٛکھ وبتر اوان، یہ کینٛژھاہ بٔچھِتھ جمع کرَکھ تہِ سورٕے واتناوِی زِ مِسکیٖنن محتاجن، فقیٖرن تہٕ درویشن۔ حُکمِ خدابۄ زِتھ ژاوتس زنتہٕ موردس نِوسرٕ زُو، کُنۍ آلوبۄ زِتھ کۄ رُن لبیک۔ اے مالکِ روزِ جزا! بہٕ چھُس تیار۔ امی ساتہٕ دژاو شہرٕ کُن۔ تیٚمۍ وُچھ سُہ آس پٔتۍ بڑوٚٹھۍ ولنہٕ۔ کھٕنٛچو کھٕنٛچو گیہِ لۄکھ جمع۔ وتہٕ تہٕ مکانہٕ پٲراوِکھ۔ شیٚخن وۄننکھ، اے خلقِ خدا! بہٕ چھُس نہٕ آمُت پان نۄن کڈنہٕ:

بندہ فرمانم کہ امرست از خدا
کہ گدا باشم، گدا باشم، گدا
تا شوَم غرقِ مذلّت من تمام
تاسقطہا بِشنوَم از خاص و عام
او مذلّت خواست کے عزت تنم
او گدائی خواست کے میری کُنم

(بہٕ چھُس حُکمس تابٕین ، خدا تعالیٰ سُند چھُم حُکم زِ گدا بن، گدابن، گدابن۔ یۄتاہ زِلوکھ دِنم پامہٕ، ناسہٕ تژاسہٕ وَنَم تہٕ پۄژٕ پأٹھی گژھ ذلیل۔ تمۍ یۄژھ میأنی ذلّت۔ بہٕ کتھٕ روزٕ عزتس پتہٕ! تمۍ یۄ ژھ میون بٔچھن، بہٕ کتھٕ کرٕ امیرٕ ی)
شیٚخن ژُل کشکول اتھس منٛز تہٕ لۄگ گرٕ پتہٕ گرٕ تہٕ وانہٕ پتہٕ وانہٕ بٔچھنہٕ۔

پڑ بتھ کأنٛسہِ اوس دپان دِیو کینٛژھاہ خدایہٕ سٕندِ خاطرٕ۔ تتھی شیخ چھِ دربدر عأجزی
تہٕ زار پارٕ کران مگر آسمانن پیٹھ چھِ اُہندِ باپتھ ہتہٕ بُدی درواز یلہٕ آسان۔ تس اوس
حُکم، لالچ، رِیا، طمع تہٕ نفس اوسُن لتہِ تل تھوومُت۔ یہ کینٛژھاہ منگی منگی بٹھان اوس
تہِ اوس محتاجن واتناوان۔ اکہِ دوہہٕ گوٚو یہ شیخ ژورِ لٹہٕ اَکس بُڈس مُہنوی سٕندِس
بڑانٛدس پیٹھ۔ آلو دیتُن، توفیقِ محبتِ خدا، بس اکھ ژوٚٹ! بُڈس مُہنوِس گوٚو ٹُڈن
نار۔ اے بڑ تھیمتہِ بُڈٕ، کوتاہ بےٚ منٛدَ چھ چھکھ ژٕ، دوہس منٛز چھکھ ژورِ ژورِ لٹہٕ
یوان۔ مےٚ چھنہٕ ژےٚ ہیوٚ اگادِ گوٚھن وول بنٛچھِ وُن وُچھمُتے زانٛہہ۔ عباس دبس
شوٚبی ژےٚ نوکر۔ کأنٛسہِ بے دینس تہِ آسہِ نہٕ یُتھ منحوٚس نفس۔ شیخن وُونُس! اے
امیر، زیادتی مہ کر، حد مہٕ نیر۔ اگر بہٕ پانس منٛز ژوچہٕ ہنٛز لالچ وُچھ ہا، مےٚ آسہِ ہا
یہِ شِکم خبر کرِ چاکھ کوٚرمُت۔ ستن وٕرین اوسُس بہٕ دپھِ پن کھبتھ افطار کران۔
یوٚ تام بدنٛک رنٛگ تہِ سبز گوم۔ یوٚ تام ژٕ انسان چھکھ، عاشق مہٕ وُچھکھ سرسری
نظرَ و۔ مےٚ چھُ حُکمِ خداز نفس کرُن بنٛیہ تہِ ذلیل۔

شیخ سٕنٛز نصیحت بوٗزِتھ تہٕ تس منٛز پزرٕ کہِ نوٗرُک پرتَو ڈیشتھ گوٚو امیر ظونس۔
سبٹھاہ وَہی واے تہٕ افسوٗس کوٚرُن، زٕ چھن اوسُم نہٕ گاش تہٕ زبو اُسم نہٕ کہِ۔ عشقٕنہِ
زِتنی پییٚس تہٕ لوٚگ شیخس زارٕ پارٕ کرنہِ۔ سأرٕے دولت، سأرٕے گروبتھ تہٕ خزانہٕ
تھأوِنس بڑونٛہہ کنہِ۔ شیخن کوٚرنہٕ کانٛہہ چیز قبوٗل، دوٚپُن! بہٕ ہیکہٕ نہٕ غأبی حُکمہٕ
ورأے نہٕ رٕٹتھ تہٕ نہ خرچتھ۔ امی ساتہٕ سپُد غأبی اشارٕ، اے شیخ! ووں مہٕ رٹھ
کأنٛسہِ نِشہِ کینہہ، ژٕ گوکھ ووں دِنہٕ والین منٛز شأمل۔ پنٛنہِ پھٹجہٕ منٛز تژاواتھ، یہِ

یۄ ھکھ تہٕ کڑتہٕ بأ گراو، اسہِ بنأو چأنی پھٗنٛج حضرت ابو ہریرہؓ سٕنٛدِس ٹھیلس ہش۔ یۄت یۄ ھکھ تیۄت دِ منگن والین۔ یتھ زِ دُنیاوالین سپدِ یقین زِ یمہِ دُنیاعلاوٕ تہِ چھُ بیا کھ عالم، یتھ منٛز ژِ میۄ ٹلکھ تہٕ تتھ سون سپدی، یتھ منٛز موردس نوٚ وزُواتِھ۔ یو ہرِ تل ترٛ اواتھِ یہِ خوش گوٚھی تہِ کڑ، سأنی عطأیی چھےٚ بے انتہا۔ اے شیخ! خلقِ خدا یس منٛز یکھ میأنی صفات ہتھ، تیمی ژٕ وُچھکھ تمۍ وُچھس بہٕ۔

نتیجہ: اللہ تعالیٰ چھُ نیک بندن زبردس ازمائش کران۔ یمن پوٚز عشق غالب سپدِ مُت چھُ تم چھِ نفس پیٹھ غالب سپدِ تھ ننگ وناموٗسک خیال نہ کرنہٕ ورأے مالکِ حقیقی سٕنٛد بن حُکمن تأبیاہ روزان۔ دُنیاوی حشمت چھےٚ مالکِ حقیقی سٕنٛزِ غلامی تہٕ بندگی مقابلہٕ ہیچ تہٕ عشقہٕ چہِ وتہِ پیٹھ پکن وألس ڈالن واجینٛز۔ خدایہٕ سٕنٛدِ خاطرِ خارات منگن وألس بُتھ کھیٚون، ذلالت کرٕنی تہٕ بدرد وُنن چھنہٕ گاشدارن ہُنٛد کار، یہِ چھےٚ انھن ہنٛز کام۔ منگن وألس دِل رچھن گوٚو اللہ تعالیٰ راضی تھاوُن۔ مقربِ خدا چھِ روٗحأنی دولتہٕ ستی مالامال آسان۔



## خرٕ ہانٛزِ رٹتھ نِنہٕ وألی سُنٛد خوف

اکھ شخص ووت ژلان ژلان گرِ۔ سُہ تھارِ یوٗمُت تہٕ ترٛہر یوٗمُت اوس۔ گرٕس منٛز بیٚوٹھ ہوٚپ دوٗپ گرِتھ أکس کوٗنس منٛز۔ گرٕکی زِ ٹھی ووٚنس، ''خأرِ ے چھا؟ ژٕ کیاز کھوتمِن اژان؟ ژے کیاز تھر لٔجمو؟ ژٕ کیاز ترٛہر یوٗمُت،

بُتھ کیاہ زِ چھےٚ لیٚدٕ ریٚوٗمُت؟'' اَمی شخصن وۄنُس! ''کیاہ وَنےٚ، ظاُلم بادشاہن چھُ حکُم کوٚرمُت زِ ساری خرٕ اَنیو کھرٕ رٹِتھ، خرچھِ بگارِ نتیٚ۔ اوَے چھُم نٔتھ ژاہُن'' گرٕکۍ زِ ٹھۍ وۄنُس! ''اِدٕ سادٕ ے چھکھ ژٕ، خرن رٕٹِتھ تہٕ ژےٚ کیاہ؟''

''نہ ساتہٕ ژےٚ چھےٚ نا خبر، سأنۍ حاکم چھِ بےٚ تمیز، تم چھِ نٕہ دس درأزی کران، تمن ما چھےٚ خرس تہٕ انسانس منٛز فرق بوزنہٕ یِوان۔ تعجب کیاہ چھُ نیو ہٕس زن خرہانٛو ہ بہٕ تہٕ بگارِ۔ تم ہیکن خرس بدلہٕ خرواُلس تہِ نیٚتھ!'' تژ ہرٕ یمۍ شخصن وۄنُس جواب۔

گرٕکۍ زِ ٹھۍ وۄنُس:

نیست شاہِ شہرِ ما بیہودہ گیر
ہست تمیزش سمیع ست و بصیر

(سانہِ شہرُک بادشاہ چھُنہٕ ہُش مُش گرِتھ رٹن وول، سُہ چھُ فرق تہٕ کران، وُچھان تہِ تہٕ بوزان تہِ)

آدمی باش و زِ خر گیراں مہ ترس
خر نہٕ اے عیسیٰؑ دوراں مہ ترس

(ژٕ بن انسان تہٕ خر رٹن والین مہٕ کھوژ، ژٕ چھکھ نہٕ خر، ژٕ چھکھ پنٕنہِ زمانٕک عیسیٰؑ)

نتیجہ: اللہ تعالیٰ چھُ سمیع البصیر، سُہ چھُنہٕ مومنن پرہانٛو رٹان۔ انسانس پزِ انسان بنُن، حیوانی صِفتن پٔتھ قوبو پراوُن۔ اصطبلُک داروغہٕ چھُ بیٚون تہٕ خرچھ

بۆون، یُس داروغس خروَنہٕ سُہ چُھ پانہٕ خر۔

میرِ آخُر دیگر و خر دیگر است

نے ہر آنکو اندر آخُر شُد خر است

(داروغہٕ چُھ اکھ چیز تہٕ خر بیاکھ چیز، یہِ چھُنہٕ زِ یُس اصطبلس منز اٙژِ سُہ کیاہ چُھ خأہی گٔرِتھ خر)



# أ کِس رۄسی کچہِ تہٕ خرَن ہنٛز حکایت

أکی شخصن رٔٹ جنگلہِ منز خوش یوٗنی رۄسی گٕٹاہ۔ ژھنگان تہٕ ژبکھلان واتناٰون گرِ۔ طبیلس منز اَسس خر۔ رۄسی گٕٹ تہِ ٲن أتھی طبیلس منز۔ بچاٰر رۄسی گٕٹ ٲج طبیلس منز اورِ یور دونہٕ۔ تس اوس آزاٰدی سان کھُلہِ فِضہَس منز روزنک عادت۔ قاٰدس منز رۄزِتھ لجس دِنَن تہٕ گیہِ زنتہٕ پنہٕ پنہٕ۔ خرَن اوس ماٰلِکھ نِگیہِ منز گاسہٕ تژ اوان، تِم اَسی مزٕ سان کھوان۔ طبیلچ تہٕ گاسچ ڈٕہن اَس رۄسی کچِہ کھران۔ طبیلچ وہ مادأس تس یہِ ڈٕپی زِتہِ واٰنج پھاٹہٕ وان۔ یہِ سزا اوس تہندِ باپتھ موت۔ غاٰر جنسس ستی روزُن چُھ سارِوٕے کھوتہٕ خطرناک سزا۔ رۄسی گٕٹ رۄز واریاہن دۄہن اَتھ قاٰدخانس منز۔ اتہِ أس سوتی کران یہِ گاڑ خوشکی پٹھ پانس دب دِی دِی کران چھےٚ۔

خر و دِژس پامہٕ۔ بدرَ دۄنہَس۔ اکھ اوسُس ونان، ژٕ ہےَ چھکھ وَن

پشن ہنٛز بادشاہ، دم کیٛازِ گوٚ ے، بیٛا کھاوُسس وَنان ژٕ چھکھ نوٗ زُک، شاہی تختس پیٹھٕ شوٗبہٕ ہکھ۔ أ کِس خرس گوٚ و پھکٕ ڈاگر، گاسہٕ ہیوٚ گن نہٕ کھبتھ، روٗسی کچِہ وۄ نُن! فاقہٕ مرَ کھ، وولہٕ کھےٚ میأنی ہَن۔ بیٛا کھ خرلوٚ گُس وَننہِ، نخرٕ أ زِنہٕ کران، ژٕ ے کمیٚک ءِکس چھےٚ وۄنی؟ یمہٕ پامہٕ بوٗ زِتھ وۄ نُکھ روٗسی کچِہ! یہِ خوراک چھ محض تھٕنڈِ باپتھ۔ مےٚ چھےٚ ونہٕ چہِ سبزِ یہِ ءِستی لوے خوے۔ بہٕ چھُس باغن منٛز شیٚہلبن تل پرٕ یتھیاہٕ۔ مےٚ چھےٚ غلأمی ناپسند۔ مےٚ چھِ پوشہِ زأ ژ کھیٚمٕ۔ اگر تقدیرن بہٕ یَتھ عذابس لأ جس، تمیٚک مطلب گوٚ ونہٕ زِ پننوٕ رتوٕ عادتوٕ تہٕ رتہِ مزازٕ نِشہِ کیٛاہ چھلہٕ بہٕ اتھٕ۔ میٛون نافہٕ چھُ گواہ زِ عنبرس تہٕ وُ دس چھُ میٛونے احسان۔ مگرامیٚک مُشکٕ چھِ صاحبِ دماغ ژینان، گُہہِ کمِن پُزاربن خرن پیٹھ چھُ میٛانہِ نافُک مُشکٕ حرام۔ خرٕ چھُ وتہِ پکان خرٕ ہٕنڈِس پیٚشابس مُشک ہوٗان۔ بہٕ اگر وُنی کمِن مجبوٗرٕ فقیرٕ چھُس مگر پنُن اوبروے ہبکٕہ نہٕ لِژٕ ھ گرِتھ۔

نتیجہ: غأرٕ جنسس ءِستی لگُن چھُ بوٚ ڈ عذاب۔ یٚلہِ داندٕ ن منٛز ہٕہہ پھسہٕ، تس گوِ ھ نہٕ گٲہن گٲہن کرٕنی، تس گژھن نہٕ ہیٚنگ ہاوٕنی۔ اگر داندٕ تہِ کرن زُوٕ نِشہِ چھلن اتھٕ تِکیٛازِ ہٕہہ چھُ ہٕہہ، بامے گُنہِ تہِ حالس منٛز آسہِ۔ اللہ تعالیٰ ہٕنڈی مقرب بنٛدٕ جنٛدٕ وٕلتھ أسی تن، قأدأسی تن، فاقےٚ أسی تن، تِمن چھُنہٕ گُنہِ مُصیبتُک پرواے، اِلا گژھبکھ نہٕ محبوٗبِ حقیقی ناراض گژھن۔ تِم چھِ پرٕ بتھ حالس منٛز عام انسانو کھوتہٕ کتہِ کور درجہِ تہٕ دسگاہ تھاوان۔

☆☆

# پۆہل تہٕ حضرت موسیٰ علیہ السلام

حضرت موسیٰؑ ہٕندِس زمانس منز اوس مجذۆباہ تیٚر رچھان۔ دُنیاہ کہِ شور و شرٕ نِشہِ تہٕ لۆکو نِشہِ دۆر رۆزِتھ اوس نیٚربن، نٔین، ہکن تہٕ بالہٕ کھینگر بن پیٹھ جبس پتہٕ پتہٕ پھیران۔ اللہ تعالیٰ سُند اوس عاشقِ صادق۔ دۆہس راتس اوس تٔہندِس فراقس منز وودان، وَچھ ژیٹان تہٕ پلوژٹان۔ اللہ تعالیٰ ہس اوس تھدِ تھدِ ناد دِوان۔

''اے میانہِ محبوٗبہٕ! مےٚ وَنتہٕ بہٕ کتھ جایہِ لبتھ۔ کاش! بہٕ لبہٕ ہتھ اکہِ لٹہِ، دایہِ تون کرٕ ہَے، جندس کرٕ ہے پیوٚند، مس شیرٕ ہَے، کنگۆ کرٕ ہے، زانٔہہ کائی ہَے دوددگ گرِہی بہٕ کرٕ ہَے شانٛدٕ کھور تہٕ کھورٕ شانٛد، غمخوٲری کرٕ ہے، پاں شوٚے کرٕ ہے، اے میانہِ محبوٗبہٕ! اگر بہٕ چون گرٕ زانہٕ ہا، صُبح و شام آسہٕ ہَے تۆرِ دود تہٕ گیو واتناوان، اَتھن آسہٕ ہے بوسہٕ کران، کھورن آسہٕ ہے مالش کران، ییٚلہِ چانہِ آرام کرنک وق واتان آسہِ ہے بہٕ آسہٕ ہَے تتھ جایہِ ڈۆن پھش دِوان یتھ جایہِ ژٕ آرام ترٛاوِ ہکھ۔ اے اللہ! چانِس لولس منز چھم وانٛج پھٹنس آمٕژ، پٔنٕن یہِ جب کرٕ ہے قربان، مےٚ چھےٚ سخ بےٚ قرٲری، کُنہِ پاٹھی گژھتم ژٕ راضی، بہٕ پھاٹہٕ ناوٕ کلہٕ، بہٕ ژٹہٕ وَچھ نتہٕ وَنتم کتہِ چھکھ ژٕ۔''

پۆہل اوس یتھےپاٹھی خدایس ناد دِوان، آہ وزٲری تہٕ عاجزی کران۔

حضرت موسیٰؑ پۆک اپارِ۔ تمی ییٚلہِ پٔہلی سُند حال وُچھ تہٕ وۆنُنس! ''اے جاہلہٕ! خداتعالیٰ ہَس چھنہٕ بۆچھِ لگان، تس چھنہٕ نفس، سُہ چھ دادبو دَ گوتہٕ کھنہٕ چھنہٕ نِشہِ

مُچھِ۔ سُہ چھ پاک تہٕ مُنزّہ، تِمس چھنہٕ مس شیرنُک حاجت، ژٕ کر فوراً توبہٕ، ژٕ چھُکھ کُفر ونان، بے عقلہٕ سُند یارانہٕ گوٚو دُشمنی۔ حق تعالیٰ چھُ چانوٕ یمو خدمژٕ و نِشہِ بے نیاز"۔ پوٚہل گوٚو سبٹھاہ شرمنٛد۔ خوفہٕ نا امیدی تہٕ گوناہ موکھہِ دیُتن جنٛدس ٹر، باکہٕ ژھٹان ژٕول پتھ وَن۔ حضرت موسیٰؑ ہس آیہٕ وحی:

تو برائے وصل کردن آمدی

نے برائے فصل کردن آمدی

(اے موسیٰؑ میون بنٛدٕ کیاژِ کوٚرتھ مےٚ نِشہِ ژھبنہٕ۔ مےٚ سوزُکھ ژٕ میأنی بنٛدٕ مےٚ نکھہٕ اَنتھ مےٚ ستی رلاونہٕ موکھہٕ نہ زِ نکھہٕ آمتین جُدأیی کرنہٕ موکھہٕ)

**نتیجہ:** واریاہ بنٛدٕ چھ مخلص عاشق آسان۔ ظأہر پأٹھی چھےٚ تِہنزٕ کتھہٕ الوہیت کِنْن آدابن خلاف آسان مگر یہِ چھُ تِمن عشقُک جوش آسان نہ زِ تِہنٛد ترکِ ادب۔ نصیحت کرنہٕ وِزِ گوٚژھہ خیال کرُن زِ بنان چھُ یِمس نصیحت کرنہٕ یوان چھےٚ سُہ ما آسہِ مقبول بنٛدٕ۔ ووں گوٚو صاحبِ شریعت آسنہٕ کِنْی اوس حضرت موسیٰؑ ہس ضروری زِ سُہ کرِ ہے مجذوٗبس اصلاح۔ تنبیہہ کرنُک مقصد اوسنہٕ مجذوٗب تعلیم کرنہٕ نِشہِ رُکاوُن بلکہِ طریقہٕ تعلیمُک اصلاح۔ جاہل صوٗفین پزِ نہٕ پتھن پان علمائے شریعت کھوٚ عالِمو کھوتہٕ افضل زانُن۔ یہِ واقہٕ چھنہٕ یِمہِ کتھہٕ ہنٛز دلیل زِ جاہل صوٗفی کرن صحی عالِمن انکار۔

☆☆

# حضرت لقمانؑ سٕنز حکمت

حضرت لقمانؑ سٕندِس مأٔلِکس أسی واریاہ غلام۔ سارِنٕے غُلامن اوس حضرت لُقمانؑ سُنٛد حسد تہٕ عداوت تِکیازِ سُہ اوس دانا، فرمانبردار تہٕ نیک۔ مأٔلِکھ اوٗسُس یٕیٚ قدر کران۔ اکہِ دوہہٕ آیہِ سأری غلام باغس منٛز مؠوٕ والنہِ سوزنہٕ۔ گلوٕ پٮ۪ٹھِ والان والان کھیٚیہِ سارِوٕے غلامو یَڈ بٔرِتھ مؠوٕ۔ واپس یِتھ دوٗپُکھ مأٔلِکس زِ لُقمانٕنؑ کوٚر نہٕ مؠوٕ کھٮ۪نبس تھکھے۔ مأٔلِکس اوسنہٕ امیک توقع۔ سُہ گوٚو لُقمانسؑ پٮ۪ٹھ ژکھِ، حضرت لُقمانٕنؑ وٕنُس! حضوٗرمے کھیٚونہٕ کانٛہہ مؠوٕ، تُہیٚ کٔرِو تحقیق زِ مؠوٕ کٔمی کھیٚیہِ۔ بہٕ ونہٕ توہہِ اکھ طریقہٕ یٚیمہِ سٟتی پزٕ رنَہِ۔ مأٔلِکن وٕنُس! فوراً ون کیٛاہ تدبیر چھےٚ کرٕنی؟ لُقمانن کوٚر عرض، حضوٗر تُہیٚ کٔرِو شِکارس گژھنٕچ تیأری۔ سأری غلام چاوٕنأیوٚکھ یَڈ بٔرِتھ توٚت آب۔ پانہٕ نیٚرِو گُرِس پٮ۪ٹھ بٕڑ وٕنہہ تہٕ غلامن دِیُو پتہٕ پتہٕ دَوُن۔

ییٚلہِ توٚت آب چٮ۪تھ غلامن گُرِس پتہٕ پتہٕ دَوُن پیٚو، تِمن آیہِ دٕژوکھ۔ دَونہٕ سٟتی گرمیگھ مِیادٕ، وَتھ تہٕ أس ناسہٕ تٕراسہٕ۔ دٕژوکہِ سٟتی آکھ کھیٚومُت مؠوٕ واپس، یُس وُنہِ شٕرٛ وِپنے اوس۔ حضرت لُقمانسؑ آیہِ نہٕ دٕژوکھ تِکیازِ تس اوسے نہٕ مِیادس منٛز مؠوٕ، ییٚلہِ نہٕ کھیٚومتے اوُسن تہٕ آسہِ ہَس کیٛاہ! حضرت لُقمانؑ سٕنزِ امہِ حِکمتہٕ سٟتی گیہِ سأری غلام خجِل، مأٔلِک گوٚو خوش تہٕ لُقمانؑ بنوٚون پنُن خاص نکھٕ پھیوٚک۔

نتیجہ:

حکمتِ لقمانؑ چو تا حد آں نمود

پس چہ باشد حکمتِ رب ودود

(یِیلہِ لقمانؑ سٕنزِ حِکمٕو ہُنٛد یہِ حال چُھ، مالکِ حقیقی اللہ تعالیٰ سٕنزِ حِکمٕو ہُنٛد کیٛاہ حال آسہِ، تتھ ہیکہِ نہٕ اَنٛتھ تہٕ انٛد أسِتھ)

## حکیم جالینوس سٕنز حکایت

اکہِ لٹہِ وۄن حکیم جالینوسن پنٛنین یارن، فلأنی دواخانہٕ منٛزٕ أنِو میٛانہِ باپتھ فلأنی دوا۔ حأران گٔیہِ تتھ وۄنُس تمو زِ یہِ دوا چھُکھ ژٕ پاگلن دِوان۔ ژٕ ہیٛے وارٕ کارٕ چھُکھ تہٕ پاگلن ہُنٛد دوا کیٛازِ کھبکھ؟ جالینوس وۄتھُکھ تورٕ:

گُفت درمن کرد یک دیوانہ رو

(اکھ پاگل اوس مےٚ مُدَے گُنٛڈِتھ وُچھان)

ساعتے در روئے من خوش بنگرید

چشمکم زد آستینِ بر درید

گر نہ جنسیت بُدے درمن ازو

کے رُخ آوردے بمن آں زشت رو

کے پرد مُرغے بجز با جنسِ خود

صحبتِ نا جنس گورست و لحد

(گانٛٹاہ رُدُس پاگل مےٚ مُدَے گُنٛڈِتھ خوش سپدان، أچھو سَتی گرٕ نم

اشارٕ تہٕ نربن دِتن چاکھ۔ یۄ دوٚے سُہ میٚون ہم جنس آسہِ ہے نہٕ یاں زِ مےٚ منٛز پاگلاَ زی ہُند ماد آسہِ ہے نہٕ، سُہ بدصوٗرت کتہِ گنڈِ ہےٚ مےٚ کُن مُدٚے۔ جاناوار چھا بدل کانٛسہِ زاَ ژٕ ستی رلان۔ ناجنس سٕنٛز صحبت گیہ قبر)

ییٚلہِ جالینوس سٕندی یار تٔمس پاگلس نکھٕ گیہٕ، یہٕ وُچھتھ گوکھ حاٚرتھ زِ دونوٚے اٚسی لنٛگی، یاں زِ دونوٚنی منٛز اوس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ہشر۔

نتیجہ: ییٚلہِ انسان نیک انسانس ستی رٕلتھ خوش گژھہ، اللہ تعالیٰ سُند شُکر گژھہ ادا کرُن تِکیازِ دونوٚنی ہنٛد بن مزازن چھ ہشر۔ اَکس زن آسن نہٕ وُنہِ اعمال رٕتی مگر نیک سٕندِ صحبتہٕ ستی گژھن تسٕندی اعمال تہِ نیک۔ کانٛہہ انسان ییٚلہِ وارٕ پاٚٹھی زانُن، پزٕ زاناوُن آسہِ وُچھن گژھہ تٔمس کمن ستی چھ یارانہٕ۔



## تمہِ کُلیٚک تلاش ییمیٚک موٗ کھبتھ انسان مرانٕے چھنہٕ

اَکی داناہن وۄن ازماٚیشہِ پٔٹھی اَکس شخصس زِ ہندوستانس منٛز چھُ تیُتھ کُلاہ، ییمیٚک موٗ کھبتھ انسان مرانٕے چھنہٕ۔ یہٕ کتھ گیہ بادشاہس کنَن۔ سُہ گوٚو امہِ موٗ باپتھ سخ بقرار۔ فوراً سوٗزن درباٚریاہ ہندوستان۔ یہِ درباٚری پھیٚر ۆرِیہِ وادن اکہِ انٛدٕ پٔٹھٕ بٔییس انٛدس سُہ کُل ژھارنہِ۔ کانٛسہِ وۄنُس نہٕ امہِ کُلیٚک نیب نشانہٕ۔ تیٚمس پزٕ ژھان اوس سُہ اوُسس دپان یُتھ کُل ژھارنہِ چھِ صرف پاگل پھیران۔ اَمس اَسی ٹانٛہ ژٕ ٹان تہٕ پامہٕ دِوان۔ ہتو یارٕ ژٕنے دیوانہٕ چھکھ

یتھ کُل کتہِ گوٚ وپأدٕ یتھ دنیاہس منٛز۔ ئلہٕ چھُکھ دربدر، گوٚ ھ پانس۔ سفرٕ چہٕ سختی تہٕ مُسافرتس منٛز روزنہٕ ستی گوٚ وُدر بأری سخ عأجز۔ ناوومید گوٚھتھ کوٚرُن واپس نیر نک اراد۔ أتی بوٚ زُن أکس جایہِ چھُ قُطبٕ زمان روزان۔ معلوٗم کران کران ووت أمِس نِش تہٕ عرض کوٚرُن! حضوٗر شوٗتھ گوٚ ومارٕ، مےٚ نامُرادس پیٹھ کٔری تومہربأنی، مےٚ کرِ بادشاہ قتل تِکیازِ مےٚ لوٚب نہٕ سُہ کُل ییمیک موٕکھبتھ انسان مرانٕے چھُنہٕ، تمی چھُس یوٚ ہےَ کُل ژھارنہِ سوٗ زمُت، لتن ہُنٛد ماز لارٕنوم وتن مگر کُل لوٚبُم نہٕ۔

یہِ بوٗزِتھ آو قُطبٕ زمانس اسُن:

شیخ خندید و بگفتش اے سلیم
ایں درخت علم باشد اے علیم

(شیخس آو اسُن، دوٗپنَس، یہِ کُل گوٚو عٔلمُچ نعمت، بے علم انسان گوٚو مورد، عٔلمہٕ ستی چھُ انسان دأیمی زندگی پراوان)

تو بصوٗرت رفتۂ گُم گشتۂ
زاں نمی یابی کہ معنی ہشتۂ

(ژٕ اوسکھ عٔلمُچ شکل ژھاران، اوَے اوسکھ وتہِ ڈوٗلمُت۔ شکلہِ نِشہِ روٗدُکھاوٕ موکھٕ محروٗم زِ ژٕ اوسکھ گوڈٕ معنہِ نِشہِ بےخبر تہٕ محروٗم)

نتیجہ: حقیقی علم چھُ سُہ یُس بنٛدس خدایس تام واتناوِ۔ عٔلمہٕ ورأے خدا زانُن چھُ ناممکن۔ صرف چھُ علمِ دین ییمہِ کہِ حأصل کرنہٕ تہٕ پالنہٕ ستی بنٛدٕ خدایس رأضی کٔرِتھ دون جہانن منٛز حیاتِ ابدی، سکوٗن تہٕ عظمت پرٛأوِتھ ہیکہِ۔

## کتاب نامہ:

۱۔مثنوی معنوی از مولانا جلال الدین رؤمی مع اردو ترجمہ از مولانا قاضی سجاد حُسین، ناشر سب رنگ کتاب گھر، دہلی ۱۹۷۶ء

۲۔معارف مثنوی، مترجم وشارح: مولانا شاہ حکیم محمد اختر، ناشر ادارۂ سیرت دیوبند۔



ظریف احمد ظریف☆

ابسے

# بۄ کس ونہٕ بأ لیپے لو

اِو جنابو مُشتھ تہِ آسِہٕ ونہِ گۄمُت زِ کتھ چھےٚ یِونہِ سوٚنچِی ییٚلہِ ییٚتہِ سانہٕ شیرازہ گرم مزاز کبہٕ پانس واتن والبہٕ وٕزموتہٕ وورِ تھرِ ہندہٕ حُکمدار و، اہلِ کارو تہٕ حرأرتی افسر وکأنی درٛ ؤگی فروشن، غلہٕ گیرن تہٕ ژھل بازن کاٹہٕ اننہٕ باپتھ تمے کھیہِ کھیمتی پڑأنی کالہٕ قونٕہ نکی ژھل لاجیے۔ صُبحن تہٕ شامن اوس ریڈیو، ٹیلی وِجن تہٕ اخباراتن اندرامہِ ربوایتی مُہم بأزی ہُند کڑبکہٕ ناد آسان زِ ہے خلقو کوٚر رہسا، ییتھن جُرمانہٕ، کتھن سزا، تیتھن چھگ زِ شمارٕ ے روو، یہِ کڑبکہٕ نادہٕ زِتھ شوٹھ بُلتھ تہِ بیٚیہِ از بُلیو و۔ پانس دۄہم پانامسہ گوٚھ ہروِ زِ رحمتِ خدایہِ نِشہِ ناوومیدتہٕ نہ مہٕ آس ہروِ زِ حُکمدارن ہنٛدِس گری ہتس کڑأ وی ہتس پیٹھ تہِ شک کران۔ اِدتی زأنتھ دزایوس سہٕ سوٗرے پڑون گۄمُت گدرہِ ؤمُت مُشتھ گری تھے أزی کس بیمار بازرس خبراہ ہینہِ۔ دۄہم آسہِ مایہِ دزٕ وجرک ڈاڈٕ تصرُف دار کأنسہِ وِتکی حُکمدارن خدأیی خذمتگارن غلہٕ دار کاڈو أندرِ کڈنک قصد کوٚر مُتے۔ گُمانہٕ تہِ گوم زِ آسہِ تہِ مایمن بےٚ گنڈ بازٕری ظألمن تہٕ جابر رجوولن سرکأری لُہون پھش لگنہٕ ڈنجہِ رؤس باوگنہِ گنڈس آمُت گنڈنہٕ۔ ڈسلا بسے گیوس صُبحأ ے صُبحأ ے حُبہ ہوٚت کاندربأیس بڑ ؤنہہ گن تہٕ أہندِ شِنہٕ وانہٕ وُچھم حسبِ معموٗل ژوٹ، ژوچہِ وۄ رپنہِ اصل او بر

☆ باچھی درواره، رعناواری سرینگر

گوبرِ نشہِ تہِ گومتے۔ یہِ ژینتھ دۄپمس صوٗفی بابا سرکاری چھانٹہٕ ووتھنہٕ بڑوٗنہہ اوسُے توتہِ چانین ژوچن، ژوچہِ وربن أزی کہِ کھوتہٕ زبرٕ ے پہَن اوبر گوبر آسان۔ اِدٕ رٔتو تہٕ ژٔتو مُہمہِ پتہٕ چھےٚ زن ژوٗٹ بچأرتہِ ژھوٚٹ، ژوچہِ ووٗرنچارٕ بڑوٗنہمہِ کھوتہٕ تہِ لاغرتہٕ ڈیوٚلے گوٚمُت۔ چشمِ بد گُہنڈ لوٚگھ تی وتم توتہِ۔ میوٗن کلامہٕ بوٗزِتھ پھِری نانوأے بأے پٕنٕنی نأری ٹأری خشمہٕ ہتٕی مےٚ گُن تہٕ دۄپنم ''أتھی دوٗ پکھ نا''۔ مےٚ پرٕژھمس کیاہ سنا؟ دۄپنم ''تی حض یہِ نہٕ ژٕے پانس تہِ خبر چھییےٚ، وَنے ہے تہٕ وَنے کیاہ؟ گوٚھتہٕ دۄدٕ گوٗرِن تہِ حساب ہیٚنہِ یُس ٹوکہِ دۄدُک مول رٔٹتھ سفید آبہٕ لوٹہٕ ہن پلوِتھ خوش چھوٕ کران۔ سو گرٛاوتہِ شوٗبیا میےٚ''۔ اوٗہُنڈ کلامہٕ بوٗزِتھ گوس پزٕی غوطن ہیوٗ وۄنمس نہٕ کینٛہہ تہٕ بڑوٗنہہ پکٕی تھےٚ ووٗتُس گوٗری وانس تل، تہِہنڈی کنٕی دۄد، سہ رٔٹتھ پرٕژھمس ''از کل گُس سنا دۄد چھوٕ گرٛاکن ورتاوان''۔ گوٗری پرٕژھنَم ''تہِ کیاہ سنا گوٚوٚ''۔ دۄپمس ''ٹھیلہٕ دۄد ہاکِنہٕ گاڑٕ دۄد، چأنِس یتھ دۄدس چھُن ووٗنی چھوٚت رنگ تہِ چھتُن ہیوٚ تمُت، خبر یہِ سرکأری چھانٹہٕ کمَن ہوڈل گُربن چھ تیلہِ سیٚزِ وَتہِ پکناونہٕ باپتھ ژٕان، ژٕے ما اَچھ کینٛہہ خبراہ؟ مےٚ پرٕژھمس''۔ یہِ بوٗزِتھ ووزلیوٚس پٕنُن پوٗلر دۄدٕ بتھ تہٕ دۄپنم ''اہَن سا خوٗ جاسیوٚد تہٕ سادٕ گوٗرزأنی تھےٚ رٕڈکھ تہِ میےٚ۔ گوٚھتہٕ دِتہٕ امہِ پٔننہٕ بےٚ مول گاٹہٕ جارک خأراتھاہ ییٚتہِ کمن یٔڈل تہٕ دُبتھبل افسرَن تہٕ اہلکارن، یم چانہِ مشوٚرٕ ییٚتہِ کمن کھوسہٕ جنگلن، گانٛگلہِ لدمرگن تہٕ مأدانن اندرٕ ذأ ژل گاوٕ رٔچھتھ، بناوٕہَن ادٕ خلقن ستی ستی ژٕے ہوبن نوزُک تہٕ نوتوان تکن گربن تہِ، شوٚد تہٕ ٹھُہل دۄداہ چأوِتھ بوٗٹھی

پہلوان۔ اِد کیاہ گییہِ کتھاہ، دپہٕ ہو تہند تگُن تہٕ آو بارسس، رِکنہٕ نہٕ، بیٚیہٕ کرٕ ہو چانی
دُعایہِ خاطرٕ أسی تہٕ آراماہ، بدل کانٛہہ موٚ زِٕریاہ، مشقتھاہ کرِتھ کڈٕہٲو اِد پنٛنی أمی زأمی
دوہہ، وَنٔے کیاہ ژیٚتہٕ گوڈٕ حُسنِ غم خارنٔے آیہکھ کینٛہہ تہٕ وَنہٕ ہے نہٕ۔ گرٕوھتہٕ
ہُمس پجٕس پرٛژھتہٕ یُس کٹہٕ مازس بدلہٕ مسماۃِ گبہٕ ہنٛزٕ ناٹہٕ تتھ تہٕ اڈاہ موچہِ پٔشرِتھ
ناٹن ہُند مألِے مٔشراوان آسی۔ دپ تہٕ روپیہِ بوٚک رٔٹتھ کیاہ چھے اورٕ لیچہِ باپتھ
افسوٗسہٕ روٗس دِوان۔ گوٗرِ برادرٕ ہنٛزٕ یہِ ہزٕ لی نصیحت بوٗزِتھ بلٛیوس تہٕ کینٛژھا، تہٕ
گوس امی قدمہٕ پجٕ وانس پیٹھ۔ میون کینٛہہ بوزنٔے دوٗپُم گنٔین خوجہِ صأبا از گوٚو
اورٕ ے بدل کینٛژھا بندوبس کرُن۔ مےٚ پرٛژھمُس وجہ، دوٗپُنم ازھٕں چھُ مےٚ
کأشُر برٕ مورمُت، یُس اورٕ ے سرکأرِ نرخہٕ کھوتہٕ تھوٚد پانس خرید چھُم، أمی ہے
معصوٗم برٕ ہنٛزٕ دِژٕہے، توہہٕ ہتی مابنہٕ سرکأرِ ریٹ لِستہٕ گوٗرژوٗ رِنیرِتھ کلاہے کرُن،
تُہی چھِو نازأنی ہتی مأنی ہتی لُکہٕ ہمدرد تہٕ اصوٗلہٕ کنہِ وصوٗل پسند معتبر شہری۔ تہنٛزی
کأشرِ بولہِ اندر قومُک ژُکھی در، تُہی تہٕ چھِو ناتی سوداہ کران ییٚتھن سرکأرِ باوٕ ے
چیز بٹہان چھِو، سأنِس کٹس، ژھاوٕلس تہٕ گبہِ بچارِ ماچھ سونٔے یوت نفس سوارِ
کھٕستھ، یمن بچارن چھِنا گاڑِ کھسنہٕ پیٹھٕ وسنٕس تام کأتیاہ سرکأرِ کامہٕن کارن
نظر تھاون وألی اہلِ کار تہٕ غم خوار وبترٕ نی پیترٕ نی پیوان، امی کوٚرُم توہہ عرض زِ از
کرِی تو اورٕ ے کینٛہہ، نتہٕ روزِ بم گزٕ او تُہنٛزٕ، پجٕ ناوٕ چھُم ناپیوٗمُت، مونٛمت زوٗمُت بےٚ
انصاف، خبرٕ ے ہے چھیٚنےٚ سرِ بازرٕ چھُم ناشرٕ اکھ اَتھس اندر آسان، سرکأرِ قلم ما
چھُم پننہِ ڈبکہٕ کھوچرٕ باگہِ آمُت، یُتھ قلم بنأوِتھ آسہٕ ہا خلقن چھوک دِتھ رتھا

چھوان، یہٕ اکثر مُلازم دربارٕ کران چھِ، بیٚیہٕ آسہٕ ہم سُے قلم چنٛدس پیٹھ گنہٕ بجھ۔ وَنہٕ کیٛاہ قسمت پٔژن پٔژن، رِکنہٕ بیٚیہٕ کیٚنٛہہ وَنٕے آرمس دانٛد رس ہیتہٕ خبراہ، یُس بدِ بدلہٕ ہاکہٕ موٗنجن تہٕ ووٗنی پوشِکی پأٹھی گوٚنٛد بنأوِتھ مولوان چُھ۔ أچھ زٕوٚتھ أکس ہاکہٕ وٕتھرس ژورتھہٕ گرِتھ گاسہٕ تھٕلس اندر سأوِتھ چھ تھوان۔ خبرٕے آسی از چھ دہن ڈبلن ہاکھ خرِیدار چنٛدس بران، دانٛدِ ہاکھ، بیرٕ کچھ، پھسہٕ مُجہٕ گوگجہٕ تہٕ گازرِیمہٕ کیٚنٛہہ کال بڑوٗنہہ بیٚتہِ ہردِ چارٕ واین أسی تژٕ اوان تمہٕ تہٕ ازتژ کرِنہٕ تارژِھ توٗلتھ خرِیدار أچھ وٕٹِتھ نِوان۔ بیٚیہٕ چھی تم پٔتھرٕ بچأرٕ تہٕ پأکأرٕ تہٕ، نہٕ چھکھ وانٕے تہٕ نہٕ یمن رِکرایہٕ نامٕے کرٕنی، نہٕ ریٹ لِسٹے نألہٕ تژاوُن، نہٕ بجلی فیسے برُن، نہٕ سیلز ٹیکس دیُن نہ انکم ٹیکس ریٹرنے برُن تہٕ نہٕ چھکھ دُبتھبل حساب بناون وألی مُنشی ژھانٛڈنی تہٕ نہ چھکھ سأنی پأٹھی سرکأرٕ اہلِ کارن تہٕ افسرَن ہنٛز کانٛہہ وُگرأیی، تٕلُکھ پھوٚت نکھس تہٕ تژاُوِکھدَو۔ ہرتال گوٚھی تن، یمن چھنہٕ کانٛہہ پرتالہٕ۔ خداصأب رٕچھِن ٹاس گوٚھی تن، چھگ گوٚھی تن، پوٚز یمن پیٹھ چھنہٕ کانٛہہ پابندی لوگوٚ ہبکان سپدِتھ، یِم چھِ تیٚلہِ کوچہِ گلین تہٕ لٔکہٕ بڑانٛدن پیٹھ بِہِتھ پٔننی کأم کران"۔ گنیہٕ سُنٛد یہِ وأرأگی باشن بوٗزِتھ گوس تٔہنٛزی کتھِ مُجہِ کھبتھ سردتہٕ پوٚت کھورِدِتم پانٕسے منٛد چھتھ اِدگرِ گٔنٔے قدم تہٕ ہٚیتم یِم اچھرٕ گنگراوٕنی:

بُستی یہِ بڑادیے شال بہٕ کس ونہٕ بألِیے لو
گونہٕ ہو ووٗلہم نال بہٕ کس ونہٕ بألِیے لو

☆☆☆

ڈاکٹر شفق سوپوری☆

ییمہِ شُمارُک شاعر

# بالہٕ اپارِ

مےٚ وُچھ سوزٕن سراپا زردتہٕ گوم گُمان
اَمس تہِ ہردٕنچ ماکنن گمُو آواز
خدائے زانہِ زِکم لُکھ بساں چھِ بالہٕ اپأرئ
دِواں چھِ نادکمن نغمہٕ سکوٗت انداز
مےٚ بُوٗ ززٕنہٕ شبس تتھ قدیم مجلس
نژان مُرژتہٕ فصیلن اندروزان چھِ ساز
نکھن چُھ مالِ غنیمت بٔرتھ کماں دارَن
تہٕ مست خواب گہن منزٕ جزیران جانباز



☆ تلسی باغ کوارٹرس، سرینگر

شفق سوپوری

# آش

گٕنِس جنگلس اندراکھ

آبہٕ جو یاہ
پلن اندروٕٹسی گمژ
گُلوٕتس نال وڈلُمت
پٔنٕن تژ وومُت
کفن بدنس



شفق سوپوری

# سِری سأوی نظر

کیُتھ شب کیُتھ آفتاب تتہٕ انہٕ گوٚٹ وُچھم نہ گاش
ششدر بصد گُمانٕ چھ بُتراُژ ہُنٛد نقاش
شبنم بہ دامنِ گُلِ پامال نوحہ زن
بُلبُل بہ شاخِ خستہ کراں ئلی چُھ بول باش
مہمان فرشِ خاک تہٕ از روئے دِلبری
بادِ صبا موٗس چُھ گُلبن پیٹھ کران خاش
تارکھ وِٹسی گمتی چھِ زن أش پھیری حسرتن
اسمان زن مزار تہٕ مہتاب زن تہٕ لاش
پیوٚند چھا کران لِباسس برابری
اکھ واوِ رِنٛگ اوٚبرٕ لِشن ئلی کڈاں چھِ واش
مقصد جُدا جُدا مگر انجام بس اکُے
اکہِ طرفہٕ شیرِ پأر تہٕ اکہِ طرفہٕ سرِو ناش

☆☆

شفق سوپوری

# ژ مازانہٕ ہن کاثہہ

ونٕے کیٛاہ بہٕ حالت
چھہِ افلاس وغربت
بہٕ چھُس فکرِ گوٚلمُت
ببکاٗری عجب نال وۄلمُت

مےٚ زن مُنڈِ عمن شام
ژِنکس چھم پشَس تام
اَکھِنۍ کھمن تہٕ چِبن
مُشِتھ زن گوٚمُت چھُس خوادلیس تہٕ خلقن

مےٚ ماحلِ مُشکل گوٚھے
دپاں چھُس بہٕ وٗنۍ پان دِمہٕ ہاوِتھے
مگر خام ماۓلیٖچ
فکر چھم عیالیٖچ
صُبس چھُس بہٕ نیراں تہٕ شامس اژاں

عیالس مگر زنٛدٕ رۄزِتھ تہٕ کیناہ چھُس بہٕ کراں

وۄنۍ کیناہ بہٕ حالت

مے کیناہ چھُم ضرۄرت

سلیمس پلَو

شمٕس بۄٹھ

بِلکس فیٖس

تۄملہٕ اوٹ

پشِس ژھیپے

ہٕس استعما ل پیٚ..........

قرض دار چھِم زاگ دِتھ

نہ اللہ رٕ مے چھُم چین

نہ بازر بہٕ نیراں

مے ون پاسِ للہٰ

ژٕ مازلنہٕ ہُن کانہہ

بہٕ چھُس ییٚ ڈٕ ل سوچان

مے کانہہ گۄولی دِیہٕ ہے

تہٕ میأنِس عیالس

تہٕ لچھہ رۄپیہ ترِ ہے

شفق سوپوری

# غزل

گُن چھُکھ پانو پکھ با پکھ
یِتھمِن موردن گُس دِیہِ نکھ

اورِ اتھن مٔژ کرتل ہتھ
سوٗرے عالَم، یورِ بہٕ اکھ

پرٛانہِ زمانک جاناوار
بُرزِ پٔشس پیٹھ وٕہرِتھ پکھ

تصرُف دارَو ژٔٹ ہانٛکل
غٔبی کرٛزبکھ گٔیہِ یِنہٕ دِکھ تھکھ

قُمرِبن، ہارِبن مالیُن روو
گٔمی دیُت بونِمن گوڈٕ تلہٕ ٹکھ

از ما ٹھس گوِٛھ دروازس
از تہِ چھُ انہِ گوٚٹ دوہہ کھوتہٕ سکھ

☆☆

ڈاکٹر شفق سوپوری

# غزل

ترٛیشہِ ہُتی جایہِ جایہِ آب وُچھان
قرنہٕ بٔدی گئے تِمن سراب وُچھان
آسہِ پاتالٕکی ھٔورِ ستی ہہتھ
پٔرانہِ منٛدورِ منٛز سُہ خاب وُچھان
کس چھِ دامن رٕٹتھ کنیٛز آسان
زوٗنہٕ گاشش چُھ کُس گُلاب وُچھان
سادٕ کأئناہ چھِ میٛانہِ گاہکی شُری
تِم دوٗسن ژھایہِ آفتاب وُچھان
زنتہٕ سازٕنٛدٕ أسی مأنٛتھر دِتھ
سُہ ربابس تہٕ تس رباب وُچھان
خاک زادن شفقؔ کمال عجب
چشمہٕ مُوراں تہٕ بُوتُراب وُچھان

☆☆

ڈاکٹرشفق سوپوری

# غزل

ارمانن چھم مالہٕ گٔرتھ
کاٹلۍ گوَھے ما بال مٔرتھ

چانِمن یادن ہُنٛد شہمار
سینس پیٹھ چھم اَر گٔرتھ

یَتھ پھبرنس ہتہٕ ہُدۍ پیوَنٛد
ہُتھ دامانس موختہٕ جٔرتھ

کیٛاہ گوِھ چانہٕ خدأیی کم
أسی تے گوِھ ہَو تارٕ ترٔتھ

أخر مےٚ تہٕ گوٚو غاًب گُلاب
أخر مےٚ تہٕ گوٚو ژۄر پھٔرتھ



ڈاکٹر شفق سوپوری

# غزل

زن گوٚو بالن شین گلِتھ
گانٛمک گاہے آو ژٕلِتھ

ژٕے تہٕ ما اَسہ فُرصت زانٛہہ
مےٚ تہٕ تھوٚو مَسلو نال وٕلِتھ

دوہ لوسیاو تہٕ پزٕٲنی سو یاد
دژٲیہٕ گُنٛس ہش ژھاے ڈٕلِتھ

باطِن وُنہٕ سوے ڈہوٗنی ژھٹھ
ظاہر تیٚوٗنگس سۄر مُلتھ

سوٗنتن ہاو کراماتھ
ہوٚچھو مۄر تہٕ آیہٕ پھوٚلِتھ

چھِٹہٕ پوٗشن پنہٕ پوٗشری گتھ
دژٲیہٕ سوٗندر از جامہٕ چھٔلِتھ

ڈاکٹر شفق سوپوری

# غزل

کس چھُ آمُت مژر ژٔرے ما بۆزُتھ
کٔمی چھِ تٔجمٕو تبر ژٔرے ما بوزتھ

ژٔمی تہٕ بووا پزر ژٔرے ما بۆزُتھ
تس تہٕ دیتُکھا زہر ژٔرے ما بۆزُتھ

دوستا! وٕن یمن مکانن ہٕنڈی
کۆت گٔمتی دارِ بر ژٔرے ما بۆزُتھ

وُنہٕ چھِ موجوٗد اکھ بۆٹن ہٕنڈی
وُنہٕ چھِ تازَے قبر ژٔرے ما بۆزُتھ

تِس تہٕ اوسا صدم جُدأیی ہُنٛد
أتمی دِژا پٲت نظر ژٕنے ما بۄزُتھ

کالہٕ اوسُکھ نیٚمُت فقیٖرس نِش
کیٚازِ کھولُکھ شہر ژٕنے ما بۄزُتھ

گاڈِ چھاسا پکان سڑکن پٮ۪ٹھ
کیٚاہ چھےٚ اورٕچ خبر ژٕنے ما بۄزُتھ



ڈاکٹر شفق سوپوری

# غزل

وُٹھ وۄشلان تہٕ کوتر رَتھ
کاژاہ ساۄ تہٕ رِکوہ ہش کتھ
سونہٕ پوشاکاہ تارکھ نب
رونہِ دامانس پوشپری گتھ
ژنے تہِ ما حال پُرژُھتھ زانہہ کائلی
مے تہِ ما اُژ زانہہ توت اَتھ وَتھ
تس جوگیو تی وۄنمُت اوس
تمی وِژ پانے تختس لتھ
پۆز ہے بوزکھ سُہ تہِ وبسریاو
مے تہِ گئے تس کَن وُچھتھے متھ
اسہِ گوِہ نارس وُنی گُلزار
اَسی ما پاگل اسہِ رِکوہ ستھ

☆☆

غلام نبی ناظر☆

# محمدؐ پٔنٕن چھُم

تصوٗر پٔنٕن مُشکہٕ نأوِتھ وٕنٕن چھُم
محمدؐ پٔنٕن چھُم محمدؐ پٔنٕن چھُم
وَچھس نوٗرٕ مِلہِ گاش چھأوِتھ کھٔنٕن چھُم
محمدؐ پٔنٕن چھُم محمدؐ پٔنٕن چھُم

تھٲوِنی چھُم صرف مُشکہٕ سٔری وانہِ چھٔلی چھٔلی
رَچھِن صبح اختأبٕ ہیتھ شام سورٕ ملی
وٕلِو پان وَتھرِو گولابن وٕنٕن چھُم
محمدؐ پٔنٕن چھُم محمدؐ پٔنٕن چھُم

قلم زبو چھٔلِن سر وٕنٔدِن تازٕ لفظن
بٕرِن کاکدس موختہٕ چھوٚت چھوو امن
وتن چشمہٕ وتھرَس سُہ وُچھِ ہم نٔن چھُم
محمدؐ پٔنٕن چھُم محمدؐ پٔنٕن چھُم

☆ یاری پورہ کولگام، کشمیر

قرآنن وۆنُم عکس توٚہنٛدٕ ے مےٚ عظمت
خدا بێیہِ تہٕ کمہِ دٕہنہٕ کرِ ہے یہِ باوَتھ
تھزر سُے اثر سُے رٕتُن چھُم پرٛنُن چھُم
محمدؐ پٔنُن چھُم محمدؐ پٔنُن چھُم

سِتارن مبارک سُہ مہمان عرشُک
بُراقس کھٔسِتھ دڑاو یێلہِ راجہٕ عربُک
أچھن تل سُہ ژیُہہ ژیُہہ مےٚ گہہ گہہ اَنُن چھُم
محمدؐ پٔنُن چھُم محمدؐ پٔنُن چھُم

زَرێل پرٕدٕ ووناں چھُ وُنہِ غارِ ثَورُک
حِرا سِر رچھان کیمیا ساز قلمُک
وُسن سٔدرٕ سون موختہٕ ہارا چھٔنُن چھُم
محمدؐ پٔنُن چھُم محمدؐ پٔنُن چھُم

چھنبن بوٚن چھُ بخشاں تہٕ موٗدِس حیاتی
بجہِ نوکتن آیُت تنٛدبن کائِناتی
دروٗدٕچ نِمس ڈالی ناظرؔ بٔنُن چھُم
محمدؐ پٔنُن چھُم محمدؐ پٔنُن چھُم

شاہد دلنوی☆

# نعت

چھ واؤک زور تَے ڈریاو برہم یا رسول اللہؐ
تہٕ پرڈنہِ ناوِ ژٕڈ تَو وٕنی توٚہی نم یا رسول اللہؐ

چھ ہر سوٗ وحشتھ عالَم، زبوں حاُلی پریشاُنی
تہِ زن آسہِ لبھنہٕ آمُت لانہِ ماتم یا رسول اللہؐ

پٕرن روٗداد باوَو کیٛاہ نتہٕ زاٮ۪ن نا مہربانن
چھما کانٛہہ توہہِ سِوا یاور تہٕ ہمدم یا رسول اللہؐ

توٚہے مومِن چھ گنڈران از چھِ کاشری خارزارَو منٛزی
کران اُسی راتھ تامتھ ہرنہٕ شندی رَم یا رسول اللہؐ

---

☆ دلنہ، ورمُل

لتن ہُنْد ماز لاریٔومُت وتن اسہِ بے کسن شاہا
تۂ سیٔن وٹھ گوٗمُت سائین کتھن دم یا رسول اللہؐ

خدا را اکھ نظر گری تو عنایت خاکسارن گن
بلن یم دآدی قرنن ۂشدی ژلن غم یا رسول اللہؐ

چھُ سائین پوشہِ واربن اژوُئے سوٗتے ہرُ دلوٗ گمُت
تۂ سائین بُلبُلن از چشمِ پُرنم یا رسول '



شبیر احمد شبیرؔ☆

# نعتِ نبیؐ

ارزاں ژوولپأری انوار مدینس منز
واضح چھِ خدأیی ہٕندی اسرار مدینس منز

جذبن چھےٚ گوھاں سَتھ ہش، کتھ یام ووتھاں تورٕ چ
پژ بتھ جایہِ عیاں جنتٕکی آثار مدینس منز

ٔکس گوشہِ نہٕ دِل آرا، کوسِ وَتھ نہٕ ژھٹاں خوشبو
مُشکان چھِ توحیدٕکی گُلوار مدینس منز

کتھ کتھ نہٕ مقامس پیٹھ، روٗحأنی اُچھو ڈٕچھمتی
لچھِ واد فِرشتن ہٕندی دربار مدینس منز

☆ ڈٕگی وچھ رفیع آباد، ورمُل

زاتھہ ہیوٚک نہٕ یمن گوٗھی تھےٕ درمان حکیمن نِش
تِتھی وُچھ مےٚ بلاں کأتیاہ بیمار مدینس مژٕ

اِد گرزنہِ ژوپاسے لگی، انسأنیتُکی آگر
سَپدییہِ گوڈنی قأیم، معیار مدینس مژٕ

سردار عرب عجمُک، محبوٗبِ خدا مُرسل
نُنی پأٹھی دِواں اُمتس دیدار مدینس مژٕ

چھُکھ کیٛازِ براں پروا، میزان لگِم عَملن
خوش روز شبیٖرا چُھے غمخوار مدینس مژٕ



گلشن بدرنی ☆

# نعتِ رسولِ مقبولؐ

اُچھر والو بہ پکنے پانہٕ ڈُوٕ ہا لگوھ مدینس منز
تہٕ چشمن منز سمباٲلتھ تھاوٕ روزبہ پرٛٹھ مدینس منز

سکونچ گر نصیبس گوھ عنایت کُس کریم وٕنی تو
بِنداپرٛ بتھ طرفہٕ چھم سپدن ژٕ ساتھاہ گوھ مدینس منز

چُھ پرتو چون طرفاتن اویدی شہرن تہٕ گامن منز
ییمیک آگر وُچھکھ پانے چھِ اکھ اکھ رژھ مدینس منز

ژٕسِتھ عاشق یِوان ساری بے پرٛٹھ دُنیا بساوِتھ پوٚز
چھےٚ ابدی زندگی ہنز سَتھ لگان پوٚز مرٛھ مدینس منز



☆ بدرن، ماگام، کشمیر

فیاض احمد دِلکیپر☆

# نعت

چھُکھ ژٕ نۄرٕ ے نۄر تاباں یا رسولؐ
دون جہانن چون احسان یا رسولؐ

چھُکھ امام الانبیاء محبوبِ رب
چھُکھ ژٕ فخرِ نوعِ انسان یارسولؐ

روز و شب رحمت چھےٚ جاٗری عالمس
سارِنے پیٹھ چھُکھ مہربان یارسولؐ

نۄرٕ چانے چھے قیامِ کاینات
عرشہٕ پیٹھہٕ فرشس چُھ تاباں یارسولؐ

☆

راحتاہ وُچھ کاینٲتن چانہٕ ہستی
آدمیت اُس حٲران یا رسولؐ

تُسی ونان پٔزی پأٹھی مومن باخدا
آسہِ لیس بس چون ایقان یارسولؐ

انبیاء حوٗر و مَلک ، جن و بشر
یم چھِ سأری زیرِ فرمان یارسولؐ

سایہِ چانے رحمتُک ژھاران اُسی
مرد و زن ، پیر و جوان یارسولؐ

کر تہٕ دِلگیرَس ژٕ ونی نظرِ کرم
نعت چاٲنی روزِ لیکھان یا رسولؐ



فاروق نازکی☆

# پانٕسے راہی پانٕسے ماٹھ

پروفیسر رحمان راہیؔ صأبس ییلہِ گیان پیٹھ ابوارڈ دِنہٕ آو، أتھۍ موقس پیٹھ آیہِ یہِ نظم بارسس۔ اَتھ منٛز چھِ مے راہیؔ صأبنۍ لفظیات تہٕ اصطلاح پننۍ پأٹھۍ ورتاوِنہٕ تہٕ اکھ نوٚو معنہِ پأدِ کرنٕچ کوٚشش کٔرمٕژ۔ (فاروق نازکی)

لوٕ پھیر بن اوس مالہٕ کراں درویشا صُبٕحۍ باغس منٛز
امہِ پتہٕ ڈیوٚ ٹھُم گُلۍ لٔنجہِ ستمن کن تھأوِتھ کٔیاہ تانٛ سوچان
پُرژھمس "کتھ ستمن چھِو آوٕرۍ"؟......
اوٕر ووٚنُن "پھِسرا ین منٛز
بوزمٕژ چھس گِلہِ ٹوٚر بن ہٕندِ پھوٚلنٕچ ٹسرائے"

دوہہ اکہِ حأرت خانس منٛز اوس

☆ شیوپورہ بٹوارہ، سرینگر

صُبحہ ہواوَس لوٗنچہٕ لمان
واوِ رِنگاہؤ ژھ کستام نازلہِ رنگہٕ منٛزٕ لِس اُج زیر
بالہِ ہبڈٕ رِہیٔ شُراوس اند گُن پھرٛ ستن ستی بِگندان
یاہؤ کوترجؤ ریاہ ڈبہ پیٹھ تو ژھ رلاوِتھ اُس
چلے کلانن تھپہٕ اوس اوٗ نمُت تاپہ دوہا کتہِ تام......
چھِٹہٕ پھبرنس، ووزِلس چھِٹہِ پھبرنس ووشلُن پڑ یڈان اوس
دارِنبر اُس مسوَل ترٛ اوِتھ زُلفن ہنٛز زنجٲری
منٛز آنگن اُسی حسرت کأتیاہ ڈٲری گُنڈِی گُنڈی ونوان......؟؟
ڈیڈ برَس پیٹھ توقہ ژھاران نظرَ ن ہُند خأرات
منٛز ڈلہِ سونہٕ سنٛزِ بالا دریٖ پیٹھ زُنہٕ گاشن دیُت تھکھ
لدٕ رِ مال سٔدرِ کھوٗ ہأنگنی پھُرٛم
امہِ منٛزٕ سرِ گوم لال
سرٕ دِ شُہُل برآب مے ڈیؤٹھُم کیاہ کوٗ رنس بےتاب
ترِ پچہِ صبرَس گیہ دامانس، اِدٕ ناسارؤ دُم پانس تام

پھُلیہ پھبرَن ییلہِ لوگ بہارَن
شُری پنگتھا اُس پنہٕ داوَن منٛز، ؤتھرن مالہٕ کران
یمنہٕ ستی اوس رأ ہی سوٗ مبران پھولِنی پھولِنی شعر

پتہٕ اِڈ ہی تھرِ ژھایہِ یتھ اوس موخٕتس مالہٕ کران
ہلمو ہلمو لعلِ بدخشاں لفظن ہُنٛد ورتاو
تمثیلن پأراو......
زُنہٕ گاشس منٛزٕ ناو......
گُل روین چکہٕ چاو......
وصلٕک معنہِ پزٕ ژھیٛوٚمس اکہِ دوہ
دۄ پنٕنم بوزتھاوکن
دوہ اکہِ آدن باوٕجس یتھیٚن مےٚ تہِ لۄٚگ شامن داو
رویس یس انہار گلاب، منٛزٕ مرِ چشمن مد
سینس پٮ۪ٹھ اُہم ژھوہ ماران زنتے وُہہ وٕنی ند
گمہٕ ئریٚ ڈبکہٕ اوس حبہٕ وبسراوان، بدنس اُ یسس ریٚہہ
کِلگر پھُلےٚ اُس مُشک ژھٹان زن پزٕانہِ شرانٛجٕ تیٚہہ
رنٛگہٕ رنٛگہٕ بدنس زکھمکھ زوتاں، وُزملہٕ زن بردوش
پنٛجرٕ بربوٚ کنی زٕ ۄن اژاں اُس لبہِ پٮ۪ٹھ وہران پوش
سَر بنداٚتھی منٛزٕ یامتھ یلہٕ گوٚ وروپہ رۄ دس اُنٛج ژری
سُہلابن نیوٚ سورٕ ےٚ ڈٕہِتھ، کدل تہٕ بنٛد کنیوٚ ٹھری
بشاندس پٮ۪ٹھ "نوروزِ صبا" اُس مُشکنی دار ژھٹان
صیٚنٛج لوٕ اُس برگِ گولابن کانٛچ گرٕ دچھلان

حأرت خانس منز برٛ تڑ ؤ پرِ تھ
ڈیٚوٗ ٹھم دوہ اکہِ، پُز ژھمس حال
دؤ پمس زندگی ؟؟
دؤ پنم مس کأستھ بڈ، تنہا، چشمو رؤ ستے، بزمچہِ گلِس تل زألتھ ژونگ
پیوٗ شاہ ٹھہرِ تھ پتہٕ بیٚیہِ پُز ژھمس......؟
''زندگی......''
أچھ مؤرن دِتھ، وُٹھ کملأ وِتھ لوٚت لوٚت وؤنم
''نازل، مسول، مأری منزٕ اکھ، مس چھو را اکھ، جامہٕ رنگان
چھو وونیا یُس مأنزِ اتھس پیٹھ عطرِ ٹیوٗ کا اکھ ترٛ اوِتھ گوٚو

دوہ اکہِ ڈیٚوٗ ٹھم
کشپ ریشی ہنز کھز اوالأ گتھ، تلہٕ سڑکو پیٚٹھی پھیران اوس
پکہٕ ڈنڈِ پیٹھی پوٚک وتنہِ گرِس پیٹھ پھمبہٕ دوگلا ہیوٗ شُر
ہأر تچھان اُس بس اڈٕ کس کنکریٹ پشس زن مورس منز
پاتالس منز اوس جل اُدیو، دم پھُٹے گوٚمت دگ ژالان

حأرت خانس منز برتڑ ؤ پرِ تھ
دوہ اکہِ ڈیٚوٗ ٹھم نیم شبس منز

پکنی ژھایہِ دِواں گتھ گتھ

انہِ گٹہِ اَنس بۄ وۄنہہ کنہِ ژھاران ظلماتس اندر بۄ ر

حاَرت تمۍ سُند موتمن لفظن ید بیضاع ہاوان

اَتھرِ کھۍمواَس یوسہِ یوسہِ تشبیہہ تتھ گۄ ونۍ بیدار

مشرَ پھِ کمین ہنرَن منز ژِہۍ اَسی تمہٕ زن لُج گزبکھ

ناگہِ جو یاہش بالہِ غزل ۄ ژھ شارت چھکراوان

مےٚ تتہِ یَتھ دِلہِ کس دِوری وَنس منز ہنگہِ منگہِ پھۄل سنگلاب

حاَرت تمۍ سُند محفل محفل، خلوت درشاوان

پاۄ ژبل تمۍ سُند ڈیشتھ گےٚ کم کم کتھ گری گلی

تمۍ سِندِ آلوِ با من نیران، کُکلہِ کران یاہُو

تمۍ سُند دۄپ ییٚلہِ گہوَچہِ کھورُ کھ، سونہِ سیر بن گےٚ ڈیر

بڈِہٹہِ ییٚلہِ تمۍ باَتھ گبوٗن ہیوٚت

بالن الہِ الہِ ژاو

شعرن منز سوژل وَہراَوِن

لفظن لوٗگ سہہ دژاو



بشر بشیر☆

# ڈائری...... ترٛے منی پوٗری نظمہٕ

مُلکہٕ چن شمال مشرقی ریاستن ہٕندِس ادبی دورس دوران سپُد مےٚ منی پورچہِ راز دانہٕ اِمپھالس منٛز ہتہٕ چن اہم ادبی شخصیٔون ستیٚ ملاقات۔ یمن منٛز شہزادی بنودنی دیوی، رتن تھیام، یملمبم اِبو مچا، اَرمبم اونگبی میچولی وغارٕ شامل اٰسی۔ کینٛہہ ادبی نِشستہٕ تہِ سپٕز تہٕ واریاہ ہندی تخلیق تہٕ تہٕندی ترجمہٕ تہِ بوٗزی۔ اِمپھال ہوٰایی اڈس پیٹھ اوس استقبالہٕ خاطرٕ اکھ سیٚو دساد تہٕ پُرخلوص شخصاہ تہٕ۔ کینٛہہ گانٹن اوس مےٚ ذہنس منٛز زِ یہِ آسہِ کُنہِ ادبی یا سرکاری اِدارٕ طرفہٕ اسہٕ وتہٕ ہاوُک مقرر کرنہٕ آمُت۔ ناو اوس سرت چند تھیام۔ پننس تعارفس منٛز ووٗن تمی زِ یہِ چھس منی پور سرکارکس آبپاشی تہٕ فلڈ کنٹرول محکمس منٛز کٲم کران۔

منی پورٕ پیٹھٕ میگھالیہ روانہٕ سپدنہٕ کِہ دوہہ دیُت تمی مےٚ یہِ وٕنتھ پنٕہ نین پانٛژن شین نظمن ہُند انگریزی ترجمہٕ زِ ہرگاہ خوش کری تہٕ پننہٕ زبٲنی منٛز پھِری زبکھ۔ ظٲہر چھُ زِ ترجمہٕ کوتاہ تہِ جان اُسن تخلیقی توٗژھ چھےٚ ضروٗر کم گوھان۔ پتہٕ ییلہٕ ترجمک ترجمہٕ آسہِ تتہِ چھس بیٚیہٕ ہن تہِ فرق پیوان۔ منی پورکس رٔتس شاعر، پُرخلوص، مہمان نواز تہٕ جان انسان سرت چند تھیام نین ترٛن نظمن ہُند کاشُر ترجمہٕ چھُ پیش۔

---

☆ شاہ انور کالونی حیدر پورہ بائی پاس، سرینگر

منی پوٚژی نظم

اصل: سرت چند تھیام
کأشُر ترجمہٕ: بشٓر بشیر☆

# بیٚنٛز

یہِ روٗد چھنہٕ وُنہِ تھپھے ٹلان
مَہ نیر نبر ......میأنی بیٚنٛز

صرف اکھ نٮ۪ہہ دزاو، پوٚت منٛدِ نیک
یُس ووٚنی پیٚتھی پٮ۪ٹھ مِٹیو مُت چُھ
زِیہِ روزِ ووٚنی رأژ ہتی یَس ہتی مس میٖل چھس
یہِ پچھے نہٕ ووں سُہ منٛدِ یُن یُس ژٕ نے پَے چھے

بیٚنٛز ......یہِ چھٕتر تہِ کتھ لگی
ژہلکھ نہٕ امہِ ہتی ژھبدُن گٔرِتھ
رُدِ پھیر بو نِشہِ پٔنٛنِس پانس
ژٕ نے بوٗزِتھ نایہِ آواز

پژ بتھ گرٕس منٛز چھےٚ وۄژ راٹھ
ہانٛڈِ گامتمن شُر بن ہنٛز
ییٚنٛز ...... پنٕنہٕ نیر کھ
یَتھ ہمون وۄنی رُدِ شرٛانہِ وسنہِ
مَہ نیر! ییٚنٛز
پنٕنہٕ نیرَ کھ
ۄ چھ ییٚنٛز ۄ چھ
پژ بتھ آنگن چھُ بنیو مُت
منگرک کنٛمی !

ییٚنٛز ...... بہٕ دِمےَ نہٕ نیرنہٕ
پژ بتھ سرٛکہِ چھُ گرٛزوۄ تھمُت
زر پاوَن واجنہِ یوٗٹن ہنٛزِ ٹھسر لیہِ ستیٚ
ییٚنٛز ...... یہٕ ژۄرِ گرٕس منٛز
پنٕنہٕ ہرگزتہِ نیرَ کھ

☆☆

اصل: سرت چند تھیام
کاشُر ترجمہٕ: بشؔر بشیر

# الفاظ

فِضہس اوس واہ واہ ستی گژ بز وۄتھمُت
لُکو آسہٕ کژ بکہٕ دِژمژٕ
ژَرِ پیمِن اوس وۄتھمُت گژ بز
گلزؔارنِس أکِس أکِس لفظس پٮ۪ٹھ
جاویدؔ اخترنہٕ پژ بتھ کتھِ پٮ۪ٹھ
پژ بتھ کانٛہہ زن اوس پرٕ وۄتھمُت
مرگن تہٕ نٮ۪ین گن
وتن تہٕ سڑکن پٮ۪ٹھ سُلہِ، شامس تہٕ راتھ کٮ۪ٛت
رۄ دِس، تاپس تہٕ زُنہٕ گاشس منز
پژ بتھ اکھ اوس توٗ رمُت
دٔریاون، جھیلن تہٕ سٔدرن
پژ ژھنے أسی کھٔتی مٕتی ژبتہٕ وُترٕ چن ناون

بنیہ اُس وول ژھوپہ گُمو
ییلہِ شفیع شوقنۍ أکی أکی لفظن تم پۍ اُسی وألی ہتی

ڈینہِ مٔژی اُسی تم بالن ترٔان
شینچہِ تاپچہ جنّچھِ پچھِ مژ

بنیہِ اوس وونۍ پژ بتھ کأنسہِ ہیٚو رگن وُچھن ہیٚو تمُت
ییلہِ نیل منی پھۆکن اُ پشدی أکی أکی لفظن تم پۍ وألی
دون دِلن ہنژِ بتھی لاگیہِ مٔژی تمن مژ یم یکُت گرِتھ اُسی رۆ ددۍ ہتی

باسان اوس زِ پھاس چھُ پیٚوُمُت
ییلہِ أکی أکی لفظن تم پۍ وألی

زیوٚٹھ پھژ اتھ
باسان اوس کھۆل تہِ گۆمُت
لفظو ستی کھیہِ پُروَن وألی
یم لفظن ہکن مُناسب ورتأوِتھ
چھ وونۍ وولسنہِ بتھ ژھأنڈ دِوان



اصل: سرت چند تھیام
کأشُر ترجمہٕ: بشؔر بشیر

# افریقہ

پُتھرِس پھٕز اٹھ گُمتی
کھٔلی بٔڈی پھٕز اٹھ
ییٚتہِ واریاہ پاد پھسیمتی
تہٕ واریاہ پھُٹٕمتی آسی

شُری یم دَوِآئتی
گأنٹہِ بیٚار بن وُڑناوان
پھُٹی پھٕز اٹن منٛز
تہٕ وَدَن با کہٕ بٔزِتھ
لُج گرٕ بدن تہٕ کاون چھگ

اڑٕ پھلہِ یاونٛچہِ مسوٗلہٕ آسہٕ

پٕنٛز پلوٗ ژٹنہٕ پتہٕ
تِمنٕے ژاپان زوٗن ٹاس کڈان
تِم اُسی ہٮ۪ور ٹُن آرٕ گو ونظرو وُ چھان
تِمن جہازن یِم ہیٛری۔کنٛی گتھ اُسی کران
یِمن نہٕ کُنہِ تانس سوسرایی، اُسی زوٗبچر اوان
کھچن ہٕنزٕ کھنٛجہِ لٔوکھ
میٛا دن چارٕ ژٹتھ دگ وبتر اوان
تہٕ پیٛاران زِہیر تژ اون
بم یا کھبنہٕ چیٛزن ہٕنٛدی ٹھیلہٕ

پٕنٛی کن مؤلہٕ کڈان
تِمن ژاپھ دِوان
تہٕ مزٕ ٹُلان
نوجوان
اِستادٕ چھو کن منٛز
پژ بتھ پاسہٕ پھژ اٹن

گژ ٹوٗر ڈس زبوٗ کھبنہٕ باپتھ شور کران

چأ کی گُوِھتھ پھٕٹ پھٕٹ نیران
افریقہٕ کِس وُٕسی پٔتھرِس پیٹھ
پھرأڈ گوھن بٕند
لاشوٕ ستی



گلشن مجید☆

# ........سٕنٛدِ ناوٕ

کمہِ کمہِ ناوٕ مےٚ ژھارکھوَن کتہِ ژھارکھ مےٚ
زٕ ن ییٚی کشکول پٔتھ ہتھ کیاہ دِیہ ہس
تاپھ اژی یوٚت برنہِ تہٕ وَن کتھ شایہ درَکھ
زٕ رِس پٔتھ ییلہِ ژوٹ کرِ ژاُ نگِس ژھایٚت کانٛہہ
برنہِ ڈکھِس ییلہِ اندیشن ہندی تاٗرِی وٕچھکھ

لبہِ تلٕ بے مطلب ہیٚو راوی تاپٕل ژٕیُہہ
کوچہِ گلِس پٔتھ روٗٹہِ گمہٕ کمہِ تظرِ ژلگھ
ہی ییلہِ شامس تن مُشکاوی کیاہ ژالکھ
دارِ ہنگس پٔتھ جل زن بوبی، کورللکھ

سرِ شامےَ گُٹھ ترٛ ؤپرِتھ روزی تنہاٗیی
پژ بتھ ڈلِتس مژ بے ڈلتے پانس باسکھ

أڠد رݮ ݙ ہان آسہِ وأل نیئریِ کنز یخ باسکھ
بند قلا یاہ آسکھ أڠد ری أڠد رݮ ژسکھ

پڑ ژھہے زن بُترات تۂ کوٚت پاتال وَسکھ
أنۂ اگر کاڻہہ ہاوی پانس بدل للکھ



نظم

رتن لال جوہر☆

# باوتھ

اکھ نظر
بس اکھ نظر کٔرمَس تہٕ وۄنَم
چانہِ وُچھنٕک میوتول کٔری کٔری چھُ باسان
ژٕ نے چھے نظرن عذاب
گاٹٕہتِ وٕنِسی بسیار خاب
ارمان ٹٕیتِھ
ٹاربن اندر پژھ بنٕ پژھ ہٕنزِ ژھاپنِھ تل
گومُت ژٕ نے چھے سونچس کرٕ وپُس

دارِ تل شہمار ہیوٗ ژھوٗپ زاگ ہٕتھ
درواز کنِہ رَخ کٔرِتھ انسانہٕ سُند
وق بنیوٗ مُت کال

☆ ہاؤس نمبر 37 لین 1 بلاک B روپ نگر انکلیو، جموں

کالس کیٛاہ جواب
پھیکہِ ٹُلنٕز پیٚیہِ لاش وتھرن ہٕش پٕنٕز
تہٕ روزُن لأنہِ منٛز
دوٕ أخری رسمن تہِ پتہٕ پییہِ وأری زانٛہہ......



محمد زمان آزردہ☆

# غزل

پٔتُن آیُت مےٚ دیُت ییٚلہِ غأر زانس
چھوٚنٔے روٗدُس ژٕچھاں بس آسمانس

یمو زنجیٖرِ کرِ ییٚتہِ پأنٕ پانس
تمےٚ آزاد روٗدی مژٕ جہانس

یمےٚ رہبر بنأوِکھ سأد گٔژرِکھ
تمےٚ گٔے ڈاکہٕ ترٛأوِتھ کاروانس

ژٕکرمٕژ دُشمنن گٔیہِ پأنٕ پانس
پٔژٕ کٔژ آب کھارٕنوٚکھ آسمانس

طمع اوٗسُم زِ کرٕ ہا سیرٕ دنیا
بہٕ لوٗگُس لأژ ژٕچھ کتھ وأژ وانس

☆ حسن آباد رعناواری، سرینگر

یمَے پُژناں چھِ پوشن، باغ نُہناں
تمَے رزٕ گز کران چھی باغوانس

یمو اخبار کڈی دستار وآلِکھ
تمَے ہیوٚر گُن ہِتھ دیوان خانس

دپان اوزُرٕد اوسُے رات دوہ تس
بچُن یوٚد چھے ژٕ گوہ کر گژھ زمانس



رخسانہ جبین☆

# غزل

ژۄرِ دۄہنم چھُ آفتاب تھوٗن
دون أچھن منز کھٲژتھ یہِ خاب تھوٗن

لٲے تن کٔنی نٲلِس تہٕ نوٚٹ پھُٹِتن
اسہِ چھُ اِستادٕ ووٚنی یہِ آب تھوٗن

ءنہٕ تھوٕہو نہٕ أسی گرس اندر
تیٚلہِ چھُ بُتھ پاءٕسے خراب تھوٗن

مشرُک چھُم خیال وبسراوان
گوٚژھ نہٕ گوءنہَن خدا حساب تھوٗن

☆ ریڈیو کشمیر، سرینگر

گرٕد وٕتھ چھےٚ جان وَتھراوٕنۍ
پأنۍ پانس یِہ گوٚو عذاب تھوٗن

سوٗزۍتن چِھہِ اندر سُہ کأتیاہ گٔنڈۍ
عطرِ ہِتمن لیکھِتھ جواب تھوٗن



شوکت انصاری☆

# غزل

دِل اگر نَے آسہٕ ہن لوٕلکو امارس ستی ستی
روزٕ ہن ما سوئتہٕ بُلبُل تیٚلہِ بہارس ستی ستی

آسہِ ہے مازٕن تامتھ رأژ کیُت ژھاین کھوژاں
بِرگی یہِ سَتھ چھس ژھایہِ روٗزتھ ماہ پارس ستی ستی

بِتدرِ زوٗل ییٚمہِ کاینا تس ناوکوٚر چھس نا خبر
بے قرأری باگہِ آمٕژ تَتھ قرارس ستی ستی

یَتھ نہٕ اند آسی ژٕ وَنتم تَتھ انٛدس کوٗنہہ ناو دِکھ
راونٛک تیٚول وأنسہِ وادن بے شُمارس ستی ستی

☆ نواب باغ باغوان پورہ، لال بازار، سرینگر

ژونگ روشن فکرِ ہُنْد چھُم سۆنچہٕ کس شہرس اندر
زندگی گُزراں خیالن تٔتھی گُزارس ءستی ءستی

مۆر چھُ میٖوٕ ہُنْد آدمس ازلے چھُ سأمتھ تتھ ہوا
ژھانٹھ وأءتھ لتس پیوٗاں دِنٕی نٔر چھُ نارس ءستی ءستی

لولہٕ سقراطن چُھ باساں میٖوٗٹھ اُستھ ٹیٖوٗٹھ زہر
شوقہٕ مُتی تھاواں چھِ گردن پانہٕ دارس ءستی ءستی

روزِ تٔمی سُنْد ناو شوکتؔ اَلہِ عارق نب سپُن
اۆبرٕ لٔنگی گۓ چشمہٕ ہأرِتھ تٔتھی غُبارس ءستی ءستی



فیاض تِلگامی☆

# غزل

چانٕہ خوشبوٗ دار کلامن
داد دِواں چھس صُحمن شامن

تتھ گامس چھنہٕ جورَے وٕنی زبس
بہٕ تہِ ہے پھیوٗرس کأتِھن گامن

مےٚ تہِ چھہِ رٕنیمُو ہَن ہَن شاید
ژٕ تہِ نہٕ سنیوٗمُت پَتمِن جامن

لیکھِ بہٕ کوتاہ کیاہ کیاہ دیُت ہَم
فرصت چھا گژھنٕد کرِ اِلزامن

☆ تلگام پٹن، ورمُل

از تہٕ خطس منٛز اوٗسن لیٛوکھمٕت
بادم وارِ تہٕ پھولہٕ نا بامن

یاد ژٕ پیٚوہَم شرٛونٛی گوٚو قلمس
اچھرَ و جوٚر غزلس رونہِ دامن

نوِ کمرٕ چہٕ المارِ چھےٚ مُشکاں
تہہ مُو راآوِتھ پڑانٛمن نامن

وَق چھنہٕ زیٛو دِمہٕ ہا اظہارس
نتہٕ چھِ فیاضسؔ سوے مَنہِ کامن



شہنازؔ رشید☆

# غزل

انہِ گٲمِتس منزٕ مےٚ وُچھم جلوٕ جمالُک ،اللہ!
شہرِ اہریزٕ وُچھم خاب گولاٮ۪ک، اللہ!

دود کس باوٕ ، یُسے نظرِ گوھاں چھم، تُمی سے
گژھکھ چھےٚ خوٗنس تہٕ أچھن قطرٕ نہٕ آٮ۪ک، اللہ!

لولہٕ کٔمن سرٕوقدن پٮ۪ٹھ چھِ چلاں آرٕ دوہے
قد اَکےٚ موٗٹھ چُھ موشِتھ مُت ووٚل امارُک، اللہ!

شاخِ زیتوٗن مےٚ یُس باسہِ دَواں سوئے گُن
پےٚ پتاہ ونتہٕ تمی گردِ غُبارُک، اللہ!

---

☆ نوپورہ کلان،سوپور

أسؠ ونس منز چھِ بساں شہرٕ نبر واراہ دۄر
یۄت کتھ پٹھ چُھ لُکن خوف یہِ شامٕک، اللہ!

بوزتم ژٕ ے، چُھ وناں کیٛاہ یہِ بےٚ بس دستِ سوال
کانٛہہ جوابٕے نہٕ دِواں میٛانہِ سوالُک، اللہ!



ناصر منوّر☆

# غزل

لچھِ بزٕ تاپہٕ وڈٕر چھِم دِلہٕ کِس شِہلِس ڈکھ
زنم زنم لگۍ رأژ أکِس چھپہٕ کیٛاہ وبترکھ

میٛانِن تحریرن ہٕنٛدی سُرٕنٛزٕ یۄد ژٕ تچھکھ
اڈٕگری مڈٕگری تصویرن ہٕنٛدی آنہٕ لبکھ

چھاواں چھُس صحراون منٛز خوشبویہِ ہوا
گلشن گلشن چون چھُ ہرڈُک سٕخ لاشکھ

سر تا پا چھُس تنہاأیی ہُنٛد عالم ہیوٗ
کم تاں جلوٕ چھِ اسمانس میٛأنِس تارکھ

سونہٕ ہٕری حرفو دِلہٕ کِس کاکد ورقس پیٹھ
چانِن گٹہٕ زٕلی خابن ہٕنٛدی تعبیٖر لبکھکھ

اچھرس اچھرس مالہٕ کرہم پن پن وأٹھم
نأصر کتھٕ گٕنٛز پرٕژنوُم یا یِکھ تہٕ وُچھکھ

☆☆

---

☆ یاری پورہ، کولگام

زاہد مختار☆

# غزل

تار کھ نب چھم پانس ناٲلی، ژٕ تہِ پانس اِدٕ بہٕ تہِ پانس

ووٚنی ڈٔ دِیٚ لنجہِ پیٹھ کوتر آلی، ژٕ تہِ پانس اِدٕ بہٕ تہِ پانس

کنہِ کنہ کوٚر ہَمس پزٕ رَس پیٹھ وِزِ وِزِ پَنٕنو گامس مٔژ

یِتہِ چھم چانی لوٚچ ڈٲلی، ژٕ تہِ پانس اِدٕ بہٕ تہِ پانس

ساتھاہ اسہِ اوس یوٚت تامتھ، اسُنہِ ہوٚنجہِ ووٚنی دِتہٕ رخصت

بێیہِ ماسمکھو ٲسی زانہہ کاٲلی، ژٕ تہِ پانس اِدٕ بہٕ تہِ پانس

عرضی میانے کا کدٕ کێمی لول بران ٲسی ژٔ یے تہِ وٕ چھتھاہ

خابس ماگژِھ کینہہ یێتہِ خاٲلی، ژٕ تہِ پانس اِدٕ بہٕ تہِ پانس

ٲسی بیٹھی تمہِ دوہہ کھورن تل تس نِش یِکوٹہٕ کلہٕ نوٚمرِتھ

ییٚلہِ کوٚر دوبہِ خاراہ اسہِ ماٲلی، ژٕ تہِ پانس اِدٕ بہٕ تہِ پانس



☆ نئی بستی اسلام آباد، کشمیر

محمد یوسف دلبرؔ☆

# طرحی غزل

گنٔے یَم کل وِوٕزلی جامَے ؤلِتھ آس
گِنٛدو تارکھ نَبس شامن ڈٔلِتھ آس

چھکان اوس مُشکہٕ ادفر یارِ جانان
امی مٔز اکھ رژھا بُتھی ہے مٔلِتھ آس

وُچھم یامَتھ تسُنٛد روے شاد سپدُس
ژٔلم غم دأدی جگرٕکی از بٔلِتھ آس

نِوان اوس ژھالہٕ ہرٕنٛی ڈالہٕ دی دی
لٔبِتھ روُم توَے واپس ژٔلِتھ آس

☆ کاترسو،کولگام

ششُر گۆل یام پرتَو تژوو سوٗنتن
خدا شاہد بہٕ ہر گُلشن پھٲلِتھ آس

ژٕ نے چھیٚنۍ از میٲنۍ دعوت بالہٕ یارو
بہٕ کوتر گگرلہٕ مازاہ وُنۍ تٲلِتھ آس

بہٕ وُہہٕ وُن نار کیاہ دَزٕوُنۍ بہٕ منکل
بہارٕنۍ تاپہٕ زن شینۍ گلِتھ آس

ژٕ نے تھاوِتھ ٹھرٕ وتن اِدٕ توتہٕ کیاہ گۆو
توَے غاٲرن نشے رازٕ ے ڈٲلِتھ آس

ژٕ پرٕ سورة مُزمّل شوقہٕ دِلبر
مےٚ کۆر دسپاک وُنۍ بُتھ چھٲلِتھ آس



رمضان فردوسی☆

# غزل

مےٚ باسان ازتہِ ماپٕییہِ ووٚنی أچھو کنٕز خونِ دِل ہارُن
نکھس پیٹھ ٹھیلِو ہتھ عُریان ییٚیہِ ننہٕ وور آز لارُن

روٗ چھم ،خونِ جگر دتُمس مےٚ گرمس رأچھ شمہکی پأٹھی
شٕچھا واون تہِ از وٕنَم سہٕ ماپٕییہِ بالہٕ ہٕتی گارُن

گُمتی گلو زری قمری کستوٗری تہٕ کاون ٹاوتاں موٗ ٹھمُت
سبٹھاہ مشکل گُلن منز ازووں بُلبُل بولہٕ وٗن ژھارُن

بہٕ آیوس آش ہتھ ڈلِی زبس دیتُن ماساووں کیاہ کرٕ ہوس
دپان ییٚتہِ گنٕڈی لگن پانس چُھ کتھ پیٹھ ٹلی ہلم دارُن

سبٹھاہ کوٗرمس مےٚ ازتامتھ تُمس ماتوگ زہٕنہے بوزُن
ژےٚ کیاہ مطلب ووں فردوسی چُھ کتھ پیٹھ پان ٹلی مارُن

☆ واگورہ، ورمُل

محمد اشرف بیباکؔ☆

# غزل

راتھ دوہ چھُس انتظارس کر تیم
دِل مےٚ پییہٕ ہے نا قرارس کر تیم

پوشہِ موٚت روٗشتھ مےٚ گوٚو ووٗنی کیاہ کرَس
چھُس بہٕ پڑاران ییٚتھ شہارَس کر تیم

مُشکِ ادفر چھےٚ گُلن ییٚتہٕ چانہِ ستیٚ
زیر و بم لگہِ ہے بہارس کر تیم

مارٕ مُتیٚ سیکہِ لبن پٮ۪تھ پھولرأوی گُلابِ
تاو آمُت سبزٕ زارس کر تیم

☆ پلوامہ کشمیر

واوٕ وٕنس میون رۆٹھَم کیاہ ملال
گُل مےٚ پھولہٕ ہن عشقہٕ نارس کر تیٚم

لول تُمی سُنُد سخ مےٚ آمُت چھُم دِلس
چھُس منگان پروَردِگارس کر تیٚم

ؤنی دِوان بیباکؔ نشاط و شالہٕ مار
ژھالہِ رِگنٛدٕ ہا لوکچارس کر تیٚم



تبصرٕ

تبصرٕ نگار: ڈاکٹر بشر بشیرؔ☆

# نہ ژھاے نہ عکس




کتابہٕ ہندناو: نہ ژھاے نہ عکس

مصنّفہٕ: نسیم شفائی

چھپن وری: ۲۰۰۷ء

ضخامت: ۲۰۸ صفحہٕ

مول: ۳۰۰ روپیہٕ

نسیم شفائی میٲنٛز کلاس میٹ تہٕ کُلیگ۔ نوِ کٕدلہٕ کس کورکالجس منٛز کاشرِ چ پروفیسر تہٕ ہیڈ آف دڈیپارٹمنٹ۔ سرکردٕ صحاًفی ظفر معراج صاٗبنٛز آشنٛز تہٕ عزیزالقدر شموٗہنٛز موج۔ سانہِ کاشرِ سماجِچ اکھ فرد۔ تُہٕ تہِ زاٗنیٛوٚن تہٕ بہٕ تہِ......۔

۱۹۹۹ء منٛز چھپیہٕ أمِ ہنٛز شعرٕ سوٚمبرن ''دٕرِ چہِ مُژ رتھ''۔ امہِ کتابہِ ہنٛزِ گوڈٕ کتھِ منٛز اوس نسیمن لیوٚکھمُت زِ ''کاشرِ زنانہِ ہنٛز زندگی روٗز صدیَین اکھ ترٛوپرِتھ کوٗٹھر یَتھ منٛز اِسبنٛد دزان تہٕ دٕہہ سمان روٗد۔ دٕہہِ ستیٚ ووٛتھأ چھن تٕر

تہٕ تہٕ أش پھیرِی تہٕ شرٛ تہٕ داماٛنس لوتی۔ گنہٕ گنہٕ گیہٕ نیٚبرِی کنٛز تہٕ کائنسہٕ کئن ژسراے......تہٕ بس"۔

اَتھ شعرِ سوٚمبرنہٕ متعلق اُس اکثرن ہندی پأٹھی میأنی تہٕ یہ راے زِ نسیمٕ چھےٚ لٕل دید، حبہٕ خوتوٗن تہٕ أرنہٕ مال ہشن اہم کأشرن زنانہٕ شأعرن ہنٛز روایت تہٕ بڑوٗنہہ کُن پکناوان مگر تمٕ نہٕ بلکہٕ چھےٚ أمی ہنٛز شأعری کُلہُم کأشرِس شعرِ سرمایس منٛز اکہٕ نوِ منٛزلُچ نشاندہی۔ نسیم نہٕ وَننہٕ کنٛز اُس تمسنٛز گوڈنیچ شعرِ سوٚمبرن "بنٛد کوٗٹھرِ ڈرِی چھےٕ مُوٗراوان پٕنن اوٗند پوٚک بدِ کڈنچ تہٕ پنُن ووٗنٛد باوٕنچ اکھ (تمسنٛدِ وَننہٕ کنٛز) پزٕ ہے رتہٕ ہے کوٗشش"۔ أتھی منٛز اُس امہٕ وٕتھہٕ پھسرایہٕ ہنٛدِ اندازٕ یہٕ کتھہٕ ہن تہٕ وٗنی ہوٗ زِ کیاہ تعجب چھُ زِ کأنہہ پرن وول ژینہٕ أمی ہنٛدِس لفظِ ورتاوس منٛز خاصہٕ پأٹھی أمی ہنٛز ہم کال نسوأنی حبسا گہی۔ پتہٕ اوٗسن ووٗنمت "تہٕ ہرگاہ تہٕ سپٕد۔ بوٗ زِوےٚ دزٕ اوِ دِل تہٕ مےٚ کوٚڈ دوٗیم قدم"۔ اکہٕ انٛدِ ہرگاہ وُچھو پھیرأنی چھُم زِ اسہٕ کیا زِ ژہنی سو ہمکال نسوأنی حبسا گہی۔ مگر چارٕ تہٕ کیاہ اوس، ذِہن تہٕ کوتاہ بنٛد تھاوٕ ہو۔ سو ہمکال حبسا گہی اُس عیاں۔ ووٗن گوٚو نسیمٕ نِ یہ دوٗیم قدم اکھ بتھی پھیرُ چیلنج۔ ڈرِی چھےٕ مُوٗرِتھہ یوٗ ژھ نسیمن یاوٗنو کأشرِ زنانہٕ انہٕ گٕٹ کوٗٹھرِ منٛزٕ ے روٗزِتھ اکہٕ لیہٕ کنٛز نیٚبرِمس دُنیا ہس نظراہ کرٕنی۔ پتہٕ چھُ اکھ اتفاق زِ کأشرِ ادبہٕ کہٕ ویٚدِ تواریخ کئین پتمین ششن ہتن وٕرِین منٛز وٗژھ اتہٕ دوٗیہ ہتہٕ وٕہرِی اکھ اکھٕ ٹھٕز تہٕ ویٚزٕ آواز مگر یمن سارِنٕے آوازن ہُنٛد لوٗگ لون اوس یتہٕ بُنیأدی مزاجٕ کنٛز سوٚت تہٕ سوی۔ ژوِ دأہمہٕ صدی منٛز ووٗن لٕل دیدِ:

گال گنڈی نم بول پڈی نم
ڈیڑنم تی لیس یہ رؤژے
سہز کُسمو پوٗز گری نم
یہ امہِ لاٗنی تہٕ کس کیاہ موٗژے

تس پتہٕ دوہِ ہتہٕ وٕہری اُس مےٚ اتہِ حبہٕ خوتوٗن تیتھٕ پاٗٹھی دم پھٔٹ گوھان یوٗ زہِ مٕہ زِسو اُس پننہِ کُنے ہِسرِ باجہِ ماجہِ تہٕ دِلِچ کتھ وَنٕنس منڈ چھتھ پتنِن امارن ہٕٹ چیر دِنس پیٹھ مجبوٗر سپز مٕہ:

دوہہٕ اکہِ رسہٕ رسہٕ ماجہِ نِش ژالیس
ظون گوم کتھٕ نَے بنہٕ چھُم پان
تس نِشہِ کتھ وننے منڈ چھالیس
باگنز آلیس گہنڈے تام

بیٚیہِ گَے برابرٕ ہتھ وٕری تہٕ اُری نہٕ مال روٗزتمِس اوش ہِنڈِس یادس منز اُنڈری دگ وبتران تہٕ للہٕ وان، یس پیٹھ سماجن تس حق اوس بخشمت:

مےٚ شوقہٕ یارٕ ہِنڈِ برٕی مس میالہٕ تہٕ آلو دِی توسے
ترِونہِ مرگہِ تہٕ وَسِونہِ بالہٕ تہٕ اُہی نی توسے
کیاہ کرٕ نیہِ نم ہرٕنہِ ژھالہٕ تہٕ آلو دِی توسے
قند تہٕ نابد برٕی مس پیالہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ نیہِ توسے
جود گوٚو عاشقن دود کتھٕ ژالہٕ تہٕ آلو دِی توسے

بیٚنہٕ زٕ ہَتھ ؤری گٔے ڈٔری چہِ اَندرٕ آیہٕ گوڈٕ سوٚے سۆت سۆت آواز:

اسہِ ووت پتہٕ وَتھ کوربن یِلی گُلہٕ میٚؤٹھ کران

للہِ اکھ بِلہٕ وٹھ حبہٕ اکھ پرچا لوٚنچہٕ گنٛڈتھ

اُتھی سۭتی ہیٚتِن کینٛہہ شِکوٕ تہٕ وۆتلنٛی۔ ڈٔری چہِ اَندرٕ مس کردارس یوسہٕ روایتھ ہنٛز وراثت باگہٕ اُس آمٕژ تمیٚک سٕہ بِلہٕ وٹھ اوس ووں آوٕ سیٚتھ مُت تہٕ نالگہٕ ہار بٔنیوٚمُت۔ تمہِ بدلہٕ اُس ووٚنی زمانٕچ Harder Rock:

ڈٔژھا پۆت زوٚنہٕ لل گن پان اوسُس

مےٚ پانس سۭتی ژزناوُن شہر اوس

بہرحال یہٕ اوس بقولِ نسیم تٔسنٛد گوڈنیُک قدم تہٕ یمہٕ اُسی ڈٔری چہِ نیٚبری، تخلیق کار نسیمس ژرژن وٲلی سِندِ خاطرٕ تسٕنٛزن ژِھچن تہٕ ژھاین ہنٛدی گٔڈ عکس تہٕ انہار۔ ازنہٕ چھےٚ کانٛہہ ژھاے تہٕ نہٕ عکس۔

مےٚ چھُنہٕ پتاہ زِ نسیم جی کتھ تناظرس منٛز چھُ پننہٕ یَتھ تازٕ کتابہٕ یہِ ناو تھووُمُت تاہم کتاب پٔرتھ آیہٕ مےٚ اَتھ ناوس پٔنٛنی پاٚٹھی یہِ برابری زِ یہٕ مضموٗن لکھن وِزِ یُس ابتداء پیٚٹھے مےٚ نسیمُن تعارُف دیُت تہٕ یوسہٕ نسیم شفائی تُہی تہٕ زٲنِیوٗن سو چھےٚ امہِ کتابہِ منٛز ووتلن واجنہٕ اصل نسیمُن عکس یا ژھاے تہٕ یہِ کتاب چھےٚ امہِ ژھایہِ تہٕ عکسہٕ ڈٔلتھ پٔنُن اکھ مُنفرد تہٕ آزادوجوٗد تسلیم کرناوان تہٕ توَے چھُنہٕ اتہِ اسہٕ سونسیم نظرِ گوھان یوسہٕ اُسی تِتھےٚ کنٛز زانان چھِن یتھ کنٛی سو اسہِ گرٕ، کالجہِ، لالچوکہٕ یا بیٚنہِ کُنہِ جایہِ سمکھتھ وَنہٕ چھےٚ یِوان۔ یہِ فٲصلہٕ کرُن آسہِ توہہِ تہٕ

میٲنی پٲٹھی سپدِہے دُشوار زِ اَسہِ کوسہٕ نسیم گژھِ زیادٕ ٹاٹھ آسنۍ ۔ یام انسان یہِ کتاب
پرِنی چھُ ہوان ژھاین تہٕ عکسن ہنز پتہٕ مو کینژو وڈی لو پیٹھ ژتہٕ ویز ساٹھی زِ زنتہٕ
ضدی یو پیٹھ زانون ۔ تسندِس ذہنس پیٹھ مُنقّش سپدی متی پرتو چھُ یہِ نوٚوے شعری
کردار نہناوِنی ہوان ۔ امہِ شایہِ چھُ انسان دُکلہ ہیوٗ گژھان ۔ شرٗعس منز چھُ یہِ
کردار پننہِ تِتھی وِہی تہٕ بڑ اُنتی کران زِ نسیمس ستی سأنی وابستگی چھےٚ اُمس نُوس
کردارس متعلق یہِ وَنَس پیٹھ تأنی آمادہ ہوان کرنی زِ بقولِ شیخ العالمؒ:

اتھِ پیٹھ ہم تہٕ کیا ے

دوٚیم مصرعہٕ لیکھ نہٕ بہٕ ووٚنی ۔ تِکیاز یوٚر کتاب پرِتھ چھُ مےٚ ووٚنی اُمس
کردارسُند الگ تہٕ آزاد وجوٗد تسلیم یُس نسیم شفائی نشہِ الگ چھُ ۔ دوشوٕنی چھےٚ پن
پننہِ جایہِ منہٕ مأنی شناخت ۔ فی الحال چھُ ووٚں سون بحث تخلیق کار نسیم شفائی متعلق
یوسہٕ کتابہِ ہندِس شرٗعس پیٹھے روایژ پٔنن حصہٕ زأنتھ تہٕ بغاوژ ہنز نٔنی کرتل ہتھ
اِدعأیی سوچس ترپچہٕ کرنس پیٹھ آمادٕ نظرِ چھےٚ گژھان:

یژ کأٹھ مےٚ سرِ کوٚ رُم پان پٔنن
زوٗنُم مےٚ چھُ چشمن گاش برُن
للہٕ موج بہٕ چھس حبہٕ خوتن بے
ووٚنی گژھ نہٕ زمانہٕ مےٚ ٹھرِ روزُن

سون یہِ شعری کردار چھُ وُچھن واُلِس یا پرَن واُلِس دعوت دِوان زِ سہ
پیٖن تہٕ وُچھِن سیٚدِ سیوٚ دتس نہٕ زِ بُل کرن واجنین ژھاین تہٕ عکسن:

''ژیپہِ شام ڈُلتھ سائنی کنٛز ؤچھکھ پانے
زِبہٕ چھَس بہٕ
نہ ژھاے نہ عکس''

نسیمنٛ نظم ''رنٛگ تہٕ میانی روے تہٕ میانی'' پران پران پیٚیہِ مے ناماوار اردوٗ شاعر ڈاکٹر اقبال صابنٛز نظم ''عورت'' یاد یوسہٕ پننہِ نوعیت کنٛز انقلابی مانہٕ چھےٚ یوان تہٕ یتھ منٛز کاینات تہٕ زندگیہِ منٛز زنانہٕ ہنٛز اہمیژ ہُنٛد شدتہٕ سان احساس چھُ ووتلاونہٕ آمُت:

وجودِ زن سے ہے تصویرِ کائنات میں رنگ
اسی کے ساز سے ہے زندگی کا سوزِ دروں

ضربِ کلیمس منٛز چھےٚ امہِ پتہٕ ''آزادیٔ نسواں'' عنوانس تحت اکھ نظم یتھ منٛز اقبال زنانہٕ ہنٛزِ بصیرژ نشے یہِ توقع چھُ کران زِ آیا مغربی تہذیبس زیرِ اثر نام نہاد آزادی یا آرائش چھاتس پسند کنہٕ تمہِ سُنٛد تھزِ بجرُک مول تہٕ فاصلہٕ دِنہٕ نشہِ چھُ سُہ پانہٕ لوٚب رؤدمُت۔ سائنی یہِ شاعر نسیم چھےٚ بلکلے اکہِ نوِ نقطہٕ نظرِ کنٛز اَتھ صوٗرتِ حالس ؤچھان تہٕ پرکھان۔ لتہِ نہ چھُ مسلہٕ آزادی ہُنٛد تہٕ نہ برابری ہُنٛد۔ نظمہِ منٛز ووتلن وول نسوانی شعری کردار چھنہٕ (Women Empowerment) کِس بدنامِ زمان نعرس تہِ ہرگز گز بزٕ تُلان۔ انسانی سوچ، تہذیب تہٕ توارٟیخُک پوٗرٕ شعوٗر رژھتھ چھُ یہِ کردار لٕلی دبد، حبہ خوتوٗن، میرا، مریم، حوا، شکتی وغاَرٕ حوالہٕ دِتھ آفاقی نسوانی شعوٗرُک اکھ جامع تصوّر ووتلاوِتھ یہِ واضح کران زِ:

بہٕ نا چھسَے نہٕ ژٕ ے ہش نہ چانہِ خابک چھاپ
ژٕ ے چھی پٔنٕن آسُن مےٚ تے وجوٗد پٔنٕن
اگر ژٕ مانہِ وَسکھ دٕوِ ے بدل ڈیشکھ
الگ چُھ زانیُن میٚون تہٕ تی ژٕ ے زانُن چھے

تہٕ بڑ وٕنہہ گُن نظمہِ منٛز:

تلا مےٚ منٛز ؤسی تھےٚ دِ وٕون مےٚ اکھ پہرا
بہٕ جِسمہِ حُسنہٕ گوٚھتھ بیٚہہ تہٕ چھس کینٛہہ ھا

نظمہِ ہٕنٛدِس آخری بندس منٛز چُھ مُخاطب کردارس وَننہٕ یِوان زِ

بہٕ زانہٕ ہی زِ ژٕ ے ووٚنتھ
زِ "بہٕ چھس بہٕ"
"نہ ژھاے......تہٕ نہ عکس"

امہِ سارے بحثہٕ منٛزٕ گژھ نہٕ یہِ معنہِ کڈنہٕ یُن زِ یہِ شعری کردار کیاہ چُھ خابِ غفلتس منٛز پیٚتھ محض باغی تہٕ سرکش یا تِمس کیاہ چُھ پانس اوٚندپوٚک سورُے پٔنٕن دُشمن باسان یا تِمس کیاہ چھنہٕ نیٚبرِ مبنی کنٛہ چھُرن ہُنٛد احساس۔ توَے تہِ چُھ یہِ نِسوانی کردار "خودکلامی" ناوِچہِ نظمہِ منٛز پانسے مخاطب سپدِتھ یہِ ونان:

طُفانہٕ مٕوی ژٕ کونہٕ چَھکھ یہِ واوِلُن سران
ڈٕلی تہِ زن یہِ پوٚ ژِلوٚنٹھ لوٚنچہِ چھا ژھبنان

تہٕ نظمہِ ہٕنٛدِس آخری بندس منٛز:

سُہ سنگتراش چھے ژنے قدمہٕ قدمہٕ ؤنی دِوان
ئلی ژٕ تِمس سمکھٕنَس وایہٕ چھکھ بران
تِمس چُھ عجب آے اَتھن جود چُھس وُزان
پھٹکھ ژٕ گر تہٕ پژانہٕ گوھکھ نورٕنو نِوان

یہِ چھےٚ کتھ از کاہِ یتھ منز یہِ کردار مُستقبلکی حسین تہٕ نوینہٕ خاب چُھ وونان مگر پتہٕ ماضی نِشہِ تُسند انحراف ما چُھ ممکن؟ ماضی یکی کرٕ یٹھی تہٕ وٕنتی تجرُبہٕ چھِ تِمس ازتہِ تلواس ٹُلان تہٕ لرزاوان۔ خوف چُھ تٕسندِ وجوٗدُک حصہٕ بنیومُت۔ ممکن چُھ بدس شعوٗرس کامہِ لاگتھ ڈالہِ سُہ پتُن ظون مگر پتھ کالکی تم لرزاون والی تہٕ جسمس کیوٗرٕ حس ألراوٕنی تصور چھِ نےٚ شونکی پاٹھی تس زبتہٕ ترٕ اُوِتھ تٔر ٹُلان۔ ''رہ کٔمِس'' نظمہِ ہنٛدِس فرشتس چُھ یہِ وُچھتھ آوٕلُن یِوان تہٕ اوٗشس دارِ لگان۔ شعری کردار چُھ تس سوال ہوان کرُن:

مےٚ دپیوٗ ویژٕ ژٕ ہ بہٕ فرِشتس زِ سُہ وَنہٕ رہ چُھ یہِ کس
سُہ وُچھم پانہٕ وسان رسہٕ رسہٕ بیٚنہٕ سٔجدس

''لرزٕ'' نظمہِ منز چُھ شعری کردار تس مجبوٗر نسواٗنی کردارس متعلق یتھ ہیوٗ فاصلہٕ دِوان تیمی سُند ماضی اُزی کینن خابن تہِ تیتھ وبُھت تہٕ کرٕوُٹھ چُھ بناوان زِ سُہ چُھ ہنٛد رِتہِ وونی کھوژان:

تس کیاہ خطا چھ تس چھےٚ پیوان ہنٛد رِ زول گھے
اُچھ وٹنہٕ بڑونہہ سُہ خاب وسان چھس اُچھن اندر

انسانہٕ سٕنز بے بسی تہٕ لاچاری یہِ ہُند انتہا چھُ تسٕنز خودسپُردگی تہٕ پزٕ بتھ گنہِ چیزس متعلق حتیٰ کہ پانس متعلق تہِ لاتعلقی آسان۔ ''وۄکھشُن'' نظمہِ ہُند واوِلُن چھُ تیُتھ شدید زِ مکانس منٛز بسن وول کردار چھُ مُنتشر حالی منٛز پزٕ بتھ چیزٕ چ بٕرانتھ ترٲوِتھ مکانہٕ کینٛن شیشہٕ پٹین، داربن، برَن، پشس حتیٰ کہِ پننین نالی پلوَن نسبت تہِ لاتعلق بنان۔ وۄنی کتھ کتھ کرِ سہ رٲچھ۔ مکانہٕ چھُ جسمٕچ علامت تہٕ روٗح اَتھ منٛز بسن وول کردار۔ مکانہٕ لۄٹہٕ ہِنٛگ یا والنہٕ ہِنٛگ تکلیف دِوٗن نظارٕ کِتھٕ ہیکہِ یہِ کردار زٲرِتھ۔ اوَے تہِ چھُ پنٕنی أچھ ٹارِتھ أچھن پیٹھ ساوان تہٕ تمن متعلق وَنان:

یِم چھِ تأبیاہ مے وَنگھ یام أچھن پیٹھ بہٕ وُسن
یِم کرَن رأچھ حیانِر نہٕ میانِوٕ نظرو
بہٕ تھوَکھ أچھ زٕ وٲتِتھ وُچھتہٕ یڑھکھ کیاہ ژٕوُچھن

مکانس یا جسمس متعلق بیٛیٛہ لاتعلقی چھے وَنٕج کتھا مگر واوِلنٕچ یِہ ہش عمل ہیکیاہ پٕزی پأٹھی یہِ کردار زٲرِتھ...... نہ...... ہرگز نہ......توَے تہِ چھُنا أخرس وَنان:

''میانہِ روٗحٕچ أوِج پنہٕ داوٕ ژٕتِتھ پزٕ أٹتھ دٕژاو''

''سہٕ مۄذٕ'' تہِ چھے موضوٗع اعتبارٕ اَمے قبیلٕچ نظم۔ مگر اَتھ منٛز چھُ راوی سُند نقطہٕ نظر ہنا مختلف۔ راوی چھُ ترٛٹیمس شخصس متعلق وَنان زِ پننِو نظرواندرٕ دأرِتھ

دِتھ موژم سٕہ (بلکہِ مؤ دسٕہ) تہٕ ٲتی گوس سۄر۔ سٕہ شخص یس ییٚتہٕ تس بظاہر کانٛہہ دردُک رِشتہٕ اوس مگر تہِ اٲسۍ تہِ اوٗسُس جگرُک اڈ باسان۔ تٔسی گٔنڈِن ہنگہٕ منگہٕ بدل شکل۔ نمرٗدٕنۍ ہش اٲسس نظرِ تہٕ سارٕ اٲس از بیٚیہِ نٲن۔ راوی چھ ونان زِ ''آدم خورس اوس شکارس مٲل پیوٚمُت'' پتہٕ یہِ سپُد تَتھ متعلق چھ راوی سُند دُتزٕ ایل احساس۔ توے چھ آخرس ونان:

لاش اٲنم تمہِ رِچھ کھکھرِ تہٕ با کھ ژٕھٹم

لرِ بیٚٹھس تَتھ لاشہِ تہٕ منہٕ منٛزٕ کٔرم دفن

دُکلہٕ گٔنڈِتھ راوی سُند دُتزٕ ایل احساس ووتلاوُن تہٕ چھ نسیم نہِ شاعری ہُند اکھ خوبصوٗرت انہار۔ غزلن ہنٛدی یم کینٛہہ شعر چھِ مثالہِ رٔنگی پیش:

سَتھ گنڈ پٔس بہٕ ترٛاوان اٲسس یادٕ گوٚژھنہٕ مے کانٛہہ روزُن

بر وۄتھ تھاوِتھ پیاران کس چھُس باسان چھم ہانٛکلہِ گوٚوٹھس



یتھٕ کُنۍ چھُنہٕ یوٚت کانٛسی یُن تاہم برٕوٚتھی تھاوان چھُس

یہِ وۄژھ منٛزٕ کتھ۔ اوٗت تانۍ اٲسۍ اٲسۍ شعری کردار ہنٛدِ ماضی چہِ مجبوٗرِیہِ ہنٛز کتھ کران۔ مجبوٗرِیہ تہِ ماچھ اکۍ پاس۔ ''خابس منٛز'' نظمہِ ہنٛز مجبوٗری چھےٚ بِلکُلے اکھ مُتضاد کیفیت۔ یتھ کُن بہٕ نظمہِ ہنٛدِ یمہِ مِصرعہٕ ستۍ اشارٕ دِمہٕ:

ہَتہِ تلرِ چھُن خوش وُن تیلُن

ممکن چُھ نظمہِ ہُند آخری بنٛد ماکرِ یہِ دۆیمہِ قسمچ مجبوٗری مجھنٛس منٛز مدد تہٕ ہرگاہ نہٕ مجبوٗری ہُند یہِ پہلوٗ بیان آسہِ ہے سپد مُت سون یہِ شعری کردار اوسنہٕ تیٚلہِ انسانی بلکہِ بدل کینٛژھا۔

وأنٛجہِ تل اوسُم تیوٗنگل وُہان
نہ مےٚ اُس بدس کانٛہہ رازٕ سیٖ
نہ بہٕ مانہٕ مےٚ اوسنہٕ راوَن تیوٚل
پۆت پھِرکی خابن مۆرآوس
مۆت واولبن کتہِ دژاو سہ ژۆل

زنانن ہنٛدِ مکروفریبکہ کتی قصہٕ چھِ ازتانی مختلف زبانن منٛز نثر تہٕ شاعری ہنٛدِس رنٛگس منٛز پیش کرنہٕ آمتی، تِتھےٚ کُنی چھِ مردن ہنٛزِ بےوفائی ہنٛدی تہِ واریاہ داستان۔ ''نہ ژھاے نہ عکس'' کتابہِ منٛز تہِ چھےٚ اسہِ امہِ قسمہٕ چہٕ مثالہٕ میلان۔ یقیناً چھُ اتہِ کتھِ ہُند فنکارانہٕ اظہار تہٕ Treatment فریب، آدمی زال تہٕ مۆ زرینٛز ہشن نظمن منٛز چُھ یہِ موضوٗع لطیف اندازس منٛز ورتاونہٕ آمُت تہٕ شاعر چھےٚ نِسوانی طبقُک پۆکھ رٹِھتھ کلہم آدمی ذات ژزنانہِ ہنٛدِ استحصالک ذمہٕ دار زانان۔ لۆکھ یا آدم وُنتھ چُھ اکثر جاین مطلب مرد۔ بذاتِ خود زنانہِ ہنٛز کمزوٗری تہٕ مجبوٗرِیہِ ہنٛز حالت تہِ بنیہِ لُکہِ مِتس منٛز تمی ہنٛدِ خاطرٕ وارےباعث آزار:

پیوَنٛد کرنہٕ کہِ ہاوسہٕ منٛج نکھ اکھ پنہٕ داو تہٕ دِژہس ما
نبتھ نٛنی سِر وُچھ لُکہٕ ارساتن ژھرن دۆ پٔکھ تس کنہِ لاین

داستان، دلیل تہٕ تمثیلن ہُند رنگ چھُ نسیم شفائی نہٕ شاعری منز نمایاں۔ تٔمی سٕنزن نظمن کیو غزلن منز چھےٚ اسہِ پٔرستانن، شہزادبن، پاتالن تہٕ داستانوی کردارن ہٕنز ذکر میلان۔ ''زٲنی موٚت''، ''پٔری یہِ کتھ'' تہٕ ''پاتچھا کتھ'' نظمہٕ چھےٚ اَتھ سلسلس منز خاص پاٚٹھی قابلِ ذکر۔ چنانچہٕ ''پاتچھا کتھ'' پران پران چھِ مقبول شاہ نہٕ ''گُلریز'' تہٕ ولی اللہ متو نہٕ ''ہی مال'' مثنوی ہٕندی منظر دیٖد مان یوان۔ یوٚہن جاین چھےٚ سٲنی یہِ شاعر پزٲنبن کردارن تہٕ منظرن نٔوس (Content) ہس منز نوِ انہارٕ پیش کٔرتھ نوٚو زُو زبتہٕ ساٚدٕ روار تیٚہہ تہٕ تژاے بخشان تہٕ اَتھ ستی چھُ اسہِ تمی سٕندِس روایئٕ ہٕندِس شعوٗرس تہٕ ادبی ورثس متعلق حبہٕ آگاہ آسنک باس لگان۔ کُنہِ کُنہِ چھِ اٚمی ہٕندی شعر پٔرتھ ذہنہٕ کس کتھ تانی گوشس منز پزٲنبن تہٕ ازکال کِمن شاعرن ہٕندی خوبصوٗرت شعرٕ گنگراونہٕ یوان۔ مابائے شاعرن ہُند کانہہ کانہہ شعر چھُ تسٕندِس ذہنس منز تیتھٕ کٔنی بٔستھ زِسہ چھُ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ تژ ایہِ نٔوٕ باوَتھ پزاوان۔ وُچھتو کھیم شعر:

وتہِ سمکھم باژری واو بٔنتھ
کتھِ رٹہٕ ہَن اوسُس دوٗر گوٚہن
ژوٗل ژھالہِ یہٕ کیٛاہ ونہٕ ہس ٹھہرُن
سٕہ چھُ میٚون مَدُن سٕہ چھُ میٚون مَدُن



سُہ دژاو واوِ ہزاز ے ژوٗلم        مےٚ روٗز کتھ کرٕنۍ
بہٕ راوِ کیاہ زِ گُمانۍ اوٗسُم        مےٚ روٗز کتھ کرٕنۍ



گُھنڈۍ پھُٹۍ لفظن معنے کرہَس تس اُس لارٕ ے آوتہٕ گوٚو
بر مُہٕ راوان کتھِ کوٚرنم ژس حاۍرتھ اوسُم کیاہ ونہٕ ہس
یِتھۍ ہوۍ شار پرِتھ چھنا مجبوٗرن یہِ شعر ژٕبتس پیوان زِ:
ژلہٕ لارِ وُچھمکھ حال ونہٕ ہےٚ وارِ وُچھہَے روے
گلہِ زبو مےٚ گَیم اوٗش ووٗتھُم دَدرایہِ ونۍ کیاہ
یِتھےَ پاٗٹھۍ چھُ رسُل میرُن شعر:
ٹھس گوم ہانٛکلہِ دژس گوم بُرۍ یے
ژس گوم واٗنٛجہِ یار ما آو
تہٕ نسیمُن یہِ شعر لفظہٕ ٹلہٕ تژ اوَکنۍ رلان:
ٹھس کوٚر گمۍ تانۍ رسےَ برَس اِد اُندری ژس تس گوٚو
از چھےٚ وُچھان تھلہِ تھلہِ بیٚیہِ تمہٕنے یاونہٕ کنِن رٕٹمۍ جامن
یِتھِین شعرن منٛز چھُ زباٗنۍ ہُند دٕہشر نوٚن تہٕ نسیمُن یُتھ ڈیوٗ شعر یِیتہٕ نہٕ
لفظن ہُند یُتھ کانٛہہ دٕہشر موجوٗد چھُ تہِ اُستھ تہِ چھُ لَل دیدِ ہٕندِ اکہِ خوبصوٗرت
واکھچ پوٚت آواز باسان۔ حالانکہِ Situation چھےٚ بدلیے۔

جامہٕ رۆنگمُت نالٕکی ترٛووُن دژ ایہٕ ٹنٛز
مارکس منٛز پیٚوس ظوٗن یہٕ چُھ جامہٕ ژھوٗ ٹ

تہٕ للہٕ ہُند واکھ چُھ:

ہچِوٚ ہأرنجہٕ پیٚژو کان گوم
ابکھ چھان پیٚوم یتھ رازدانے
منٛز باگ بازرس قُلفہٕ رٛوس وان گوم
تیٚر تہٕ رٛوس پان گوم کُس مالہٕ زانے

"وشفہٕ" نظم پران پران چھےٚ پھِری پھِری راہؔی صأبٕنی نظم "دہہٕ وٕہٕری" یاد
پیوان۔ ہشرٕ کی کیٖنٛہہ پہلوٗ وُچھو:

بڑ اندٕ پیٹھٕ وٕ ژ ہ سوتہٕ بڑ بتھ پأوی کُرِس میٹھٕی کھورن (نسیم)
اوٕ تیٖمی ہیرِ قدم میٹھٕی دِوان گٕنٛز رأوِس (راہؔی)

نسیؔم نٕہ نظمہٕ ہُند اٰخری شعر چُھ:

کوٗر زہنہٕ جستہٕ پھُلےٚ آنگنہٕ ہی تھرِ نیران
کوٗر زہنہٕ خاب ٹٕاٹان سر چھُ نمان زوٗ چھےٚ کلان

تہٕ راہؔی صأبنہٕ نظمہٕ ہُند اٰخری شعر چھُ:

قبرِ منٛز ما چُھ ڈلان کأنٛسہِ لِکر پھُلیہِ ہوا
قبرِ پیٹھ پیٚوٗ رچُھ بڑانان تہٕ پھولان ٹٔوی سوسن

راہؔی صأبُن اکھ شعر چھُ:

أنہٕ ڈبہٕ پھٔر ہٕرٕ چھےٚ گانٛگل اتہٕ مہٕ بیٚہہ
کانٛہہ عکس کھنٛگالہٕ ترٛاوی کیٛاہ کرٕکھ

تہٕ نسیمٕنٕ شعر چھُ:

أنہٕ لبہٕ ہٕنٛدی تم عکس بتھِ نیرنٕے
ازتہِ چھیےٚ کینٛہہ شکلہٕ اتہٕ بسکین در

مماثلتکی یم پہلوٗ وُچھتھ گژھ نہٕ ہرگز تہٕ یہٕ معنہٕ کڈنہٕ یُن زِ نسیمنٕی یتھی ہوی شعر کیٛاہ چھِ ثانوی اہمیت تھاوان بلکہِ چھُ یمن اکھ پٔنُن کینواس۔ یتھی اثر قبول گٔرِتھ تہِ چھےٚ گُنہٕ گُنہٕ نسیم بڑٕونہٕے بیان کرنہٕ آمُت تجربہٕ زیادٕ بہتر رنٛگس منٛز پیش کران۔ راہی صابُن اکھ زبردست شعر چھُ:

اَنٛگ اَنٛگ وُچھمس سیمنہٕ جتھ کتھ کتھ وٕنی نم لوہ تٔے شال

مےٚ یمن دوہن یہٕ شعر پۆرمُت اوس مےٚ اوس باسیوٗمُت زِ یُتھ تجربہٕ ہیکہٕ نہٕ بیٚہہٕ گُنہٕ طریقہٕ بیان سپدِتھ۔ یقیناً چھےٚ اَتھ شعرس شدت تہٕ تیٚہہ مگر کاشرِ غزلہٕ کس روایتی مزاجس ہم آہنگ چھُنہٕ۔ یہٕ کتھ گٔر مےٚ تمہِ ساتہٕ محسوٗس ییٚلہِ مےٚ نسیمُن سہل کاشرِ پھورٕ مطابق سۆت سۆت لفظن منٛز یہٕ شعر پۆر۔ بلکہِ شعرُک نِسوأنی انداز چھ میٛانٛی کٔنی اَتھ زیادٕ ے خوبصورت بناوان، پتھٕ ییٚلہِ دُکلہٕ تہٕ دُبامبرِ گوٚمُت کردار متکلم آسہٕ تہٕ مونث باسہِ:

لُکہٕ ویہوٚزٕ پیٚوٕ مژر کرُن
نتہٕ أس چشمن تریشی یأژ

''لفظہ روٗس''نظمہِ منٛز تہٕ چھےٚ یہِ کتھ ییٚمہِ اندازٕ بیان کرنہٕ آمٕژ :

بہٕ تہٕ ماونےٚ زہنٛے زِمےٚ چھےٚ پانہٕ متھ گوٚھان

ژےٚ تہٕ ما وَنی کہنٛے زِبہٕ چھس پانہٕ یی یژھان

یہِ تبصرٕ ہیوٚتُن طویل بنُن، تہٕ اَستھ تہِ یژھ یہِ کتابہِ منٛز موجوٗد باقے

کینٛژن اہم تہٕ غالب موضوعن کُن تہنٛد توجہ پھرُن۔ موجوٗدٕ دورس منٛز انسانہٕ

سٕندِس لُکہٕ گنٛزرس منٛز اَستھ تہِ تنہا آسنہٕ کِس موضوعس پیٹھ چھےٚ نسیم نہِ کینٛژہ نظمہٕ۔

''وہ پرٲزی''چھےٚ اکھ خوبصوٗرت نظم ییٚمیُک اَخری شعر چھُ :

دوٗر برتیوٚت نہ سمکھُن سمکھِتھ

نزدیکی ترٛاوٕ لرِ لوٚر پان

تہٕ غزلُک شعر تہِ بوٗزِو :

لُکہٕ ارساتھ تہِ اوسنہٕ دَپہو تھِھ یَلہٕ ترٛاوتہٕ راوی توٚ ے

لرِ لوٚر پکہٕ وِنی آدم ژھینہٕ گری پنٛنی پنٛنی وٲراگن

''شہرِ بےصدا'' تہٕ ''نِدا'' ہشِن نظمن منٛز چھُ نسیمُن ہم عصر سیاسی معاملن

تہٕ خاص کٔرتھ کشیرِ ہنٛدِ بن حالاتن ہُنٛد شعوٗر ونہٕ یِوان :

| | |
|---|---|
| دیان سہ سرٕ گُل تہٕ وونی | رٔٹتھ اوٚنگھ ژٔٹتھ اوٚنگھ |
| تہٕ تس چھِ پےٚ پتاہ پرٛژھان | از تہٕ گُلِلہٕ ہُنٛد وٕنتھ |
| ''ژےٚ چھےٚ خبر ژٕ زانی چھکھ | یہِ اوس شہرِ بے صدا |
| یتےٚ چھُ لولہِ چیر کیٚنش | یا منع تہٕ نتہٕ سزا'' |

''تم لُکھ'' نظمہِ منٛز چھ ییمہِ دُنیاپیٹھ نیرن والین ستی وابستگی ہنٛدِ ذکر تہٕ تہنٛدِ گذرنک غم۔ ''یوگہٕ پھیرُ'' نظمہِ منٛز چھ جہیز ہوِ بدعتُک ''وبسر پموستھ'' نظمہِ منٛز شُر بن ہنٛدِ بالغ سپدنہٕ پتہٕ تہنٛدِ دۄرگوھنُک موضوٗع۔ ''اسرار'' تہٕ ''رہ ئِمس''، ہشن نظمن منٛز چھ سِری فضاتہٕ ووتلان مگر بیانس منٛز کینٛہہ روایۍ ڈٕلتھ کتھٕ چھےٚ شاعرِ سُنٛد وشفہٕ ہیۆ باسان۔ اسرارک یہٕ گوڈنِکۍ بنٛد:

منہٕ سرٕ ٹرِی تھے\
سوچہِ بٹھِس نکھٕ\
خابہٕ شہرٕ چھے\
أچھ وُٹھ تھےٕ وُچھ

روایت چھےٚ یہِ زِ منہٕ سرٕ ٹرِتھ ہیکی نہٕ سوچہِ بۆٹھ أستھ۔ خبر شاعرس کیاہ چھ مطلب؟۔

پرۆف کوتاہ تہِ حبہٕ سان پٔرِی تن انسان، غلطِیہٕ چھےٚ روزأنی مگر کُنہِ جایہِ ہنٛز غلطی چھےٚ زن زیادَے پہن پۆٹھ باسان۔ نظمہٕ ھسں منٛز شأمل گوڈنچی نظمہِ یتھ ''اکھ بنٛد'' عنوان مانو چھُ میأنی کِنی ژۄرمہِ سٕطرِ منٛز ''نہٕ'' لفظہٕ پیۆمُت۔ Negativeبدلہٕ Affirmative ۔ پانٔے سۆچو معنیٖس کیاہ بنہِ۔

منٛز اِچھ کانٛہہ رِکھ تہِ آسی زورَوَر\
یُتھ (نہٕ) نہناوَکھ کرَکھ پنہٕ کانٛہہ مژر

أخرس پٕٹھ ژورَن غزلن ہٕندی یِم ژور شعر:

دارِ نیٚبرٕ ی بَنٛز اوسنہٕ کاثِہہ یُس کن دِیہٕ ہے
واوِ رِنٛگا اکھ ڈٔج تہٕ تمی شووَے گُرنس



اگر بہٕ زِتنہِ برَکھ دامنس تہٕ ہاوِ تُمِس
سُہ زانٛی تن زِ بہٕ چھس از تہِ ئُو تہٕ رایہِ کران

آسہِ ہے نَے وعدٕ دیتُمُت اکھ أکِس از سمکھٕنگ
کِیُتھ سہل کوتاہ شِہل مُشراونک وق آسہِ ہا



سَتھ تَہہ اوُسس توسہٕ کُتِھ اِدٕتھی اوُسس اکھ جامہٕ کرُن
مول کرنَے تس رنگرَس ہووُن تمی دؤپنَس یہِ چھ أویُل زال



تبصرٕ نگار: فاروق شاہینؔ☆

# احساس




کتابہٕ ہند ناو: احساس

مصنّف: غلام محمد غمگین

چھپن وری: ۲۰۰۸ء

ضخامت: ۱۳۷ صفحہٕ

مول: ۲۰۰ روپیہِ

شأعری چھےٚ انسأنی جذباتن تہٕ نفسیأتی مَسلن ہٕتی ہٕتی زندگیہِ ہٕتی جُڑِتھ سِر سأوی اُولین تہٕ زأوی لبن مَسلن پننہِ آیہِ ترجمأنی کران۔ اَتھ منز چھ لمحأتی پزرن تہٕ تلخ حقیقژن لفظن ہُند تیتھ وردن لاگنہٕ یِوان یُس اَتھ منہٕ مون تہٕ لۆبہٕ دُن بناوان چھ۔

شأعری ہنز آفأقیت چھےٚ قومن ہُند تقدیر سند اران۔ تِمن تعمیری تہٕ مثبت روخ پاناوُنس پیٹھ مجبوٗر کران تہٕ عظمتکی تہٕ آدرشن ہندی خاب وُچھنکی ژھل تہٕ ول

☆ بٹہ پورہ لنگیٹ، کشمیر

فراہم کران تہٕ یتھٕ پأٹھۍ چھُ قومن ہندِس کلچرس، ثقافتس تہٕ روأیژن مول ہُران۔ شأعری ہینہٕ حُسنک تلاش چھےٚ تتہِ چھےٚ عشقٕچ دِلاویزی، دوٗراندیشی تہٕ بالغ احساسٕچ فِکرتہِ دأیِراوان۔ حساس تہٕ بیدار مغز شأعرن ہنٛزِ شأعری پیٹھ چھُ مُلکن کیٛو قومن فخر۔ یِتھۍ فنکار چھِنہٕ صرف پننے مُلکٕکۍ یا قومٕکۍ نُمایندٕ شخص بلکہِ تِہنٛدی آفأقی پیغامہٕ کنۍ چھِ یِم تہِ آفأقی انسانٕہ۔ سارِنٕے فرقن، مذہبن، مُلکن تہٕ قومن ہٕنٛدی فرد۔

شأعر چھُ نٔو زبان تھُران تہٕ یتھ زبأنۍ منٛز سٕہ شأعری چھُ کران تتھ چھُ ترکیبو، استعارو، کنایَو تہٕ محاورَو ستۍ شیران تہٕ پأران۔ جرمن نقاد سائی مانگ سُنٛد قول چھُ زِ ''رُت شأعر چھُ زبأنۍ ہنٛز دوشیزگی بحال کران''۔ عام فہم مَسلن ورگہٕ اظہار عطا کرِتھ چھُ سُہ شعرس آفأقیت بخشان تہٕ ظأہری کیٛو بأطنی، مقأمی کیٛو عالمی خیالن تہٕ تجرُبن چھُ پننہِ شأعرانہٕ اظہارٕ ستۍ مولانکوٗن کران۔ اَتھ تنوظرس منٛز چھےٚ غلام محمد غمگیٖن صأبنۍ تازٕ شعرٕ سوٚمبرن ''احساس'' یِتھےٚ ہیوٗ احساس پرِتھ تہٕ معنہِ ژأرِتھ بیدار کران۔ غمگیٖن صأبن چھےٚ یِمہِ شعرٕ سوٚمبرنہِ برٛونٛہہ ترٛےٚ کتابہٕ ''ریٚہہ تہٕ سریٚہہ''، ''میراث'' تہٕ ''کُلیاتِ وازٕ محموٗد'' بازرس ترٛاوِمٕژ۔ یِہنٛزِ ''ریٚہہ تہٕ سرٛیٚہہ'' شعرٕ سوٚمبرنہِ چھُ ریاستی کلچرل اکیڈیمی طرفہٕ ایوارڈ تہِ حأصل سپُد مُت۔

''احساس'' شعرٕ سوٚمبرنہِ ہُنٛد مطالعہٕ کرنس دوران چھُ یہِ باس لگان زِ شأعر چھُ سیٹھے حساس تہٕ ہُنر مند، یَس عروٗضٕچ زبر زان آسنس ستۍ ستۍ شعر فہمی ہنٛز رٕژ شود بود چھےٚ۔ پننہِ پابند شأعری خاص کر غزلس منٛز چھُ أمۍ سُنٛد فن پوٗرٕ جاہ و جلالہٕ سان دیٚد مان یِوان۔ أمۍ سٕنٛدی شعر چھِنہٕ فقط ہُنر مندی تامٕے محدوٗد بلکہِ

تِمن منٛز چھُ ابہام، روأنی، موسیقی ہُنٛد پھرِ پھہہ، استعارن تہٕ محاورن ہُنٛد برمحل تہٕ باوَزن اظہار تہٕ میلان۔ شاعر چھُ لفظ گرٕ گرٕ ورتاوان تہٕ شعرس منٛز مُنأسب جایہ استعمال کٔرِتھ چھُ مطمئن سپدان تہٕ یتھٕ پأٹھی چھُ پرَن وألی ہنٛدِس ذہنس منٛز شعر تیُتھ فضا ووتلاونس منٛز کامیاب سپدان یُس تس نۆرتہٕ سرٛۆر عطا چھُ کران۔ شعرن منٛز یُس شاعرانہٕ حُسن درٛینٛٹھی چھُ گژھان سُہ چھُ غمگین صأبنہٕ انتھک محنژٕ ہُنٛد نتیجہ۔ تِہنٛز شاعری ہُنٛد مطالعہٕ کران چھُ قأری ژینان زِ غمگین چھُنہٕ صرف أکی ہےٚ موضوعس لور بلکہِ تِہنٛز شعری تخلیقہٕ پران پران چھِ نۆوٕ نۆوٕ موضوٗع منظر بدلأوِ بدلأوِ پیٛن گاہ ژھٹان أچھن تل یِوان۔ ''احساس'' شعرِ سۆمبرنہِ ہنٛز زبان چھےٚ موجوٗدٕ دورِچ زبان۔ یہِ زبان چھےٚ ادبہٕ کِس قأرِیس ویٛژ تہٕ یہِ زبان چھِ أسی دوہ دۄہَن چہِ زندگی منٛز عام کٔیو خاص معاملن منٛز ہرگُنہِ جایہِ ورتاوان۔ اِوَکنہٕ چھُنہٕ قأرِیس یہنٛز شاعری پران پران سمجھنس منٛز کانٛہہ دِقّت محسوٗس سپدان:

دۆہَس شعوٗر چھُم ژلان وأراگ کیاہ چھُ پایے
دۆہَنم چھُ مُتی کتھن اندر پوشیدٕ انقلاب

غزل چھُ مشرِقُک پأداوار۔ یہِ چھُ مشرقی زبانن منٛز یسلہٕ پأٹھی ورتاونہٕ آمُت تہٕ یِوان تہٕ چھُ۔ موجوٗدٕ دوراگرنظمہِ ہُنٛد دور مانٛنہٕ چھُ یِوان تہٕ کرِتھ تہٕ چھُنہٕ غزل کم اہمیت تہٕ افأدیت تھاوان۔ غزلس چھےٚ اکھ شاندار ادبی روایت ڈٕکھنس۔ پروفیسر شفیع شوقؔ چھُ لیکھان:

''اگر اَتھ سنجیدٕ شأعری ہنٛدی پأٹھی ہر زمانٕچ نمایندٕ شأعری بُنٛن چھُ تیلہِ چھُ اَتھ عروٗضک خیال تھأوِتھ تہٕ عروٗض چہِ غلأمی نِشہِ آزاد روزِن تہٕ زندگی ہنٛد بن بدلوٕنین پژرن تہٕ شأعرٕ ہنٛد بن لمحأتی احساسن، جذبن تہٕ تصورن اظہار دِیُن''۔ (انہار۔۲۰۰۸ء)

غمگیٖن صأبنہِ غزلُک شعری ورتاو چھُ معنہِ سوو۔ پٔتمین غزلیہِ شعرن منٛز چھےٚ تٔمی ہنٛز کوٗشش ہمیشہِ یہِ روزمِژ زِ زندگی ہنٛدی بدلوٕنی پژر قبوٗل کٔرِتھ کرِ سہٕ لمحأتی احساسن، جذبن تہٕ تصورن ہُنٛد اظہار۔ یہِ کرنس منٛز چھُ سہٕ وار یاہس حدس تام کامیاب نظرِ یِوان:

زوٗنہٕ گاہ اوس مےٚ از دارِ اژاں بُرٕی نیراں
یاوٕنک پژون چلے جاو، مےٚ پیٚو یاد وولو



لحظٕ پتہٕ لحظٕ چھےٚ بدلان بُتھین ہنٛز حالت
لفظٕ پتہٕ لفظ پران نامہٕ اعمال پٔتُن



ژھوان چھِ ژأنگی تہٕ رَژھ رَژھ برُاں چھےٚ تأریکی
وژھو أچھو تہِ یہِ سوٗرے بہٕ ژھٕس وُچھان سپدان



تمام اہلِ شہر أسی تس کراں کنہِ روٗد
ملالہِ گوس مےٚ لوٗیس گولاب کیاہ کرٕ ہا

یِم شعر پٔرتھ چھےٚ کتھ لمحاتی احساس تہٕ جذبہٕ کاڈ کڈان تہٕ اکھ ڈرامایی فضا چھ بارسس یِوان تہٕ پرَن وول چھ محسوٗس تہِ کران تہٕ وٕلسنس تہِ یِوان۔ غمگین صأب چھُ لفظن نٔوی معنے دِتھ نٔو زبان تھُران۔ سُہ چھُ لفظن ہٕندی نٔوی معنوی امکانات بدِ کڈان۔ وُچھِو ''صحراو'' لفظس کمن کمن معنوی جہاتن ہُند سأرٕ چھ کرناوان:

پرٛبتھ زمستانس اندر رٕژھرِتھ وَچھس منٛز نارِ کھل
شوقہٕ صحراوس رگن ہُند رَتھ دِتھ بختاورَے



ترٛیشہِ ہُتی اُسی کراں اوٚبرٕ لنگن ہنٛز تحقیق
اُسی صحرأوی لبھان سپنٛس سمندر سأری



گوٚژھ نہٕ صحراو کڈُن کاڈ تہٕ ژاپُن ہن ہن
کاو حأراں تہٕ وأراں شہر گوٚژھ نہٕ گرٛوٚھن



دِیٛتھ میأنِس جوٗنس آنتھٕ روٗس صحراو کیٛتھ
گٔرِم تتھی اعتبارس لولہٕ ۂنٛز دیوانگی ارپن

کٔشیرِ منٛز یُس اکھا تہِ زاو، بڈیٛاو، پرٛبتھیٛاو تہٕ بالغ سپدیٛاو تٔمی ہٕندِس شعوٗرس کیٛو لاشعوٗرس منٛز چھِ ییٛتہِ کمن حالاتن ہنٛز ترٛژھ شبیہہ اُرٕ گٔرِتھ۔ بظاہر چھ نٔیبرِ کنی ہر کانٛہہ خوش۔ مگر یِہ چھےٚ اکھ تلخ حقیقت زِ پرٛبتھ کأنٛسہِ ہُند اند روٗن چھ

حقیقی خوشی ژھاران ۔ امہِ کنۍ چھ أنٛدری کنۍ سأری مایوٗس ۔ اَتھ مایوٗسی چھِ ہتہٕ وادوٗری گمتۍ ۔ کانٛسہِ تہِ ییٚتہِ کس بسکیپنس چھ جذباتن معموٗلی ٹھیس لگنہٕ ستۍ اسان اسان اوٗش جأری گوٚھان، تمہ چھِ گاہے ژٕپان تہٕ گاہے خوش سپدان تہٕ گاہے اتھِ ژتھوٚ دتُلتھ خدایس سٕنٛزِ بارگاہہِ منٛز منٛگ منٛگ کران ۔ غمگین چھ تتھین واقعاتن تہٕ حالاتن ہُنٛد چشم دید گواہ ۔ تمۍ یہِ کینٛہہ ہاتہِ وُچھ تہٕ محسوٗس کوٚر تمیک عکس چھ تمۍ سٕنٛزِ شأعری منٛز جایہِ جایہِ میلان ۔ ''احساس'' شعرٕ سوٚمبرن چھےٚ گواہ زِ شأعرٕ سٕنٛدِس دِلس تہٕ دماغس منٛز چھےٚ کشیر ہررنٛگہٕ آباد:

داغ تیٚتھ داغ زِ ہاوٗن نہٕ بنان

دود أنٛدرِم ژوٗرِ تھاوٗن نہٕ بنان



درٛمُن دوٗ دمُت تہٕ پوشن ہام پیٚمٕژ

یہِ ما روٗدن تہِ چھوٚک تیزاب شہرس



خدایہِ پاسِ حُسینؑ کر تہٕ سون موکلن پاے

چھےٚ یتھ زمینہِ تہِ نأزل بلایہِ لاتعداد

غمگینس چھ احساس زِ کانٛژری چھِ پتہٕ پتھےٚ احساسِ کمتری ہنٛدی شکار ۔ اِہ کنۍ چھ تمن گنہِ گنہِ ساتہٕ پٔنٛن پان تہِ پرٕ ژھیوٚن باسان ۔ حالاتو کٔری تم تیٚتیاہ گیر زِ کانٛسہِ پتھ روٗدُکھ نہٕ بروسے ۔ اِہ کنۍ لیس یپأری خوش چھ کران سہٕ چھ تیأری

پٔکتھ پٔن مطلب حاصل کرنٕچ کوٚشش کران:

راتھٕے اَسی کعبس اندر
از ژاٲمتۍ بُت خانٕہ چھِ لوٚکھ



چشمن اندر مے اَسی رٔچھِتھ تھاوِمتۍ طماہ
آوِ نہٕ وٕتھن پیٹھ مےٚ تٔمس کیٚت دُعا تہٕ اوس

۱۹۶۰ء پتہٕ آو کاشرِ شاعری منز اکھ نوٚو رُجحان بارسس۔ییٚلہِ شاعر پننس اندروٚنس سام ہیٚنہٕ لگی تہٕ تہٕنٛد غالب موضوٗع بنیوٚ انسانی وجوٗد۔ یہِ رُجحان آو مغرب پیٹھٕ تہٕ کاشری شاعرتہٕ روٗدی نہٕ مُتاثر گوٚژھنہٕ نِشہِ۔اگرچہِ کٔشیرِ ہنٛز زمین اَتھ رُجحانس وُنہٕ تہٕ وَژھواُنجِہ قبوٗل ہیٚچ نہٕ کٔرتھ۔تِکیازِ مشرقی قدرن (یمن منز کٔشیر تہٕ شامل چھےٚ) تہٕ مغربِ چین قدرن منز چھےٚ کتہِ کور فرق۔مگر امہِ رُجحان چہٕ ژھایہِ تہٕ گژایہِ چھُ کُنہِ کُنہِ ساتہٕ یمہِ سرزمینہِ ہُنٛد شاعر تہٕ محسوٗس کران:

الفاظ گٔمتۍ روٹہٕ تہٕ اظہار گژھاں رٔسی
معنے چھِ گمتۍ قاد تہٕ منظر چھُ فضا بند



گوٚژھنہٕ یتھ بستی ووں تِتھےَ پاٹھی بنٕن زیوٚٹھ جنگل
تاپہٕ ٹیٚکی گوٚھ نہٕ ژھیوٚنی ،ژھایہِ گنبر گوٚژھنہٕ گژھن



دوستن نِش چھِ أسی وفا ژھاراں

پۆز چھُ یِ أسی چھِ بے وفا سأری

غمگیٖن صاب چھُ نعت، رُباعی، مرثیہِ، مناجات تہٕ نظمہٕ تہِ لیکھان۔ راتھ تہٕ از، احساس، اندیشہٕ بیترِ نظمن منز چھےٚ کشیرِ ہِندی خوبصوٗرت منظر تہٕ پُرآشوب دورٕچ عکأسی میلان۔ تمی ہنزٕ نظمہٕ پران پران چھُ احساس گنان زِ تس چھِ کأنتیاہ منظر تہٕ پۆن پتھ کال راوِنک راون تیوٗل أندری وَچھ کوٗران یِتھ منز سانہِ عظیم قدرٕ تہِ شأمل چھےٚ۔ ووٚنی گوٚو أمہُند فن تہٕ اظہار چھُ زیادٕ پہن غزل تہٕ پابند شأعری منزٕ ے جہار لبان دزٕ ینٛٹھی یوان۔ پروفیسر مشعلؔ سلطانپوری چھُ ’’میراث‘‘ کتابہِ ہِندِس سرنامس منز أکِس جایہِ لیکھان زِ:

’’موسیقیت یا ترنُم یتھ از گائیکی تہِ چھِ ونان تہٕ اَتھ ستی تھِھ دِنہٕ واجیٚنٕز روأنی چھےٚ یہنزِ شأعری ہنز پزٕ زنتھ............ أمہِندِس مزاجس منز چھےٚ موزوٗنیت یوسہٕ پابند شأعری ستی لے تھاوان چھےٚ‘‘۔

ڈاکٹر شاد رمضان چھُ ’’پنٕزٕہن وٕرِین ہُند کأشر غزل‘‘ مضموٗنس منز رقمطراز زِ غمگیٖن چھُ نوبن موضوٗعن نۆو وصوٗرتِ حال ہبتھ نوِ زبأنی منز پیش کران۔ تِہنٛد بن شعرٕ تجرُبن منز چھُ انسأنی دوکھ، مایوٗسی تہٕ بےبسی باوتھ پزٕ اوان۔ تس چھےٚ پننٕی مخصوٗص زبان تہٕ زبأنی ہُند ورتاو چھُ تِہنزِ شأعرانہٕ ہُنرمندی ہُند پےٚ دِوان۔‘‘

(غزلک فن، انہار ۲۰۰۲ء، صفحہ ۱۹۵)

شیراز جون ۱۹۹۶ء منز چھُ درج زِ:

''غمگین چُھ کأشرِ ادبی حلقن منز اکھ ویوٗد ناویس غزلہٕ کہِ فنٕک شعوٗر چُھ تہٕ یُس امہِ کِنہِ زأوی جارن وأقف چُھ۔ تٔہندِ ذاتکی پأٹھی چھےٚ تٔہنٛز غزل تہِ سادٕ، رواں تہٕ شستہٕ آسنس سٟتی سٟتی آفأقی انسأنی قدرن ہنٛز آبیأری کران۔ سُہ چُھ لول ہیٚشناونس سٟتی سٟتی پننہِ وُتُھک زہر منہ شرٛ ؤپرأوِتھ پنٛنی کامیاب شعری تجرُبہٕ اسہِ تام واتناوان''۔

کتابہِ ہُنٛد گیٚٹ اپ چُھ زبر۔ قیمت تہِ چھُس نہٕ زیادٕ۔ وومید چھےٚ زِ پرن وألی کرنس پسنٛد تہٕ سپدن ضرور محضوظ۔



